# انہار

## کأشرِس منٛز تنقید

[جلد:۲]

کأشُر ڈپارٹمنٹ




کشمیر یونیورسٹی، حضرتبل، سرینگر

یونیورسٹی ہُند تحقیقی رسالہٕ

انہار 2011ء

# کأشرِس منز تنقید

[جلد:۲]

مول: ...... رروپیہٕ

کمپوزنگ:- شوکت

ناشر:

کأشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل، سرینگر

# ترتیب



# پیش لفظ

کأشرِ بوچھِ ہتہٕ وادؤری برونٛہہ ادبی جمالیات تہٕ ادبی تنقید کہِ حوالہٕ سبٹھاہ سنجیدٕ تہٕ جامع بحث گرٕ متی یہنٛز اہمیت تہٕ معنویت از تہِ مُسلم چھےٚ۔ یِم بحث چھِنہٕ صرف سانہِ پتھ کالٕچ جمالیاتی تصوُرٕچ تہٕ تنقیدی شعور کی یوت ترجمان بلکہ تمہِ تابناک تخلیقی رِوایژ ہنٛدی تہٕ یِمہِ سأنس احساسِ جمالس تربیت چھےٚ گرٕمژٕ۔ لل دید، شیخ العالمؒ تہٕ کأشری صوٗفی شاعر چھِ اَمی رِوایژ ہنٛدی نشانہٕ تہٕ اَوٕ کنہِ ہیکہِ نہٕ تو تام یہنٛز پزنہٕ پأٹھی قدر سنٛجی سپدِتھ یوٚ تام نہٕ کأشری نقاد پننس تواریخس وٚون دِتھ تتھ رِوایژ ستی ہم آہنگ سپدن یوسہٕ مذکوٗرٕ شأعرن ہنٛزِ تخلیقی تریژ منٛز کارفرما چھےٚ روٗزمٕژ۔

کشیرِ منٛز یوٚدوَے ادب تخلیق کرنٕک سلسلہٕ جأری روٗد تاہم سپُد کأشر تنقیدی شعور اکہِ باضأبطہٕ ادبی شعبہٕ رِنٛگی واریاہس کالس خاموش۔ اَمہِ خاموشی باوجوٗد روز تنقیدی صلأحیژ ہنٛزٕ زِژ سانٛہن شأعرن ہنٛدٕ بن تخلیقن منٛز ہُتہِ ییٚتہِ پرزلان۔ بہر حال وُہم صدی ییٚتہِ سأری عالمہٕ خأطرِ علمی تہٕ ادبی سطحس پٹھ پھروٗژ شابت سپز تتہِ گوو سأنس ادبس تہٕ سأنس تنقیدس منٛز تہِ نووٚزون پایہٕ پأدٕ۔ سون شأعر دراو خلوت خانو منٛز نیبر تہٕ عصری زندگی ہنٛد بن تقاضن ہُند عرفان حأصل سپدِتھ کوٚرن نوین شعری اسلوبن تہٕ ادبی ہیٚژن وٚون دِنٛگ تلاش شروع۔ سانو شعر شناسو یوٚدوَے نہٕ پننہِ پرانہِ تنقیدی رِوایژ کُن توجہ

دیُت تہٕ گرِتھ روٗدی تم لگاتار تمن زبانن ہُند ادب پران یمن پٔتھ تمن دسترس چھُ (اوس)۔ نتیجہٕ دراو یہِ زِ اکھ گوو کأشر شأعری منز دُبارٕ فکری اوبر گوبر پأدٕ بییہ سپز کأشرِس ادبس منز نِوشعری کیو نثری صِنفہٕ متعأرِف یمہٕ از کأشرِ تخلیقی اظہارٕ کی مستند وسیلہ چھےٚ۔

نوبر پسندی ہندِس اتھی عملس (process) دوران ہیٚتِن ادبی تنقیدٕ کی خدوخال تہٕ نمایاں سپدنی تہٕ کأشر ادبی تنقید ہیوٚتُن اکھ اہم ادبی سرگرمی ہنز صورت پراوُن۔ مختلف مرحلو منزٕ نیران بنیو کأشر ادبی تنقید کأشرِ ادبُک قأبلِ قدر شعبہ یتھ لگاتار پأٹھی مغربی تنقیدی نظرین ہنز تربیت آیہ روٗز۔ نمایندگی (mimesis) ہندِ نظریہ پٔتھ غأر شخصی (impersonal) نظریس تام تہٕ نوِ تنقید کہِ نظریہ پٔتھہٕ پس ساختیأتی نظریس تام ......تمام تنقیدی مکتبو تہٕ ادبی تھیوری کوٚر کأشرِس نقاد (لیس عملی نقاد وَنُن بہتر روزِ) سُند تنقیدی شعوٗر چھاپھلاونس منز توأریخی رول ادا۔

انہارِکس أزی کس شمارس منز چھِ اَسہِ پرٛسکی پأٹھی تتھی تنقیدی لیکھ شأمل کٔری ہمتی یمن کأشرِس ادبی تنقیدس منز اہمیت چھےٚ تہٕ ییم کأشرِ ادبہٕ کس طالب علمس کأشر ادب مولناونس منز اکار بکار لگتھ ہیکن۔

**مجروح رشید**

صدرِ شعبہ

# کأشُر شأعری

## موٗجوٗدٕ دور

رحمان راہیؔ

موجوٗدٕ دورٕچہِ کأشرِ شأعری ہنٛز اکھ نمایندٕ خصوصیت چھےٚ امیک تجربٲتی کردار۔ اَمہِ تجربٲتی کردارٕ کنۍ ییہِ کأشرِ شأعری ہنٛدِس توأرٟیخس منٛز أز یُک دور ہمیشہِ اہم گنٛزرنہٕ۔ یہِ کردار وبڈھناونہٕ ستۍ نیرن جدید کأشرِ شأعری ہنٛدۍ حقیقی کارنامہٕ تہِ نٔنۍ تہٕ اَمہِ چنِ اکثر کوتاہین کُن تہِ گرٛہہِ ضأبطہٕ پأٹھۍ ظوٗن۔ موجوٗدٕ دورس چھُ عام پأٹھۍ ۱۹۴۷ کہِ پُرآشوٗب وٕرۍ یہِ پٔتھٕ ڈٕسلابہٕ یوان کرنہٕ۔ یوٗدوٕے یہِ تأریخ چھُ وارِیاہ کتھہٕ نظرٕ تل رٕٹتھ واقٕی اہم مگر امہِ کہِ توصلہٕ ہیکہِ نہٕ کأشرِ ادبٕچ زندگی بالکل بیٚون تہٕ مختلف زمانن منٛز بأگرنہٕ یِتھ۔ قومن ہنٛدِس توأرٟیخس منٛز چھِنہٕ دوہن، رتن یاوٕرۍ ین یہِ اہمیت آسان۔ موجوٗدٕ دورٕچہِ کأشرِ شأعری منٛز ییٚم روجحان لبنہٕ یوان چھِ تِم چھِنہٕ کُنہِ میکانکی ادلہٕ بدلی ہنٛدۍ نتیجہ۔ تِمن پوٚت ژھایہِ چھُ اکھ توأریخ۔ پٔتِمن سأبقہٕ روأیژن بُتھ پھِرٕنکۍ تہٕ نوبرترأشی ہنٛدۍ ییٚم ارمان أسۍ أزۍ کیٚن شأعرن منٛز لبان چھِ تِمن ہُنٛد نَنہِ دانہٕ اظہار چھُ آزادس نٕش تہٕ سپدان۔ حالانکہ سُہ گوو ۱۹۴۸ء ہسے منٛز ییمہِ عالمہٕ۔ اَتھ برعکس چھُ عبدالاحد زرگر ازکل تہِ شعر وَنان مگر تِمس موجوٗدٕ دورُک شأعرٕ وُنن روزِنہٕ صحیح تہٕ نہ ہکو أسۍ عأرضٕن آلو أز یُک نمایندٕ آلو مأنِتھ۔

کأشرِ شاعری ہُند توأریخ تہٕ چھُ بییِٛن ٲکِشن زبانن ہِنٛد بن ادبی توأریخن ہِنٛدی پأٹھی پنٛنِس ژھوٚٹِس آرس منٛز اکہٕ قسمہٕ چہٕ جدلیاۂ ژہُنٛد توأریخ۔ شعر وادب رٕنیمٕ وربو آیژن ہنٛدِ کھرٕ تہٕ بےٚ زُوبناوٹہٕ نشہِ پاک کٔرتھ قو درتس جاۓ نکھہٕ انٛچہ کوٗششہِ چھنہٕ کینٛہہ سأنی ہے دورس ظُمارٕ گنٛڈ ان۔ بغاۓ ژھےٚ بروٗنہہ تہٕ وژھمٕ تہٕ نوبر پسندی چھےٚ پتھ کالہٕ کِہن شاعرن تہٕ تجربہٕ کأری ہُند ہس دِوان روٗزمٕ۔ لل دیٚدٕ ہنٛز وجد آفرینی اۄسی تن یا تٔسند ناصحانہٕ آلو، حبہٕ خوتونہٕ ہنٛز دٕزِونی تہٕ وبگلہٕ وِنی نرم موسیقی چھےٚ تموٗ نشہِ بالکل بیوٚن۔ مقبول کرالہٕ وأری ییٚلہِ گلریز ہنٛدِ رومأنی فضہہ منٛز نیرتھ 'گریسی نامہٕ' کس زمینی ماحولس منٛز اژان چھُ اَسہِ بروٗنٹھہٕ کنہِ چھےٚ ربوآیژ ہنٛز تہٕ نوٕرچ پرأنی جدلیات اکھ نوٗشکل صورت رٹان۔ رسُل میرنہٕ مجأزی نغمہٕ سرأیی پتہٕ یُس لل دیٚدٕ ہنٛز وجد آفرینی ہُند گُنبٕز آلو اَسہِ سوچھِ کرال، نعمہٕ صأب تہٕ شمس فقیرنہٕ صوفیانہٕ لیہِ منٛز کنن گرٕھان چھُ تمیک معنہٕ مُدعا تہٕ ہیکہٕ قدیم تہٕ جدید چہٕ اَتھ چیٚنھہٕ ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز جاۓ جان پأٹھی فکرِ ترٕتھ۔ نٔی کتھ چھےٚ یہ زِ عمل تہٕ ردِعملہٕ کس اَتھ پرأنِس سلسلس چھُ وِزِ وِزِ بیوٚن بیوٚن مذہبی، سیأسی، سمأجی، اقتصأدی تہٕ ثقافتی تحریکن ہُند اَتھ ڈلان روٗدمُت تہٕ یہ چھُ نوٕ کھوتہٕ نوٚی طرح رٹان روٗدمُت۔ چونکہ کأشرِ بو شاعرو چھُنہٕ ادبی تنقیدس کُن ضأبطہٕ پأٹھی کانٛہہ توجہ دِیتمُت لہٰذا چھُ یہ وَنُن سٕبٹھہے مشکل زِ پرانہٕ تہٕ نوٕ چہٕ اَتھ لمہٕ لمہٕ منٛز کتھ حدس تام چھُ تہُنٛد پنُن رول تہنٛزن شعوری کوششن ہنٛدی دٔسی پلیومُت۔ مہجور چھُ سون گوڈنیک شاعر یَس متعلق وثوقہٕ سان ہکو وٕنتھ زِ سہ یمہٕ کوششہِ کأشرِ

شاعری تصوف کہِ غولام گردِشہِ منز نبر کڈنہٕ تہٕ روسُل میرنہِ ربوایژ زِندٕ گرِتھ قو درتس جاےٚ نکھہٕ اَننہٕ خاطرٕ کران اوس تِمن منز اوس تِہنْدِ شعورُک تہٕ اَتھ۔مہجورٕنی پننٕ شاعری چھےٚ معیار پسندی تہٕ تجربہٕ کاری ہنٛز اکھ متحرک تہٕ غار یکسان عمل۔مہجورنِن گوڈنکین بأتن منز چھِ أسی موضوع تہٕ اسلوب دوشونی ہنْدِ لحاظہٕ بیک وقت ربوایژ تہٕ نوٚرس پانہٕ وأنی ٹھوسہٕ ٹھوس لبان۔اکہِ پاسہٕ چھُ سُہ سوچھ کرال تہٕ احدزرگرنہِ قبیلہٕ کین شاعرن ہند بو دینیأتی موضوعو نشہِ لوٚب ہوان تہٕ تِہنْدِ تمثیلی،اشأری تہٕ أکس حدس تام مبہم اسلوب بیانہٕ نشہِ دوٚل وٹان تہٕ دوٚیمہِ اَندٕ چھُ پنٕنہِ نوبر ترأشی موکھ روسُل میرنِن مجاز پسند پھولٕنِن ربوایژن ہُند دامانہٕ رٹان۔اما پوز یوسہٕ کتھ مہجورس مرتبہٕ کھاران چھےٚ سو چھےٚ تَسنٛز وسعت طلبی۔روسُل میرُن پھولٕ نیار سبٹھاہ نہ زأنتھ یوسہٕ کشادگی مہجورن کأشرِ شأعری ہنْدِس موضوعس تہٕ اندازِ بیانس عطا کرِ سو مدِنظر رٔٹتھ چھُ سُہ جایِز پأٹھی موجوٗدٕ دورٕ کین شاعرن ہُند امام مانٕنہٕ یوان۔

مہجور چھُ سانہِ پننہِ صدی ہُند شأعر تہٕ یہ صدی چھےٚ عالمگیر اندازس منز بے مثال تہٕ دوٚررَس انقلابن ہنٛز گِندن گربنیمٕژ۔خودسانہِ ریأستٕ منز آو یتھی وُہی مہِ صدی منز تِمن قِسمہٕ قِسمہٕ قووتن پرٛتھنگ موقعہٕ یِہنْدِ دٔسی ازکل دُرسی تِس ایشیاہس منز رہناسأنی تحریک یاوُن لبان چھےٚ۔وُہی مہِ صدی ہِنْدی خاص گرِتھ گذشتہٕ ترٛہہ پٔنٛژترٛہہ وٕری چھِ کأشرِ قومہٕ کہِ سیأسی،سمأجی تہٕ ثقافتی لحاظہٕ سبٹھے اہم رِوٕدی متِ۔بوزوٕ ہے اَتھ زمانس منز سپٕز کأشر شأعری گوڈنچہ لٹہِ بالغ تہٕ أندی پکھی دنیاہس سام ہتھ ہیوٚتن پننہِ مقام پرٛزناوُن تہٕ

کأشرِ شأعرلگی مجموٗعی طور پٔنٛز شعر گوئی روٗحأنی الہام، وجدان تہٕ وُزی نہٕ علاوٕ اکہٕ باقأعدٕ فن چہٕ صورٕ ژمنٛز تہٕ وُچھنہٕ۔

مہجور نہٕ نوٗبر ترأشی تہٕ کُشادٕ دامنی ہُند اندازٕ ہیکہٕ ییمہٕ حقیقژٕ ستی لگتھ زِ تمۍ أنی کأشرِ شأعری ہنٛز دیوی پننین پیشرو صوٗفی شأعرن ہنٛزو تنگ تہٕ تأریک گوپھونٛز کڈِتھ، تہٕ کٔشیرِ ہنٛزن سرسبز تہٕ شاداب نٔین تہٕ خوشبوہٕ برِتھ پوٗشہٕ وارِہن منٛز واتنأتھ سمکھأوِن عام انسانن تہٕ ہێچھنأوِن تہنٛزی قودرتی زبأنی منٛز گنگرا ے کرٕنی۔ حسن وعشقُک موضوع چھُ کأشرِ شأعری منٛز تہٕ سیٹھاہ پرٕون مگر مہجورس تاں واتاں اوس یہِ اکھ سوسہٕ نیوٗمُت تہٕ رسمی چیز بنیوٗمُت۔ پێٹھہٕ اوس فارسی یُک غلبہٕ آسنہٕ سببہٕ یہِ بێیہٕ ہن تہِ بێ مزٕ تہٕ بێ زُو بنیوٗمُت۔ اَتھ فرسوٗدٕ موضوعس واتنأو مہجورن پننہٕ تجربٕچ ریہہ تہٕ پننین زِندٕ جذبن ہُند دُب دُب کرٕوُن دِل عطا کٔرِتھ کوٗ ژُن یہِ بێیہٕ اکہٕ لٹہٕ حقیقی آرٹ اکہٕ قألبہٕ منٛزٕ۔ تمۍ کوٗ ر روٗسُل میرنس خأرجی پھولوٕنیارس دأخلی روٗحأنیژٕ ہُند پیوند۔ حبہٕ خوتون، أرنی نہٕ مال تہٕ محمود گأمۍ یٚنس سہزرس، نرم رفتأریہٕ تہٕ سوز وگدازس دِتُن پننہٕ پُرکأریہٕ، شوٗخیہٕ تہٕ خوشدلی ستی ہُر بر۔

یوٗدوَے مہجورن گرٕ نہٕ پرانہٕ لولہٕ شأعری ہُند سہ گسہٕ آمُت رسم پُھٹراونچ کوٗشش ییمہٕ موجوٗب لولُک اظہار ہمیشہ زنانہٕ ہنٛزی زیوٕ اوس سپدان، اما پوز اَمہٕ ستی چھُنہ تہنٛدِ کلامہٕ کُس پزرس ٹاس پوان، تِکیازِ امہٕ نظرِ ہرگاہ وُچھوتێلہٕ چھےٚ پرٕتھ کانٛہہ زبان تہٕ پرٕتھ کُنہٕ زمانُک ادب پننین پننین رسمن ہُند پابند آسان۔ مہجورنہٕ کُشادٕ دامنی ہُند احساس چھُ بأتھ تہٕ غزل پٔرِتھ تہنٛز ونظموتلہٕ

پیٚیہٕ ہن تہٕ گنان ۔ موجوٗدٕ کاشُرٕ شاعری ہُند اکھ موُمتاز بلکہ حاوی صنف چھےٚ
موُخصر نظم تہٕ موُخصر نظم لیکھنُک سلسلہ تہٕ چھُ ضابطہٕ پاٹھی مہجورنی پیٹھہٕ شروع
گژھان ۔ مہجورنین نظمن منٛز چھِ گشیرِ ہنٛز قومی، سیاسی، سماجی تہٕ تمدنی بیدآری
ہنٛدی تم واریاہ نقوش لبنہٕ یوان یم جوجوٗدٕ صدی وو برآوی ہٕتی چھِ ۔ تِہنٛزِ لولہٕ
شاعری ہُند نرم آہنگ، وبگلہٕ وُن ماحول تہٕ روماٗنی لہجہٕ چھِ اُسی تِہنٛزن اکثر
نظمن منٛز تہٕ لبان ۔ قودرتکین نظارن چھُ تِتھہٕ کٔنز نقشہٕ یوان تُلنہٕ زِ نتہٕ حقیقت
آسہِ خابس منٛز رٔلتھ گژھان ۔ کینہہ نظمہٕ چھےٚ تژھ تہِ یمن منٛز تِہنٛدی سیاسی
افکار تہٕ سماجی تجربہٕ چھِ ہنگامی اظہارٕ باپتھ تِتھی بےٚ سوکھ باسان زِ نہ چھُ تہٕ
پُنن فن ہبکان قوبوٗ کٔرتھ تہٕ نہ چھُ جذباتیٚژ ہنٛزِ ژنجہِ نِشہِ بچتھ ہبکان ۔
مہجورنین اَمہِ قسمہٕ چن قومی تہٕ سیاسی نظمن ہُند تعداد چھُنہٕ کم کینہہ یمہٕ ہنگامی
جذباتیٚژ تہٕ نار بازی ہٕنٛدِ زالہِ لگتھ تخلیقی وحدٔژ، پوشہٕ وِنہِ حُسنہٕ تہٕ عالمگیر اپیلہِ
نِشہٕ عٔزل گمٕژ چھےٚ ۔ یِژھن نظمن منٛز نہ چھےٚ تجربٕچ نکھہٕ نکھاےٚ (**immediacy**)
تہٕ وُشنیر تہٕ نہ کشف والہامٕچ گیرآیی تہٕ نہ معنہِ تہٕ صوٗرژٕ ہنٛزِ پانہٕ واٗنی کشمکشہِ
منٛزٕ ووبرانٕ والہِ کُنہٕ متحرک وجوٗدُک احساس ۔ باسان چھُ زِ زنتہٕ شاعر
برونٛھےٚ سوٗنچِہ دأیرِ ہٕتی خیال وزن تہٕ ردیف وقافیہِ کہِ مدتہٕ ستی نظماوان
چھُ ۔ ظاہر چھُ زِ شاعری چھُنہٕ خیال تہٕ نظریہ یا عقیدٕ بیترِ شاعری ہٕنٛدِ رِوایتی
رنگ روغنہٕ تہٕ ضایع بدایع ستی سجاوِتھ نظماونٕک ناو ۔ خیال، نظریہ تہٕ عقیدٕ چھِ
ڈلان، پرانان تہٕ مکروٗہ تہٕ بنان ۔ اماپوز شاعری چھےٚ ہر ہمیشہِ زِندٕ تہٕ حسین روزان ۔
مہجورنو آخرالذکر نظمو منٛزٕ چھےٚ کٔژ نظمہٕ اَسہِ پانس وُنی کہٕ پیٹھےٚ بی باسان ۔ تمن

منز چھُنہٕ سُہ فنی پزٕ ریُس زمان و مکان چوحد بند یو نشہِ بے نیاز آسان چھُ۔ شاعری چھنہٕ پننہٕ زندگیہ ہنٛدِ خاطرٕ پننہٕ پیچیدٕ تہٕ مرکب وجوٗدٕ نبر کُنہِ بیٚیس چیزس موحتاج آسان۔ پزٕتھ کُنہِ تخلیقی فن پارس چھےٚ پننیٖ اکھ آزادتہٕ خودموختار زندگی آسان۔ سُہ یمہِ صداقتُک حامل چھُ آسان تمہِ کہِ پزٕرُک ثبوت چھُ خودِ تمہِ فن پارُک پنُن وجوٗد آسان۔

نیہہ گژھِ گوس بیدار، کنن کٔتی جہ بوٗلُن گوم

زوٗنم زِوَندٕ سوریو و پرتو ترٕ و وسونت کالن

یا

ژلہ لارِ وٗمھکھ حال وَنہٕ ہے، وارٕوٗچھ ہے روے

گلہِ زِوٗ مےٚ گیم اوٗش ووٗتھُم دَدرایہِ وَنے کیاہ

مہجورٕنی یم شعر چھِ کُنہِ خیالُک، نظریُک یا عقیدُک پرچار کرنہٕ بجایہِ تُسند شاعرانہٕ تجربہٕ تہٕ کشف یتھہٕ کنٛی تخلیق کران زِ أسی چھِ تہنٛز شدت تہٕ نکھہٕ نکھأے محسوس کٔرِتھ سوٗدرٕ کس أکس عجیب عالمس منز تمن پأنی پانے اکہِ ابدی حقیقژ ہنٛدی پأٹھی زنان تہٕ مانان۔ یتھن موقعن پیٚٹھ چھُ موضوعہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ آمٕت اسلوٗب نہٕ صرف مناسب تہٕ موزوٗن بلکہ لامحال باسان۔ شاعری چھُ انفرادی تجربہٕ تہٕ نبرٕل کشفہٕ کس أتھی پأنی پانے مأنی راون وألس لامحال تہٕ فرحت بخش اظہارس انکشافس ناو۔ اَتھ برعکس ییٚلہِ مہجور ’’نیاے ترٲوِو ماے تھأوِو پانہٕ وأنی‘‘ نیک وعظ چھُ ہوان پرٕنُن سُہ چھُنہٕ فن ہکان تخلیق کٔرِتھ۔ حالانکہ تُسند خیال چھُ انسان دوستی، وطن دوستی تہٕ ترقی پسندی ہنٛز

نمایندگی کران تہٕ ستی چھُ یہِ خیال مختلف شاعرانہٕ وَس لاگتھ پأراونہٕ آمُت۔ (باسان چھُ زِنتہٕ مہجور کأنسہِ وطن دوس سیاست دان سٕندِس تقریرِس ذأتی ردِ عمل تہٕ رٕوی یہِ ظاہر کرنچ ورأے محض اِدمو کھٕچ نظمچ نیٚرِ صوٗرت دِنچ کوشش چھُ کران۔یتھ زن سُہ نٔتِس گھستھ ہیٚکہِ۔نظمہِ منٛز چھنہٕ ذأتی تجربہٕ چہ حرارٕ ژہٕ جذباتن ہنٛز کھسہٕ وَسہِ ہُنٛد کُنہِ کانٛہہ نیب نشانا۔اَسہِ چھنہٕ کُنہِ جایہ تہٕ یہِ احساس سپدان زِ نظمہِ منٛز کیا چھُ شاعرس پنُن وجوٗد آورنہٕ (involve) آمُت۔یوٚہے سبب چھُ زِ اَمہِ چہ لفظہٕ ژارِ منٛز تہٕ چھنہٕ شدتِ احساسہٕ تلہٕ ووپدن واجیٚنٛز سو خصوصیت یَتھ اَسہِ اسلوٗبُک لامحال آسُن تأبیر کوٚر۔

| | |
|---|---|
| تنبہِ لیوٗمُت کستام ژھاران | واو صُبحُک سُلہِ اوس لاران |
| پایہِ بڈِ میانہِ یاون رایے | خندٕ پوشو گُرس جایہِ جایے |

○

یوٚدسہٕ دُلبر مرشہِ ترأوتھ سیوٚ دمے کُن کرِ ہے نظر
شراونس زن ہی بہٕ پھولہٕ ہا، یاونس ژھوہ مارٕ ہا

○

لوٕ ہرٕتہٕ چھنٛدریمٕ مسوٗل ونان چھےٚ واوس
دامانہٕ میون تیٚمی چھوٚل تس زانٛہہ قرار آسیا

اٰسی چھِ اَز تہٕ مہجورنٕ یمن فن پارن حظ تُلان حالانکہ یمن منٛز نہ چھُ کانٛہہ فلسفیانہٕ خیالے نہ کانٛہہ سیأسی سبقے تہٕ نہ کُنہِ نظریُک یا عقیدُک تبلیغے۔اَتھ برعکس چھُ۔

مُلکہِ منٛز کڈٕی تو کھ یِم دٕہ گیر اَسہِ کیُتھ تی چھُ جان
اٚسی سنٛبالو گرٕ پٔنُن یِم نیرِتن سأری نبر
غأرتس سأنس گرِو تہٕ کوٗت کالاہ امتحان
اٚسی مرو غأرن کھورن تل زانہہ تہٕ نوٚ مراوو نہٕ سر

سنٛبٕھہے بے زُوتہٕ بے کأف باسان۔ مہجورنہٕ ''لو کچار'' نظمہِ ہنٛدِس لوکچارس منٛز چھُنہٕ اکھ رَژھ تہٕ پھیر آمُت مگر تِہنٛزٕ اکہِ دورٕچ جوشِل نظم ''وولو ہا باغوانو'' چھَن وُنی کہِ پیٚٹھے ژھنہٕ ہیٚژٕ ہٕژٕ گرٕژھنی۔ مہجورنہٕ اَمہِ فنی ژھوچرٕک رَہ ہکو نہٕ تِہنٛدِ بن سیأسی موضوعن کھأرِتھ، تِکیازِ اکہِ پاسہٕ چھے تِمی ''سنگرمالن پیوٚ ویراگاش'' تہٕ ''آزأدی'' ہنٛدِ عنوانہٕ سنٛبٕھاہ کامیاب سیأسی نظمہٕ لیٖچھمٕژٕ تہٕ بیٚیہٕ پاسہٕ چھَن ''لوٕلکی گلزار، لوٕلکی آبشار، لولس ووتھان پھنوار'' ہٕشہِ موردِ رومأنی نظمہٕ تہٕ لیٖکھِتھ تراوِمٕژٕ۔ موضوعہٕ ژارٕہنٛزِ اہمیژٕ انکار کرنہٕ ورأے ہکو اٚسی کٔنہِ تردُدٕ بغأر ؤنِتھ زِ فنی کامیأبی ہُنٛد اصل دارٕ مدار چھُ یتھ کتھہِ پیٚٹھ آسان زِ فنکار کتھ حدس تام تہٕ کوتاہ وَژھ وأنِجہِ چھُ حقیقت پننہِ انفرأدی تہٕ نٕبرل تجربہٕ چہِ کوندِ منٛز پٕتھ احساسٕچ شدت، جذبٕچ حرارت تہٕ کشف وعرفانٕچ قربت (immediacy) ہیتھ بیٚین تام واتناوٕنچ کوشش کران۔ فنکأری چھُنہٕ چھُرا وجدانس تہٕ اِلہامس ناو، اتھ چھے ریاضت تہٕ مشأہدٕ تہٕ شأمل۔ مہجورنہٕ اَمہِ فنی ناکأمی ہُنٛد اصل سبب چھُ یہِ زِ سُہ چھُنہٕ بعضے ساتہٕ پننِس موضوعس پننِس تخیُلس منٛز پٔنُن ذأتی تجربہٕ تہٕ نٕبرل کشف بنأوِتھ تتھ اکھ لامحال اسلوٗبِ بیان عطا ہکان کٔرِتھ۔ سُہ چھُ حقیقت 'بیان' کران تمیُک 'انکشاف' چھُنہٕ کران، 'ونان' چھُ 'ہاوان' چھُنہٕ۔

مہجورنہِ دورِ چہ کاشرِ شاعری سبٹھے ژھوٹۍ پأٹھۍ سام ہوان گرمے زأنتھ مأنتھ مہجورنس فنس متعلق ہنا کھلہٕ پأٹھۍ کتھ۔ اکھاہ موکھ زِ شعری تخلیق چہِ ماہیٖژ شاعری ہنٛز کامیأبی تہٕ ناکأمی متعلق یِمن کتھن ہنٛز ذکر مہجورنس سِلسلس منٛز سپز تہندِ پرتوٕ ستی ہیکہِ موجوٗد دورک بیہ کانہہ شعری کارنامہٕ سمجنس تہٕ مولانکونس منٛز تہٕ مدد میلتھ تہٕ دۄیم اوٚکنی زِ وہاب پرے أکتھ کُن ترأوِتھ چھِ أسی مہجورس نِش تمہِ تجربہٕ کأری ہنٛز گوڈنچہ لٹہِ قأبلِ توجہہ اندازس منٛز کوشش لبان یوسہٕ تجربہٕ کأری سأنۍ کٔنۍ موجوٗدٕ دورک امتیأزی زیور چھُ۔

حسن وعشقہٕ کہِ موضوعہٕ نِشہِ بروٚنہہ پکِتھ یتھ نوٚطرِیہ مہجورن وطنی، قومی، سیأسی تہٕ اقتصأدی موضوع پیش کرنہٕ باپتھ گیتو تہٕ غزلو علاوٕ ترانہٕ تہٕ نظمہٕ لیکھِتھ دَس تُل تِچ تؤأریخی اہمیت روزِ ہر ہمیشہِ قأیم تہٕ یِمہِ وِزِ اَتھ نوبر ترأشیہِ تخلیقی فنکأری ہُند فأض ووت، کأشرِ شاعری ہِندس سرمایس گو مولُل بُرژر۔ تاہم ہکو نہٕ یہِ وَننہٕ ورأے روٗزِتھ زِ مہجورنہِ اَتھ نوبر پسندی پتہٕ کِنہ نہ اوس ربوایژن ہِندِ ناکأفی آسنگ تیُتھ سوٚن احساس تہٕ نہ نٔوی سرحد ژھنڈنک سُہ جوٚرتھ یِمیک اندازٕ اسہِ عبدالاحد آزادنی شاعری پران سپدان چھُ۔ واقعہ چھُ یہِ زِ آزاد چھُ کأشرِ شاعری ہُند گوڈنیک بأغی شاعر یمۍ ربوایتی موضوع تہٕ پتھ کالیک ویوٚ داَندازِ بیان أکتھ کُن ترأوِتھ پننہِ دورٕ چہِ پیچیدٕ زندگی ہنٛز ترجمأنی کرنہٕ خاطر بڈٕ پیمانہٕ تہٕ تھدِ ہٹہِ بغاوت گرٕ۔ آزادنس شعوٗری فضہس منٛز چھے تمہٕ واریاہ بیوٚن بیوٚن آوازٕ گر بزان یِمہٕ جدید انسانہٕ سِنٛزِ پُرآشوب ذہنی تہٕ روٗحأنی زندگیہ ہنٛز نمایندگی چھے کران۔ سُہ چھُ واریاہن ربوایژن تہٕ

مولن (values) ہندِس پزرس تہٕ لگہارس متعلق سوال تُلان، تِمن شکی نظروتہٕ وُچھان تہٕ تِمو منز کینژن خلاف نٔنہِ وانہٕ بغاوت تہٕ کران۔ تِٔسند آزادی پسند روح چھُ غولاٗمی ہنٛز زنجوٗرِ ژٹنہٕ یژھان۔ تِمُ سُند آدمی یار ضمیر چھُ مذہبی تعصب تہٕ سماجی نابرابری وُچھِتھ غوصہٕ رٹان تہٕ احتجاج کران۔ تِٔسند کاشُر ذہن چھُ عالمگیر انساٗنی سادات تہٕ امن وسلامتی ہندِ یقینچ باوتھ کران۔ یمہٕ کتھہٕ آسہٕ کاشرِ شاعری خاطرِ نوِ۔ یہندِ مناسب فنی اظہارٕ باپتھ آسہٕ نہٕ اعتماد پاٗدٕ کرن واجنہِ رِوایژ قاٗیم سپز مژ۔ واقعہ چھُ یہِ زِ کاشُر زبان اُس نہٕ اظہار وبیان چو یمو ازماٗیشو منٛزی گذرِنچ واٗری آمژ۔ لل دیدٕ ہندِ پتھہٕ مہجورنس وقتس تام یمو موضوعو کاشرِ شاعری ہُنٛد نب وٕولمُت اوس تِمن منز روٗد جادٕ پہن صوفیانہٕ خیالن تہٕ تجربن، حسن وعشقہٕ کِہن واٗری داتن تہٕ اکِس حدس تام دلیل گوٗییہِ تھز رحاصل۔ آزادس باسیوو دورِ جدید کِس انسانہٕ ہنٛز ترجماٗنی کرنہٕ باپتھ پننہِ زباٗنی تہٕ پننِس ادبی سرمایس نوٚ سرٕ پھیرُ دیُن ضروری تہٕ پننہِ پارٕ دی شخصیژ زٕبو اَنہٕ خاطرِ پیٚیہِ تس نۆوی قاٗلب تراونچہ صبر ازماو کوششہِ کرنہٕ۔ کاشرِ شاعری ہندِس تواریخس منز آزادُن مقام مشخص کرنہٕ وِزِ پزٕ اَسہِ تہندِ بن اصلی شعری کارنامن ہندِس فنی بجرس پتھ چھپر گنڈنہٕ بجایہِ تِسندِ تنقیدی شعوٗر چہِ وُڈو تہٕ وُسژ، تخلیقی کلہِ تہٕ جوٗرتس نشہِ فاٗض پژاوُن۔ سون گژھِ نہٕ کُنہِ فن پارٕ چہِ تواریخی اہمیژ تہٕ تِمہ کِس بذاتی بجرس رَل کرُن تہٕ گھر اُن۔ آزاد چھُ سانہِ شاعری ہنٛزِ واردژ امتوٚ تِمو پوشہٕ ٹوٗر بو منز اکھٕ ٹوٗریم پھولان پھولاٗنی بَرگے۔ میون ذاتی خیال چھُ زِ آزادن یم نوٚطرزٕ کی تخلیق پننہِ ژھوچہِ واٗنسہِ منز اَسہِ

بروٚنھہ کُن ترٲوِ تِمن منٛز چھِ اکثر عارضی نوعیژ ہِندی۔ ئہ اوس اکھ اہم تہٕ تھدٕ تخلیقی وُڈوِ باپتھ پننہٕ تخلیکی پرٛوُپھناوٲنی زِموتِن کوٚرتس بێ وقتہٕ سال۔ ''ڈٕرکی یاوٗ'' تہٕ 'شکوہٕ ابلیس' ہوی تخلیق یوٚدوٚے عظیم ادب ییٚن نہٕ ماننہٕ اما پوز ہرگا مناسب توارٟیخی پوٚت منظرس منٛز پرنہٕ ییٚن تیلہٕ چھےٚ یِمہٕ حقیقژ ہنٛز ضروٗر گوٲہی دِوان زِ آزانہٕ شخصیژ منٛز اوس کاشُرِ شاعری ہُند اکھ اہم شاعر پڑھان۔

مہجورس نِشہٕ رَچھرٕژ وربو ایژن ہِند بن حدن منٛز روٗزِتھ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ تِمن نوکھ نقشہٕ شیرِتھ یا تِمن پننہٕ وُسوار شخصیژ ہُند رنگ براں براں ییتھ فنی تیز دٕستی یہٕ آزاد کاٚم چھُ ہوان تمیک ثبوٗت چھُ ''سنگر مالہٕ'' منٛز چھپیومتو کتیو غزلو تہٕ باتو تہٕ بییہٕ 'پاں ژادر'، 'آرٕ وَل' تہٕ 'شِنہٕ ماٚن' ہِشو نظمو تلہٕ میلان۔

آزادس ستی یم تارکھ کاشُرِ شاعری ہِندس نبس پیٹھ پربزلے یہٕ تِمو منٛز چھِ عارٟف تہٕ فاضؔل خاص کٔرِتھ قابلِ ذکر۔ عارِفن تہٕ چھےٚ مہجورنی تہٕ آزادٕنی پاٹھی کشیرِ ہنٛز قومی تہٕ سیاسی زندگیہٕ ہِنٛدی مختلف روٗخ پننہٕ فنہٕ کہٕ ذٔریہٕ مُنٛزی ہاونٕچ کوشش کٔرمٕژ۔ تِسنٛزن امہٕ نوعیژ ہِند بن کینژن تخلیقن منٛز چھُ انمانہٕ تہٕ اسلوٗبہٕ ذریعہ شاعرٕ سنٛزِ شخصیژ اَنہٕ ہاوٕنک تخلیقی صفت موجوٗد۔ کاشرس سماجس منٛز محنت تہٕ میہنژ ہِندِس استحصالس متعلق یِمن موضوعن تِمی شعرٕک جامہٕ وٕولُمت چھُ تِمن منٛز چھےٚ ''دُسہٕ'' اکھ مارٕ منٛز نظم۔ ییتھ پننہٕ بربگہٕ آمژ لیہ، وبگلہٕ دِنہٕ لہجہ تہٕ خلوکھ ہار لفظٕ ژارِ تہٕ تخلیقی وحدٕژ ہِندِ لحاظہٕ عارِفنس کلامس منٛز تھٕز جاے حاصل چھےٚ۔ عارِفن کوٚر مستقل پاٹھی ٹکھ لیکھتھ کاشُرِ شاعری منٛز اکہٕ اہم صِنفہٕ ہُند بٔرژ ریمہٕ واکھن ہنٛز جاے رٔٹ تہٕ یوسہٕ ازکل غلام رسول

نازکی نہٕ ڈٟسی جمیل تہٕ بلیغ چھےٚ بنان۔ عاؠرٕفنس مزازس منٛز تہٕ چھہٕ طنٛزتہٕ عقلیت پسندی ہنٛدی زٕ بڈٕ ؤسوار عنصر موجوٗد یم تٟسنٛدِس ٹھوس تہٕ مقولہٕ صورت اندازٕ بیانس ستی رٕلتھ تمی سنٛد بن کتھن ٹکھن فنگ قاؠلب چھہٕ دِوان۔ عاؠرِفن چھےٚ پنٕنہٕ صوفیانہٕ خیال تہٕ مذہبی احساس تہٕ پیش کرنچ کوشش کٔرمٕژ اماپوز تِتھو تخلیقو منٛز چھےٚ اکثر تمہٕ معنہٕ دار مژر نشہٕ محروم یُس مژر ٲسی لل دیدِ ہنٛدِ بن شہکار واکھن منٛز لبان چھہٕ۔ تمن منٛز نہ چھہٕ عبدالاحد ناٛدِمُن سبز رتہٕ نہ رحمان ڈار، احمد بٹوٲری تہٕ نعمہٕ صابنٕہن کیٛژن کامیاب نظمن ہنٛز گتھ تہٕ گتہٕ ستی یِروالن واجیٚنٛز کیفیت۔ ہٕند ریارٕ کِس لاتعلقی ہنٛدِس عالمس منٛز چھرا خیال نظمانٛچہ یٟمہٕ افسوناک خاٛمی ہنٛز ذکراَسہ مہجورنس تہٕ آزادنس سِلسلس منٛز کٔرسو خاٛمی چھےٚ عاؠرٕفنن وار یاہن منظومن بے رنگ تہٕ بے زُو بناوان۔ عاؠرِف چھہٕ اکثر اوٚ کنٕہ ناکام روزان زِ سُہ چھُنہٕ پنٕن مواد فنکارانہٕ تخیل کہِ کہکشانہٕ منٛز کڈِتھ ورتاوان۔ یوٚہے وجہ چھہٕ زِ وسیع مشاہدٕ تہٕ زبانی ہنٛز سبٛٹھاہ پاؠری زان اٚستھ تہٕ چھُنہٕ سُہ پنٕنہٕ اکثر نظمہٕ اثر دار بناونس منٛز کامیاب روزان۔

موجوٗدٕ دورٕ کین اکثر شاعرن ہنٛدی تیٚمی خیالن زِ شعرٕ خاطرٕ چھہٕ تٕمِس تہٕ سارنگہِ کھُسن لازمی شرط، چھہٕ عاؠرٕفنس کلامس تہٕ اثر ترووُمت۔ مہجور چھہٕ نظمہٕ تاں تمہِ اہتمامہ سان لیکھان یتھ زن تمہ چھکرٕ ہنٛدِ طرزٕ گوٚنہ ہِن، اَتھ برعکس چھہٕ عاؠرٕفنٕز کینٕہ غزل تام تِتھی یِم پران پران نہ چھہٕ سارنگہٕ ہُنٛدٕ ے ضرورت پیوان تہٕ نہ گوٚن لہراتراونٛگے۔ مہجورُن بیشتر کلام چھہٕ ''گوٚن''۔ اَتھ برعکس چھہٕ موجوٗدٕ دورٕ کین موممتاز شاعرن ہُنٛد کلام لفظٕ طوٗری یا چھاٛپی صفہٕ چہ

صورتھ منز "پرنک چیز"۔ کینہہ احباب چھِ نوِشعرچہ اَتھ خصوصیژ فنی ژھو چر
زانتھ شکایت کران زِ اَزِچ شاعری چھےٚ موسیقی ورایی۔ مگر اَتھ سِلسلس منز
گژھہ نہٕ یہ پزر نظر انداز کرُن زِ پرانہِ شاعری ہنٛدِ موادٕ تہٕ موضوعہٕ چہٕ تنگ
دامنی ہُند رہ چھُ غور طلب حدس تام اَمہِ چہٕ اُتھی لوتوے نُٹ لیہ تہٕ سارنگہٕ
داپتس کھسان۔ پنٛنی لوٕکٹ لوتوے تہٕ وَرٕ وُٹی نہٕ رٕسی جذبہٕ تہٕ احساس ہکو کھ
اُسی چھکرِ طرزس منز پیش کٔرتھ مگر نوِ دورٕچہ ساریے پیچیدگیہ بیانٛ کرنہٕ باپتھ
پنن لازمن نٔوی تہٕ نٔوی قالب گرٕنی۔ اَزِ کنہن کامیاب شاعری تخلیقن ہُند
آہنگ (rhythm) چھُ گنڈتی سوَروتالو بجایہ کتھ باتھِ ہنزٕ کھسہٕ وَسہِ ہُند
آہنگ یوسہ سنٛہن جذبن تہٕ احساسن ہنز ترجمان چھےٚ آسان۔ دینا ناتھ
نادمنٛنز خوبصوت نظم "مے چھم آش پگہچ" ہرگاہ چھکرِ سازن پیٹھ گونہٕ ییہ
میانی کنٛز گژھہ تمیک سوٗرے حُسن بوٚرباد، حالانکہ یہ نظم تہٕ چھےٚ بحر تہٕ ردیف
قافیہ لحاظہٕ مہجور نہِن نظمن ہنٛدی پاٹھی پابند۔ امہ نظمہِ ہنز موسیقی ہُند صحیح اندازٕ
ہیکہِ نہٕ امہِ چہٕ لَیہِ بلکہ اَتھ منز پیش کرنہٕ آمتین جذبن تہٕ احساسن ہنزِ کھسہٕ
وَسہِ تلے لگتھ۔ جدید شعرٕچ موسیقی چھےٚ سازٕ لہرو کھوتہٕ جادٕ احساساتی تہٕ
جذباتی کتھ باتھِ ہنزِ کھسہٕ وَسہِ ہنز موسیقی۔ امیک معنہٕ گوو نہٕ زِ موجودٕ دورس
منز ہیکی نہٕ ربوایتی موسیقی رٕژھرتھ کامیاب شاعری سپدتھ۔ تژھ کتھ ہے
آسہے تیلہ ہَنہٕ ہے غلام احمد فاضل محض اکھ تقلید کار شاعر تہٕ بس۔ حالانکہ پزر
چھُ یہ زِ تسندی کینہہ تخلیق ہکو کھ پرانس یا نوس کانسہِ تہِ کاشرس شاعرٕ
ہنٛد بن ہم جنس تہٕ ہم قدم کامیاب تخلیقن نکھہٕ تھاوِتھ۔ تسنزِ باتھ نما" چنہٕ روس

پیالہٕ گوم خاَلیے'' نظمہِ منٛز یوسہٕ فریاد کرنٕی لے، نشتر کار اندازِ بیان تہٕ حسرتہٕ
بَرِتھ موڈُک مٔدریر چھُ تمو سارِوے کتھو پٔھٹھ بیٚہِ۔ کرشن خصوصیٚن ستی رٔلتھ
یہٕ فاضلنٕ اکھ شہکار نظم بناوِتھ۔ تِمنٛز بیا کھ نظم 'ژٔری' بوٗزِتھ چھُ مے باسیوٚمُت زِ
سُہ چھُ ماسٹر زندٕ کول تہٕ غلام رسول نازکی یس پتہٕ موجوٗد دوٗرُک شاید بیا کھ تنہا
شاعریس مذہبس شعر بناونٕچ صلاحیت چھےٚ۔ کاش تس سپد ہے ہیٚیتہٕ تہٕ موضوعہٕ
کہِ مِلوٗارٕ ستی پننٛین تخلیقن منٛز نامیاتی وحدت (organic unity) ہنٛز سو
خصوصیت پاد کرنٕچ قودرتھ حاصل تیٚمِچ عام پاٹھی غارِ موجوٗدگی اَزی کہِ دورٕ کُس
کاٗشرِ عظیم شاعرس چھنہٕ بننہٕ دِوان! قودرتہٕ کٔمن نظارن متعلق فاضل نہِ بیشتر
منظومات تہٕ چھِ امی کوتاہی کنہِ حقیقی شاعریہ بجایہ چھرا فوٹوگرافی روزان۔

یہِ زٔن مے برونٹھے عرض کوٚر رمیائی کنہِ چھےٚ کاٗشرِ شاعری ہندِ موجوٗدٕ
دورٕچ اکھ نمایندٕ خصوصیت امیک تجرباتی کردار۔ یہِ خصوصیت وُچھ اَسہِ کینٛژھا
مہجورس تہٕ تِمندِ کھوتہٕ جادٕ بَرِتھ ژٔیلتھ آزادس تہٕ عارفس منٛز۔ مگر ۱۹۴۷ء پتہٕ
ییٚمہِ تیزی، رنگارنگی تہٕ بےٚ بیمی سان کاٗشرٕ بو شاعرو ہیٚیتہٕ تہٕ موضوعہٕ کہِ لحاظہٕ
تجربہٕ کٔری، کاٗشرِ شاعری ہندس تواریخس منٛز چھنہٕ تمِچ مثال۔ پتیٚمین
ژوٚد ہن وٗری ین منٛز ییمو شاعرو اہمیت لٔب تم ہکو کھوٗمِ موجوٗب دون دربن
منٛز باگرِتھ۔ دیاناتھ نادمؔ، امین کاملؔ تہٕ غلام نبی فراق چھِ گوڈنکہِ دورٕچ
نمایندگی کران تہٕ غلام نبی خیال، مظفر عازم تہٕ واسہٕ دیو ریٚہہ چھِ دوٚیمس
دورس ستی گنزرنہٕ یوان۔ فنی کامیابی ہُند سوال اَکتھ گن ترٲوِتھ اگر پرانین
کاٗشرین شاعرن گن گٔرِتھ جدید شاعرن ستی مقابلہٕ کرنہٕ ییہِ تمہِ تلہٕ یوسہٕ

کتھ سارِوے کھوتہٕ جاۓ توجہہ طلب باسہِ سو چھےٚ جدید شأعری منٛز مواد تہٕ اسلوٗب دوشوٗنی ہندِس سِلسلس منٛز کرنہٕ آمتین تجربن ہنٛز کثرت۔ أزی چہِ شأعری منٛز چھےٚ کأشرِ شأعری ہنٛز ولگ بگ سارِوے پرانوٚ صِنفو علاوٕ بےٚ قأفیہِ نظم، سانیٹ، خودکلأمی تہٕ اوپیرا وغأرٕ واریاہ جدید ترین صنفہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔ تہٕ تتھے کٔنی چھِ پرانوٚ موضوعو علاوٕ زندگی ہندی تمہ واریاہ روٗخ تہٕ شعروشأعری ہندِس حدس منٛز ژانہٕ آمتی یمن مہجورس برونٛہہ خال خالے کأنسہِ کأشرِ شأعرن چھیٚمت اوس۔ اَتھ منٛز چھنہٕ شک زِ یہِ تجربأتی رنگارنگی چھےٚ موجوٗدٕ زمانہٕ چن رنگہٕ رنگہٕ منگن تہٕ مطالبن ہُنٛد پأداوار، اما پوز اَتھ منٛز چھِ أزی کین شأعرن ہندِ شعوٗرچہِ بیدأریہِ، وُسعتہٕ تہٕ نرمی نزاکژ (ductility) تہٕ بییہٕ تِہندِ تخلیقی جوٗرٕتکو تہٕ نشانہٕ نظرِ گژھان۔ ہیٚژِ لحاظہٕ تجربن ہنٛز یہِ رنگارنگی چھےٚ ظأہر کٔنی یمہِ کتھِ ہنٛز تہٕ باوتھ کران زِ وٕنہِ چھنہٕ نٔوی شأعر پننہِ اظہارٕ تہٕ انکشافہٕ باپتھ کانٛہہ تژھ اعتمادس لایق صوٗرتھاڈری یاف کرنس، ووٚژم اَننس، منگتاونس یا پانہٕ تخلیق کرنس منٛز کامیاب سپدی مژ، یژھِ صوٗرژ زَن پرانوٚ شأعرو واکھن ہنٛزِ شکلہِ یا تمہِ پتٔے موٚ شأعروأتھ، غزل یا مثنوی ہنٛزِ شکلہِ اَپناوِمژٕ آسہِ۔

۱۹۴۷ء یورٕ ٔگن لِکھنہٕ آمتی شعری تخلیق چھِ وٕنہٕ تتھی تاز زِ تِہندِس موٗلس معیارس متعلق ژٕٹتھ کانٛہہ کتھ وَنٛنی باسہِ وقتہٕ برونٛٹھے کتھ کرنس برابر۔ پتھہٕ چھےٚ یہِ دِقت تہٕ زِ یمو منٛز چھنہٕ بیشتر تخلیق یِکہٕ وَٹہٕ پأٹھی سومبرنہٕ منٛز چھپیمژ تہٕ۔ مےٚ چھےٚ کینٛہہ نظمہٕ ضروٗر پرِمژٕ یمن مواد تہٕ اسلوٗبہٕ کہِ مِلوٕ اَرُک تہٕ نامیأتی وحدٔژ ہُنٛد حُسن حأصل چھُ۔ مےٚ چھُ باسان زِ مثالے دیناتھ نأدِمنٛی نظم

'مےٚ چھَم آش پَکھ' تہٕ غلام نبی فراقنٮ۪ نظم 'بُلبُلس کُن'، ہیٚکن کینٛہہ ضمنی خأمیو باوجود ڈینہٕ والینن نسکَن تہٕ فرحت عطا کٔرِتھ۔ امین کامِلنٮ۪ نظم 'یار بلُک سحر' تہٕ چھےٚ امی قبیلُک اکھ نَنُد بون تخلیق۔ دینا ناتھ نأدِمنی اکثر تخلیق چھِ تِتھی ہوی زِ تمن ہِندی بعضے حصہٕ چھِ سبٹھا مأری مُندی تہٕ جاندار اما پوز تم سأری حصہٕ چھِنہٕ میُل کٔرِتھ اکھ فنی وحدت بنِتھ ہیٚکان۔ نأدِمنہِ اسلوٗبچ سارِوے کھوتہٕ ٹاکارٕ خصوصیت چھےٚ تسنز جُز نگأری۔ اَچھِتھ لفظہٕ ژأرتہٕ تشبیہن ہنز نٔر لتایوٚدوٚے تِہندِ تخیلُک وڑوچھُ سبٹھے محدود مگر چھُ سُہ بڈٕ بےٚ بیم۔ تیٚمی فنی ژھوچرن نأدِمنی پأٹھی اکثر نوٚی شأعر زالہٕ وٚلی مٔتی چھِ سُہ چھُ یہِ زِ تم چھِنہٕ شأعری تہٕ تبلیغس فرق بوزان۔ عبدالاحد آزادنہِ زمانہٕ پیٹھہٕ عام پأٹھی تہٕ ۱۹۴۷ء پیٹھہٕ خاص کٔرِتھ یُس اثر مارکسی فلسفُک تہٕ تنقیدُک سانین واریاہن شأعرن پیوٚ وتمہِ کِنہٕ آیہِ اکہِ پاسہٕ سانہِ شأعری ہُند دیماغ جاذٕ وسیع تہٕ گاشدار بناونٕچ مفید کأم انجام مگر دوٚیمہِ اَندٕ آے کأشرِ ادیب یتھ خطرناک غلط فہمی منز ہینہٕ زِ فنُک اولین تہٕ بنیأدی مقصد چھُ انسأنی سماجہِ چہِ بجأیی خأطرٕ تبلیغ کرُن۔ امہِ غلط فہمیہِ کوٚر رکتین معاصر شأعرن ہُند یژھ مولُل وَق تہٕ محنت ضایہ۔ امہِ غلط فہمی ہنز تھپھ وٚژھ نہٕ ۱۹۵۶ء یس تام۔ اما پوز تتہٕ یور چھُن کوٗشش ہیوٚتمت پھٹُن تہٕ کأشرِ شأعری چھُ پراپگنڈا اکہِ سرابو پیٹھہٕ پوٚت پھیرِتھ انکشافِ حقیقت کِس فرحت بخشن مقامس کُن قدم ہیوٚتمت تُلن۔ سُہ دوہ آسہِ کأشرِ شأعری خأطرٕ بختہٕ بوٚڈ دوہ ییلہِ کأشرِس شأعرٕ سنٛز فنکارانہ شخصیت یہِ حقیقت محسوس کرِنی ہیٚیہِ زِ بامے انسأنی زندگیہِ ہنز بجأیی تہٕ پاپر جأیی اٚسی تن ادبُک تہٕ فنُک

چھیکر سی نتیجہ یامتہٕ اَسی تن مگر تمیک اولین مقصد چھُنہٕ تہِ۔ ادبُک تہٕ فنُک اصل مُدعا تہٕ مقصد چھُنہٕ تمہِ حُسن پاداہ کرن والہِ انکشافِ حقیقت ورأے بیٚیہِ کہیں تیٚیچ اکھ اہم خصوصیت آگہی بخش فرحتُک واتناوُن چھُ۔ ادبُک تہٕ فنُک حُسن تہٕ بجر چھُنہٕ فلسفہٕ تہٕ خیالہِ کُس یا نظریہ تہٕ عقیدٕکُس تھزرس سَنہٕ رَس یا صحتس پیٹھ ڈٲرِتھ آسان۔ رُت ادب چھُ پٔزتہٕ آسان۔ ملٹن چھُ عیسأے اَسِتھ تہِ اکھ عظیم شأعر۔ اقبالؔ تہٕ ٹیگورؔ چھِ مسلمان یا ہیٚوند اَسِتھ تہِ شأعرانہٕ بجر پراوان تہٕ روٗسُک مایاکاوِسکی چھُ مُلحد تہٕ مادٕ پرس اَسِتھ تہِ سٮ۪ٹھاہ اہم شأعر۔ ادبی دُنیاہس منٛز چھُ روٗسہٕ کُس گورکیس، انگلستانہٕ کُس برنارڈ شٔہس تہٕ ترکی ہندِس ناظم حکمتس مقابلہٕ قدیم یونانہٕ کُس ہومرس ایسکائیلس تہٕ سافکلیزس تھزر تہٕ برتری حأصل، حالانکہ کارل مارکسن چھُ یمن یوٗنأنی ادیبن متعلق اکہِ لحاظہٕ یہِ صحیح وٚنمُت زِ ’’ کایناتس متعلق چھُ یمن شُربن ہُند ہیوٗ تصوُر‘‘۔

فنہٕ کُس دُنیاہس پیٹھ چھُنہٕ چھراعقلہِ یا مجرد عقیدن ہُند بلکہ تمہِ أنہٕ منٛزی أنہٕ ہاون واجنہِ حقیقژ ہُند تہٕ پُراسرار قووتُک راج یُس بقولِ جان کیٹس گُنی وقتہٕ حُسن تہِ چھُ تہٕ پزر تہِ۔ مےٚ چھےٚ موجوٗدٕ دورٕ کُس اُکس ناماوار انگریزی شأعر ڈبلیو ایچ آڈن ہنٛز یہِ رژھا مبالغہِ ملوتھ کتھ موجوٗدٕ کأشربن شأعرن ہندِ باپتھ خاص کرِتھ لایقِ توجہ باسان زِ ’’اگر کانٛہہ نوجوان یتھ سوالس زِ ژٕ کیازِ چھُکھ شعر وَنان؟ درجواب وَنہٕ زِ مےٚ چھےٚ کیٚنٛہہ اہم کتھ لوکن تاں واتناونہٕ‘‘ تیلہِ گژھِ زانُن زِ سُہ چھُنہٕ شأعر، اَتھ برعکس ہرگاہ تُسند جواب یہِ آسہٕ زِ مےٚ چھُ لفظن أندی پکھی روزُن تہٕ تہنٛز کنہٕ پھسرایہٕ تہٕ کتھہٕ بوزنہٕ

خوش یوان، تیٚلہِ چھُ ممکن زِ سُہ بنہِ بروٚنہہ گُن شاعر"۔ ادب برایہِ ادبُک قایِل نہ آسِتھ تہِ چھُسن بہٕ یہِ خیال دُرس زانان زِ "اکہِ لحاظہٕ چھُ ادب ناوگنہِ زبانیٚ منٛز اظہار وانکشافہٕ چہِ پوٚشیدٕ صلاحیژ درٕکٕ یاف کرنس تہٕ ہُرراونس" میانٮ۪ کنہٕ چھنہٕ موجوٗدٕ کأشرِ بو شأعرو پنٛن فن امہِ نظرِ وُچھنٛچ ضروٗرتھ موجوٗب کوشش کٔرمژ۔ أزِچ کأشِر شأعری ہیٚکہِ عظیم شأعری بٔنِتھ ہرگاہ سأنین شأعرن تہِ مرزا غالبن یہِ فنکارانہٕ شوق کل کڈِ زِ۔

یہی بار بار جی میں مرے آئے ہے کہ غالبؔ
کروں خوانِ گفتگو پر دِل و جاں کی میہمانی

تہٕ ہرگاہ تِم تخلیقی عملہِ منٛز سو حالت محسوس کٔرِتھ ہیٚکن یمیُک نقشہِ یتھہٕ کٔنۍ تُلنہٕ چھُ آمُت۔

بینم از گدازِ دل در نفس آتشی چو سیل
غالبؔ اگر دمِ سخن رہ بہ ضمیرِ من بری



# رحمان ڈار

## بحثیتِ سریت پسند شاعر

محمد یوسف ٹینگ

رحمان ڈارس زانن کاشِری سوخن فہم تَسندی شیٚش رنگہٕ کٔنی۔ یہِ کتھ چھےٚ واریاہو پھِرِ آڈرنہٕ اکھُتے مانٛدنہٕ آمٕژ مگر رحمان ڈارس متعلق چھُ بالکل صحیح زِ ہرگاہ سُہ "شیٚش رنگہٕ" ورأے بیٚیہٕ کہِیں تہِ لیکھہِ ہے نہٕ، توتہِ ییہِ ہے تَسند شمار کٔشیرِ ہٕندبن بڈبن فنکار شاعرن منٛز کرنہٕ۔ انگریزی لیس منٛز چھےٚ یژٕ ہے ہِش بأش کولرجس گاٚمژ یُس پننو دویو نظمو "کُبلے خان" تہٕ "Ancient Mariner" کٔنی تمہٕ زبأنی ہٕندبن شاعرن ہنٛدِس گوڈنکس صفس منٛز اِستادٕ چھُ۔ "شیٚش رنگس" متعلق چھےٚ رحمان راہی یتھ کٔنی یہِ کتھ شبقہٕ زِ موجوٗدٕ دورس منٛز گرِ یہِ أکی چھکر گٕون وألی غلام احمد صوٗفی یہِ ڈٲپِ زِ تہِ دٔریاف۔ راہی صأب چھُ وِلسنس یتھ شیٚش رنگ چہِ موٗسیقیہٕ متعلق بیٚیہٕ تہِ واریاہ کینٛہہ ونان۔ مثلاً زِ "امہِ کِس آہنگس منٛز چھُ پدتہٕ چھکر، واکھ تہٕ وژُن، وبداکھ تہٕ نژُن اکھ أکِس منٛز شرٕ پان باسان تہٕ اَچھ کھسہٕ وَس تہٕ امیک وو تلُن تہٕ بوڈُن چھُ اکہِ symphony ہنٛز ہِش ہم صدأیی پأدٕ کران"۔ راہی صأبس چھُ شک زِ ظأہرا ما آسہِ ہے شیٚش رنگ چہِ اَتھ لَیہِ کانٛہہ ربوایت ڈکھِ۔ بہر حال راہی ہنٛدِ اَمہِ بیانہٕ ستی چھےٚ اکھ کتھ زٔنتہٕ بارٕ ودِوان۔ تِمن چھےٚ امہِ نظمہِ ہنٛز مَنہٕ کامن ٹمبکھ نارِ ہنٛزِ منٛزِم یأرِ یہِ ستی گاٚمژ۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ امین کامل لیکھن زِ "نظم چھےٚ

تشریح بدلہٕ پرنہٕ تہٕ سروٗرتلنگ چیز''۔

مےٚ تُل رحمان ڈارس بدلہٕ رحمان ڈارنِن گارن والین ہُند ذکر خاص وَجہو کِنۍ۔ گوڈنیتھ یہِ زِ دوشوے چھِ (نظم وَنہٕ ہوسا کِنہٕ چھِ رافن پار) اَتھ متعلق لگ بگ بالکل الگ بیان دِوان۔ دۄیم یہِ زِ موسیقیہِ تہٕ شعرس متعلق راہی صابنس اَتھ وُجدینس پێٹھ چھُ مےٚ آوُلن یوان۔ اَکِس نقادٕ سُند وَنُن چھُ زِ شعرس تہٕ موسیقیہِ چھُ پانہٕ وٲنۍ خوٗنی رِشتہٕ (blood relations) تہٕ یہُندِ نیتھرِ کی نتیجہِ چھِ تقریباً لابدی پاٹھی افسوسناک نیران۔ راہی صابس چھُ کاشرِ موسیقیہِ ہُند چیشکہٕ لوکچار پێٹھہٕ اوسمُت تہٕ یہِ چھُنہٕ کانُہہ پوٗشیدٕ سر۔ مگر ہرگاہ تُسند یہِ معیار برونٛہہ پہن پکناوَتیلہِ پیٚیہِ اَسہِ فاضلنۍ 'کرالہٕ کوٗر' مہجورٕنۍ 'گریسی کوٗر' کھوتہٕ زیادٕ جان نظم ماننۍ۔ تکیازِ 'کرالہٕ کوٗرے' کُھرٕ غلام محمد ڈارنس نٕتس یا اَسہِ پیٚیہِ رحمان راہی سٕنٛز نظم ''اکھ خاب'' تِسندِس بٲتھ ''شرونی ییلہِ کوٗر تمۍ رونہِ دامانس'' کھوتہٕ کم پایہِ ماننۍ۔ تکیازِ اَکِس چھُنہٕ سازٕ چ لَے براہِ یوان مگر دۄیمس چھےٚ یہَے لَے تیہہ کھالان۔ شکر چھُ زِ رحمان ڈارنہِ نظمہِ چھےٚ پننۍ تیہہ تہٕ توٗژھ ترٛژٕ زامین کاملن وَون زِ ہرگاہ یہِ صرف پرنےٚ یٲژیہِ توتہِ کھالہِ سروٗر۔ یتھہِ کنۍ چھُ رحمان ڈارنہِ اظہارُک قوت تہٕ اَچھ برجستگی نٔنۍ نیران۔

'شیٖش رنگس' متعلق چھےٚ راہی صابن نثرس منٛز شاعری کُرمٕژ۔ تہٕندِس مطلبس سٕتۍ اتفاق تھاونہٕ باوجوٗد چھےٚ یہِ کتھ ماننۍ پیوان زِ تہٕندِس لہجس منٛز چھُ چھکرِ ہُند رونہِ گوڈ پوٚت منظر چہِ موسیقیہِ ہِندی پاٹھی لوتہِ لوتہِ وزان تہٕ بم کھالان۔ مگر کامل صابس چھُ فی پیوان زِ ''ہرگاہ شاعرن یہِ اکھ روحانی

تجربَے چھُ بیان کوٚرمُت مگر امیُک لطیف تہٕ جنسی لہجہِ چھُنہٕ پوٚتُس معرفتُک یہِ گوٚب بار وبتر اٰوتھ ہبکان''۔

امہِ بیانہٕ ستیٚ چھِ اٰسی پننہِ موضوع چہ گوجہِ ٔنس واتان،سُہ گو وجنس، معرفتس تہٕ ہسرِ یتس کیاہ واٹھ چھُ پانہٕ واٰنی؟ معرفت تہٕ ہسرِ یتس دِن ساریٚ نہن کل مگر یہِ جنس کتھہٕ کنی چھُ موضوعس ستیٚ ٹیب دِتھ؟ امیُک جواب چھُ یہِ زِ رحمان ڈارنہِ کلامُک یہِ کم زیادٕ مژٕ آسہِ بٹھان چھُ، تتھ منٛز چھُ جنس واریاہ نمایاں تہٕ ٹاکار۔راہی تہٕ کاٰملن چھُ شیٚش رنگس متعلق سارِوے کھوتہٕ زیادٕ زورامہِ کِس تیٚس تہٕ بڑ ژھ ؤنس جنسی جذبس تہٕ تھتھراپہِ دیُت مُت مگر رحمان ڈارنس باقےٚ کلامس تہِ چھُ جنسک خُمار مسکہِ خمارٕ کی پاٹھی ہَنہِ ہَنہِ ترٛیلتھ۔کینژن مصرعن ہنٛز زُتنہِ وُچھو ع

نالہٕ ناٰج آیم نالہٕ ہے رٹن

○

وصلکی جامہٕ چھِس پرِتھ پانس، ملیتھ چھُم ہَنہِ ہنےٚ

○

| | |
|---|---|
| اَدٕ فرعطرے ناٰوِتھ چھُس تن | رنگہٕ رنگہٕ سامانہٕ سنٛز گریٚ مس |
| ہیٚ تن چھاوِ نابیٚہٕ یوٚری اَنتن | کتھن کمہِ سونہِ روٗٹھم یار |

○

| | |
|---|---|
| ہم خانہٕ در شبانہٕ | بیدار بہٕ گرٛنس |
| نےٚ کرتو بیانہٕ | پیمانہٕ بہٕ چاٰونس |

○

یہِ چھُ ورگہٕ لل دیٚدٕ ہُندٕ سُے تصوٗرزِ ''وُچھم شوٗس شکھت میلتھ''۔

تصوُف چھُ میانہٕ خیالہٕ اسرار پسندی یا ٕسریتُک اکھ مصلحت آمیز نقاب تہٕ ٕسر گوو کیاہ؟ یتھ دُنیاہس منٛز چھُنہٕ ماد تہٕ نر ٕہنٛدِ وصلہٕ تہٕ اَمہٕ خاطرٕ تِہنٛد بن اَر ٕسرن ہنٛدِ کھوتہٕ بوٚڑ کانٛہہ ٕسر۔ یہٕ چھُ تیوٚت ٹاکارٕ پزر زِ سانہٕ اِنفرادی زندگیہِ منٛز چھُ امیک تصدیق پرٛتھ آنہٕ گژھان۔ سعادت حسین منٹو ہٕنٛدِ افسانہٕ ''ننگی آوازیں'' ہُنٛد ہیرو چھُ اَتھ ٕسرس فاش گژھنہٕ پتے دِماغی گژھان تہٕ بیدلؔ چھُ شرمہِ دأوی وۄشلنس تانیٚ امی ٕسرُک اِستعارٕ زانان ع

یعنی کہ دُعائے وصلِ یار است حیا

تہٕ اَمی زاأوِلہِ ٕسرُک ورگہٕ اظہار چھُ یتھ شعرس منٛز تہِ ع

میانِ عاشق و معشوق رمزیست

کراماً کاتبین راہم خبر نیست

کاینات ٕکس یتھ حأرت ناک عجأیب خانس تہِ ہرگاہ یوٚہے ٕسر ڈنب چھُ، تتھ منٛز چھُنہٕ کم از کم ٕسریت پسند شأعرس کانٛہہ اشکال۔ بہٕ کرٕ بیٚیہٕ بیدل سٕے دامنس تھپھ۔

زیں گلستاں مگذر بے خبر از کاوشِ رنگ

شاید ایں پردہ نقابِ چمن آرا باشد

مذہبی کٹر پسندی ہٕنٛدِس زمانس منٛز اوس تصوُف دراصل چارسوٕیہ ٕکس جبرس تہٕ پانہٕ سماجی کیو سیأسی ادارن establishments خلاف بغاوت۔ اوٚ تانیٚ چھےٚ کتھ سماجی تہٕ سیأسی معیارتہٕ میزانوٕستی فکرِ تران۔ مگر شأعری منٛز گوو اَتھ عجیب وکانہٕ۔ یعنے شأعرٕ ہٕنٛدی باطنن وول یہٕ پننہِ تحت الشعور کنِن

ظلماتن منز۔ تمہٕنے ظلماتن منزٕ یمن متعلق پانہٕ رحمان ڈار چھُ اِشارٕ کران ع

سکندر آیو ظلماتہٕ أندرٕ رے لال ہیتھ بے شمار

اَتھ ہکو یمہٕ آیہِ تہٕ باوتھ کرِتھ زِ یہ بنیو ونہٕ اکھ نیپرٕ کی نبہٕ گرٕنی، بلکہ اکھ داخلی دھماکہٕ (implosion) سماجی تہٕ سیاسی جبرِ تکی شِدتن سجاونو وصوفی شاعر باطنگ اِندر سبھا، یِتہٕ وجوٗدٕکی ساری زولانہٕ آوسان چھِ تہٕ یتیک عالم یہ چھُ کہ "وٕ چھم تتہِ شور وٕ تھمت زور عشقہٕ نار سے"۔ رحمان ڈارُن معرفت چھُ یوٚہے۔ تاجُب چھُ زِ امین کامِلس چھُ باسان زِ تَسُند جنسی جذبہ چھُنہٕ معرفتُک یہ بور وبتر اُوِتھ ہکان۔ نرمادگی تہٕ ابدی حقیقژٕ ہِندِس یتھ کارگہس یمہٕ مپچھِ ژولہِ رحمان ڈار وٕ تھمت چھُ، سُہ چھُ امہ کُنن کنڈٕ بن تہِ گولاب وٕتھرن بقولِ غالبؔ امہِ کُنن نالن تہٕ نغمن ہُند اعتبار عطا کران۔ خبر معرفت کتھ چھُ کامل صابٕنی کنی ناو۔ ظاہر خوطبہٕ ہیرِ پیٹھ یوجوٗج موجوٗ جن ہُند حال باونس ما چھِ تم معرفت ونان۔ تتھ صورتس منز چھُ رحمان ڈار پزٕی کنی یپاری روزان۔

معرفتُک لفظ چھُ رحمان ڈارنس کلامس منز تکرارٕ سان یوان تہٕ امہِ کھوتہٕ قابلِ توجہ کتھ چھےٚ یہ زِ بڈٕ نوزُک شاین پیٹھ یوان۔ معرفت ورتاونک اکھ مقام چھُ "شیٖش رنگُک" سُہ پُر اسرار لکھٕت یتھ امین کامِلن گُھر اوٚن تہٕ اصل مصرعس کوچہٕ پھیر کرِتھ لیوٚکھُن اتھ 'معرفت چھُ ونان رحمان' تمہِ آیہ زِ راہی صابن کوٚرُس یہ جملہٕ چُست:

"دلتس چھُ سرسری مطالعہٕ چہِ بانبرِ منز گلہِ پیٹھٕ وٕسی پینگ محض بُل گومت"۔

پانہٕ راہی چھُ دُ ژیتیگ شکار گژھان۔ اتھ حدس تانی زِ تس چھُ وٕری واد گژھتھ

احساس گژھان زِ کیاہ تاٗجب چھُ امین کامل آسہِ میانہِ وِے یِمو لفظو پٔنٕنس ٹُند فاصلس واتنو مُت ۔ راہی ہِندی یِم لفظ اَسی زِ آخری شاعر چھُ محض لکھُت تہٕ عنوان تہٕ نظم چھےٚ امہِ ورأے مکمل تہٕ متحرک مگر پتہٕ پہن چھِ تم بجا طور اُتھ شعرس ع

حأرتن چھُ رحمان وٚول معرفتن تے

شیٚش رنگ وٚنُن دفتن

اَمہِ نظمہِ ہُند منطقی انجام مانان ۔ بہر کیف معرفتک بیاکھ بیان چھُ رحمان ڈارنس یتھ شعرس منز ؎

شریعت چھےٚ پرٛتھ کُنہِ فرق طریقتہٕ یکسان

حقیقتہٕ نِشہِ عقل چھےٚ حأران معرفت ونان رحمان

تہٕ امیک ترٛییم رنگ چھُ یہِ ع

معرفتہٕ مَیہِ ستی بادِل بیدار گوس، پرٛ زنووٚم سمسار

چھیٚتیوم موے یارٕ، وٕتہٕ گوم لولہٕ نار، پرٛ زنووٚم سمسار

یا

معرفتکی پیالہٕ چتو سالہٕ تو سون یے

معرفت چھُ حقیقتس لرِلوٚر آمُت ، مگر بیاکھ کتھ تہٕ چھےٚ سبٹھاہ اہم سوگے زِ معرفتس ستی چھُ حأرأنی (wonder) ہُند احساس ۔ حقیقت چھےٚ سِریت پسند شاعرٕ سُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ آوُلن تہٕ اتھ دول دِتھ پٔنٕنس منزلس واتنہٕ خاطرٕ چھےٚ تس کُنہِ سامانٕچ ، کُنہِ گاڈِہٕنٕز ضرورت ۔ رحمان ڈارن یہِ وُژ پرٛ ہنگ

چھُ معرفت حقیقت ییلہِ تس اَر چھے انان سُہ چھُ معرفتُک سورمہٕ چشمن لاگان۔ سو چھِ کرالہٕ نہِ کتھہِ چھُ یہ سورمہٕ لاگتھ پۄز تہٕ اَپز نِنان۔ یعنے حقیقتس چھے اکھ خوبصورت لُرٕ پارٕ گژھان تہٕ تمہِ کہِ دبلہٕ منز چھُ حاًرتُک سُہ طلسمات پادٕ گژھان یُس سِر ساًوِ تہٕ چھُ تہٕ خابناک تہٕ۔ یہ عالم وُچھنہٕ خاطرٕ اُس کولرجسَن اُفین کھبتھ 'کُبلے خان' نظم لیکھنہٕ پیوان تہٕ غالبَس اوس پیوان وَنُن ع

بے مے کسے ہے طاقتِ آشوب آگہی

کمال چھُ زِ پانہٕ رحمان ڈار چھُ معرفتس 'مے' زاًنتھ چوان تہٕ اِدٕ چھُ تس تیوٗ تاہ آگاہ موکلان زِ سمسار چھُس رنگن ہنز اکھ مہری نیاہ باسان تہٕ سُہ چھُ روقن وتھراوان تہٕ وتن موختہٕ چھکان۔ سو چھِ کرال چھُ ونان ع

دِ پیومس چھُکھ ژٕ کُنے لا شریک
تمِ دۄپنم تمہِ تہٕ گژھی تھےٕ میون طریق
دِ پیومس اَتھ طریقس ہیمَے زاگے
تمِ دۄپنم ہرنہٕ چشمن سورمہٕ لاگے
دِ پیومس سورمہٕ لاگتھ کیاہ چھُ بنان
تمِ دۄپنم پۄز تہٕ اَپز اِدٕ چھُ نِنان

معرفت کِس زاًنیاَنس منز رحمان ڈارُن اَژُن تہٕ تہنزی کتھہِ وَلنہٕ یُن چھُ محض سفر، کوشش تہٕ ژھرٕ ژھرٕٹھ۔ امیک حاًصل تہٕ انعام چھُ حاًرت تہٕ ''حاًرت'' لفظ تہٕ چھُ رحمان ڈارس سبٹھاہ ٹوٹھ۔ تَسندِس موخصر دِسی یاب کلامس منز چھُ یہ وار یاہ لٹہِ یوان۔ مثلاً ع

رحمان ڈار چھُے منز حأرتن
کتھن کمہِ سونہِ رۄٹنم یار

ماشوق خلوت خانہٕ لٔج عاشقن دِوَیے
عأرف تتے حأرانہٕ جانانہٕ وُچھ ہر روے
تہٕ تسُند بے مثال لکھُت ع

حأرتن چھُ رحمان وۆل معرفتن تے
شیٚش رنگ وۆنُن دفتن

رحمان ڈارنہِ کلامُک تناسُب وُچھِتھ چھُنہٕ یہِ ژیٚنُن مشکل زِ لفظِ حأرت
یُٗ تاہ تٔمۍ ورتوومُت چھُ تیُٗتاہ چھُنہٕ وُہرمہِ صدی ہنٛدِس ڈسلابس تام بییہِ کأنٛسہِ
کأشرِ شأعرن ورتوومُت ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ تَسنٛدِ اَمہِ لفظُک ورتاو تیُٗتاہ (profound) تہٕ
معنے خأز زِمےٚ چھُنہٕ بیٚیس کأنٛسہِ کأشرِس نِشہِ اَمہِ لفظُک یہِ وۄہار تہٕ وہراو
بوزنہٕ یوان ۔ البتہٕ چھُ مرزا بیدلَس نِش حأرتُک یوٗ ہے تصوُر '' دمید دانہ و بالید
وآشیاں گہہ شُد '' ہِش کیفیت پیش کران یُس ونان چھُ ۔

زبرقِ ایں تحیر آب شُد آئینہ دل ہا

حأرت نأکی ہُنٛد یہِ خاب زار چھُ یوتاہ پُراسرار زِ رحمان ڈارس چھُ
حقیقت کِس مروجہ تصوُرس تلُک پیٹھ پیوان کرُن ۔ پادلوٗسنۍ گیہِ کتھا تس
چھےٚ چشمہ لوسان تہٕ وُنن پیوان ۔

چشمو کھور کڈتہٕ وَتہِ بروٗنہہ یکھ، پتھ اٗسی زِنہٕ پھیران

یا

تاوٕنہٕ بازٕر اوقات رووُم، أچھوٕ ستی گوس پکان

یہِ تجربہٕ چھُ غالبَ سٕندِ تجربہٕ کھوتہٕ تہِ زیادٕ عجیب۔

بہ وادیٔ کہ در آں خضر را عصا خفتہ است

بہ سینہ می سپرم راہ اگر چہ پا خفتہ است

یہِ سرسأوی تہٕ خاب ناک، تأجب خأز تہٕ ولولہٕ انگیز کیفیت وبتراونہٕ

خأطرٕ چھُ رحمان ڈار فنگ جامہٕ جمشید استعمال کران۔ یوٗنأنی دیو مالایہِ منز چھُ

أکس اپسرایہِ ہُنٛد ذکر یوان۔ ہرگاہ سوسبزٕ وأچھوٕ ستی ڈیشون، سو أس وُٕ کر

تہٕ وأنا کھ درٕ پنٛٹھی یوان۔ مگر اکھ طلسمأتی أنہٕ اوس تیُتھ زِ ہرگاہ کأنٛسہِ اَتھ لگہِ ہے

تہٕ سہٕ وُچھِ ہے تمہِ منٛز اپسرایہِ ہُنٛد بُتھ، تس اوس أچھن ہُنٛد وُنیب ژلان تہٕ

تمِس سور گہِ حورِ ہُنٛد خولہ خط وَنہِ یوان۔ رحمان ڈارُن سریت پسند ذہن تہِ

چھُ پننہِ فنہٕ چہِ أنہٕ واجہِ ستی زندگیہِ ہُنٛد کرٕ یہنٛر مأتہٕ راوان تہٕ صدفہٕ منٛز دُربدِ

کڈان۔ سہٕ چھُ پانہٕ یژہے کیفیت بیان کران۔

ژھرِ چھے پنٛنٕ ژھاے ژھایہِ چھے دِلچ راے

أئینہٕ رٹھ در دس تےَ چاوٗنس بہٕ پانہٕ مس تے

ینہٕ کأنٛسہِ یہِ خیال گنہٕ زِ رحمان ڈارس اوس یہِ مقام اولے عطا گومت۔

سہٕ چھُ پھرِی پھرِی ونان زِ ''مژ راوأچھ چھے زأ ویٔل زال'' ہیرِ بون مالامال۔

یہِ زال ژٹنہٕ خأطرٕ کأژاہ ژھرٹہٕ ژھرٹھ تہٕ جست خأزی پیٚیہ تس کرٕنی، تمہِ خأطرٕ

چھُ تسُند اکوے مصرخبر کأژن کتابن کھوتہٕ زیادٕ احوال ونان۔

توہہ ماوُچھ وون مأنز چھس اتھن

کتھن کمہِ سونہِ روٗٹنم یار!

یہِ چھےٚ أکس طلب گارٕ ہنٛز، أکس عاشقٕ ہنٛز تہٕ أکس مجلوٗن مُتی ہنٛز ساد لوحی۔ مگر یہِ چھُ أکس فنکارٕ سُند شناختی آلوتہِ۔ حُسن، خوبصوٗرتی تہٕ وصل ژھانڈُنک تلاش۔ یِیتہِ کلہِ تہنٛد ہن نادن برأنتی گرٛھان چھِ تہٕ یِیتہِ سورُے حُسن تسُند آ کارتہٕ نیب باسان چھُ۔

"شیٖش رنگ" چھُ امی پُر اسرار سفرُک قوسینِ اوادنی۔ سُہ تہِ نہ صرف انفرادی نشانن تہٕ علامژن منٛز بلکہ آفأقی تہٕ اجتمأعی پیمانن تہٕ میزانن پٹھ۔

یہِ دود نرن مادن تے
چھِم گرٛھان برأنتی نادن

یہِ نظم چھےٚ تیژاہ سُنٛی تہٕ تہہ دار زِ امہِ منٛز ہرگاہ ہتہٕ بٔدی بٔگہٕ آب کھالوتہِ روزن اَتھ ساسہٕ بٔدی بٔگہٕ وُزان تہٕ گرٛ بزان۔ اَتھ نظمہِ چھُ رأوی وأحد مُتکلمس منٛز روایت کران۔ مگر امِکی پزٕرچھِ وحدٕتکی پن تہٕ حدٕ ژٹتھ کثرت کِین عظیم سِرن واش کڈان۔ یتھ بندس منٛز وُچھو وحدٕتکی تہٕ کثرٕتکی یِم وِہ تہٕ أتھی ہتی رأوی ہنٛزِ زبأنی غالبؔ ہنٛدِ یمہِ مصرٕچ باوتھ:

"بے مے کسے ہے طاقت آشوبِ آگہی"

| | |
|---|---|
| یاونہٕ أہسس تن ناون تے | ہاوسہٕ چھُنہٕ چھاون |
| کیاہ وَنہٕ کتی گےٚ اَتھ ہاون تے | یہِ چھُ دُنیاہ تاوَن |
| بہٕ چھس نہٕ وتراون تے | تس چھُنہٕ کانہہ تہِ باون |
| ملہٕ ون چھےٚ مےٚ تہٕ تس کتھہٕ تراون تےٚ | لوٗکھ چھِم مُژراوَن |

یہِ چھُ اکھ کأینأتی cosmic تجربہٕ تہٕ "شیٖش رنگ" چھُ میانہِ خیالہٕ اَتھ

اوَ ے ناو تھاوَنہٕ آمُت، تِکیازِ یہِ چھُ شیٚش جہاتن وٕحاطہٕ کران۔ دُنیاہ کِس three dimensional تہٕ پامال تصوٗرس ریزٕ ریزٕ کٔرِتھ چھُ یہِ اکہِ زیادٕ بہتر حقیقژ ہُند پَے دِوان۔ یَتھ منٛز وصل (کامیڈی) آسِتھ تہِ ٹریجڈی ہُند انہار اَتھِ یوان چھُ۔ رحمان ڈار چھُ پانہٕ اَتھ منٛز جہتن ہنٛز بندشِ محسوس کران تہٕ ونان ''جہتن بہٕ مأرنس، موے آم چھتن تَے وُنہٕ چھُم زاگان ہتن'' نظمہِ منٛز چھِ وصل تہٕ جدأیی رنگارنگی ہٕندی زٕ وِہرٕ مقام۔ اصل کتھ چھےٚ سو بانبرِ تہٕ چھانبرِ یوسہٕ نہٕ زانہہ نشان چھےٚ تہٕ زانہہ مشان چھےٚ تہٕ سودگ یوسہٕ نہٕ زانہہ سوران تہٕ زانہہ سوتان چھےٚ۔ طوطہٕ ہارِ ہُند ابدی ژھسپہٕ ژھور یہِ تصویر ہیکہٕ اکِس عاشق ماشوق ہنٛز تہٕ آسِتھ تہٕ ییمہِ سر سأوِ کایناتک گتہٕ گیوٗرتہِ۔ سُہ گتہٕ گیوٗر یَتھ صرف گتھ پزر چھُ تہٕ باقے سورُے فروعی۔ نظمہِ ہنٛز بظأہر ساد صورت چھےٚ امیک بے انتہا وَردار، پوختہٕ کار، پُر وقار، باوتک نقاب۔ واقعہ چھُ زِ ہرگاہ نہٕ اتھ ظمبکھ نارِ ہُند زیرٕ بم ڈکھراونس آسہِ تہٕ توتہِ چھےٚ یہِ پننہِ فنی اعتبارٕ کنٛی دٕہتھ نِوان۔ مےٚ چھُ یتھ شایہ راہی صأبُن وُنُن یاد پیوان زِ نظمہِ ہنٛز جذبأتی ٕگتہِ منٛز ییرِ وسان وسان چھُنہٕ یہِ ظونٕے روزان زِ آیا نظم چھا علمہٕ عروٗضچ تہٕ قافیہِ بندی ہنٛز پابندی وتراوان کِنہٕ نہ۔ ہرگاہ اَسہِ اچھ گتھ چھےٚ قافیہِ بندی ہُند سورُے نظام مُثر اوان تیلہِ کیازِ روزِ امیک تأثیر ''یاالٰہی مٹ نہ جائے دردِ دل'' کہِ طرزٕکی پأٹھی کُنہٕ سازنوأزی ہتی وابستہٕ۔

بہر حال شیٚش رنگُک تناژ وول لکھت چھُ رحمان ڈارنہِ سریت پسندی ہُند ثبوٗت تہِ تہٕ تفسیرتہِ۔ ''حأرتھ'' چھُ سریت پسندی ہُند اکھ انتہأیی

اہم جُز تہٕ معرفت چھُ سو پُر اسرار تکنیک یا تجربہٕ یمہِ ستی آدم ذاتھ یہِ بور وبتر اونس لایق بنان چھےٚ ۔ مےٚ چھُ باسان زِ امین کاٲملس چھُ پزٕ کنہٕ بُل چِک گومُت شایداوٕ کنہٕ زِ رحمان ڈار چھُنہٕ معرفتس اکھ کلشٕے بناوان بلکہ رگن منز زوٲل کرن وول اکھ رقصاں تجربہ۔ رحمان ڈار چھُ معرفتس تیوٗت لوٚت بناوان زِ تسُند فن چھُ حقیقتن ہُند پےٚ کاٲستھ خبر کاٲتھن معرفتن نکھ دِوان تہٕ پننہِ کامراٲنی ہُند باج ہوان ۔ یعنے بقولِ اقبالؔ ؎

شیشہ اگر بہ سنگ زدایں چہ مقام گفتگوست
عشق بدوش مے کشد ایں ہمہ کوہسار را



# افسانچ زبان تہٕ ہیئت

رتن لال شانت

تمی زبانٔی ہُند افسانہٕ چھُ کانٛہہ پرٛزنتھ (آیڈینٹٹی) پرٛاوان یتھ منز نثر بالغ گومُت آسہِ۔ نثر گو وزبانٔی ہنٛدِ نجی محاورُک بامعنے ورتاوتہٕ اَمہِ معنی یہِ خاطرٕ محاورس اندر لفظٕچ صحیح لاگے (پلیسنگ)۔ کانٛہہ زبان یتھٕ پٔژن مخصوص محاورٕ پراوِ امیک فائیدٕ چھُ باقیو صنفو کھوتہٕ جادٕ نثرٕ ہیے واتان۔ محاور گرٛشھِ لفظی معنے چھِن سرحدن ترٛاوتہٕ النکاری (صنایع بدایع) معنے خاطرٕ شقہٕ گرٛشھن تہٕ باوتھ چھِن نوزکی ین وبترِ تھ ہیکن۔ زبانٔی لحاظہٕ چھُنہٕ نثرس تہٕ نظمس (وٕرسس) کانٛہہ ویٛتھ فرق مگر یوسہٕ فرق چھُکھ سو چھِ لفظ لاگیہِ ستی گرٛشھان۔ نظمہِ اندر چھُنہٕ محاورٕ گنہِ باقاعد لفظہٕ لاگیہِ موحتاج آسان مگر نثرس اندر ہیکہِ لفظہٕ پھِر یہِ ستی محاورٕ ے بدلتھ، معنے بدلتھ گریمر غلط تہٕ گرٛشھتھ۔ نظم چھِےٚ وَننہٕ کھوتہٕ اِشارٕ کران۔ نثر تہٕ چھُ اِشارٕ کران مگر ونان چھُ وار یاہ کینٛہہ۔ وَننہٕ کِنی چھُ اَتھ منز جملہٕ اہم بنان۔ لفظ چھُ لوٚہ لنگرٕ ہیتھ پوٚرٕ تنوظُر کِنی معنے دِوان۔ تتھ چھُنہٕ پننی کانٛہہ تنہا شخصیت روزان۔ زبانٔی ہنز موٗل اِکائے تہٕ چھُ جُملے مانہٕ یوان۔ زبان دان چھِ مانان زِ انسان آسہِ نہٕ لفظو ستی بلکہ جملو ستی زیو آمُت۔ اوٚ کِنی چھُ نثر موٗل بولو نہِ زبانٔی نزدیک آسان۔ امیک مطلب گو ونہٕ زِ اَسی چھِ نثر بولان۔ اَسی نہٕ چھِ نظم (وٕرس) بولان نہٕ نثر مگر یہِ کینٛہہ شاہ اَسی بولان چھِ تہٕ چھُ یمن دون اَندن منز باگ مگر نثرس ہنانگھے پہن۔ سُہ چھُ بقولِ ایلیٹ

شاید نظمی نثرس (ورس پروزس) ہیو آسان ۔ مگراگرٔ ے اُسی نثرنما کتھ کران
چھِ یہ نثر چھُ نثر چو صنفو منٛز افسانہٕ سے نکھہٕ آسان تِکیازِ اَفسانہ ٕ چی زبٲنی چھے
خصوصیت زِ سو چھِ ونان تہٕ تہٕ اِشارٕ تہٕ کران ۔ تی نا یہ اُسی بولان بولان اَتھو
تہٕ کھور بو کران چھِ ۔ یہ دُروٚیہ ذِمہٕ وأری بناوٕنہٕ خاطرٕ چھِ افسانس اندر لفظٕ
لاگے اہم ، لفظک تُلہٕ تراوا اہم ۔ چونکہ افسانہٕ چھُنہٕ الگ تھلگ رُوزِتھ ووتھٕ بوو
لبان ۔ یہ چھُ کلہم نثر چہ بالغ گڑھنس ستی پھولان ۔

## وُشنیر تہٕ ہٕندریاٛ رُک رأ چھدر نثر : ابسے تہٕ تنقید :

نثرچہِ بالغی ہُند ثبوٗت چھُ ابسے تہٕ تنقید آسان ۔ ابسے چھُ لکھأری
ہٕندِس تتھ تخلیقی فنس ڈِسپلنس اندر کڈٕرٹان یُس سو باوکنٕ بےٚ راہ رَو چھُ تہٕ
ابسے لکھنہٕ وِزِ بےٚ راہ رَو روزُن تیٚہح خوٗبی چھِ ۔ گوو زِ ابسے چھُ چھو کہٕ وَنہٕ
آمتِس منس دوڑھِ منٛز رٹان تہٕ دوڑھ مُڑ رِتھ اَسہ برونٛٹھ کنہٕ لَدرٕ مال تراوان ،
پتہٕ ثأبت گرِتھ دِوان زِ سوٚ دُراوس اَز لے مالہِ وُرِتھ ۔ ابسے چھُ نثرٕ چو صِنفو اندر
گُن سُہ یُس لفظس وونِدِ کڈِتھ دمأغی پھِروان چھُ تہٕ بیک وقت وونِدٕ
وُشنیر تہٕ دمأغی ہٕندریرٕ ژھران چھُ ۔ اکہِ طرفہٕ چھُ اَتھ منز منگ جہارٕ تہٕ
لفظک جہار ہم معنے بنان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ جملہٕ بناوٕنہٕ وِزِ من کرِ رَٹنٛج کوششے فن
بنان ۔ زبٲنی ہنٛزِ بالغی خأطرٕ چھےٚ یہِ کوٗشش ضروری ۔

تنقید چھُ لکھأری ہٕنٛزِ بےٚ گنڈ کوششہِ اندر تم عنصر ژھانڈان یموسُہ
spontaneity اندر تہٕ گُنہِ ڈِسپلنس طابع تھوٚو ۔ اَمہِ خأطرٕ چھُ تنقید پنٕنہٕ
زبٲنی اندر قوت پأدٕ کران ۔ یمہِ ستی لکھأری ہٕندین لفظن باہمی رِشتن پھاس

تراوِ۔ یعنے لکھأری ہنزِ فطرتی زبأنی لاگہِ پننہِ مصنوعی زبأنی ستی پرٚ ژِھش۔ اَمہِ خأطرٕ چھُ تس پننِس لفظس لکھأری ہنٛدِ لفظہٕ کھوتہٕ جادِ بروٗنٛہہٕ پأدٕ کرُن۔ پرن وول یُس اوتأنی لیکھن وألی ییرٕ نیوٗمُت اوس، ٹھیکہٕ راوِ کھورتہٕ پوٚت نظر تراوِ۔ پرٚ بتھ کانٛہہ پرن وول نہٕ، تنقیدس آسہٕ نے نہٕ سأری پرن وألی۔ سُہ آسہِ خال کانٛہہ، گوڈٕ ے رژھ کھنٛڈ بالغ تہٕ ممکن چھُ تعصبی تہِ۔ تنقید چھُ تسنٛزٕ بالغ نظری ہُنٛد فأیدٕ تُلان تہٕ تسنٛدی تعصب پھُٹراون۔ پتہٕ دی تنس یورٕ نوٕ ی تعصب سو چھےٚ وکھ کتھ۔ بہر حال گرٛ ٹھ تتھ زورٕ ورٕ زبان آسنٕ۔ (وُچھوأ خرس پیٹھ ضمیمہٕ نمبر اکھ)

## عملی شکل دِنٛچ کرٛاو:

ابسے تہٕ تنقیدٕ چ کرٛاو (پراسیس) چھےٚ نثرس بالغ بناوان۔ افسانہٕ چھنہٕ ابسے یا تنقیدٕ چ زبان ورتاوان۔ ورتاوے تہٕ غلط چھُ کران۔ مگر تتھ چھُ اَمہِ زبأنی ہنزِ عملی شکلہِ ستی واسطہٕ آسان۔ ڈِسپلنہٕ ستی شکلہِ آمُت معنے بوٚ رُت تہٕ ورتاو درٛاومُت یُتاہ وسیع لفظہٕ راش افسانس میلہِ تیُتاہ دِیس سُہ عملی رنگ۔ سُہ جوڑبس عام انسانس واقعن، معموٗلی لگن ستی، اَن پرٛ ھزِ بولاگبس۔ سادِ بیانس تہٕ وُٹھی متن مکالمن ہنٛدن قألی بن لدبس۔ افسانہٕ چھُ سنجیدٕ لفظس اَسُن تہٕ گنٛدُن ہیٚچھہ ناوان۔

## سفر اکایتہٕ پیٹھہ کایتس کُن:

بالغ گرٛ ھان گرٛھان چھُ لفظ اِکایُت پرٛاوان۔ اکایُت گووپرٚ تھ کایایہ (جسمہٕ) نِشہِ بدٕ ون مگر کُنہ تہٕ کایایہِ ہُنٛد روٗپ دارنس یِکی۔ کایایہٕ سوٗس تہٕ تہٕ کایایہِ روٗس تہِ۔ ابسے تہٕ تنقید چھِ زبأنی اِکایہٕ چن تھزٕ رن واتناوان۔

افسانہٕ چھُ اَتھ اکاپتِس عملی زندگی ہٕنز کایا بخشان۔ تنقید کرِ سماجہِ کہِ مِلوٗا رٕچ، زِندگی ہٕندِ کرتچھرٕچ، رِشتن ہٕندِ ٹیچھرٕچ کتھ۔ افسانہٕ دِیہِ لفظن واقعہٕ تہٕ کردارن ہُندرنگ، زِندٕ مثالن ہٕندِ ذٕسی ہاوِتہٕ لفظس دِیہِ بولونہٕ زبانٕی ہُند روٗپ۔ تنقید کِمن اِصطلاحن چھُ افسانس اندر پنُن الگ معنے آسان، مثلاً ٹیچھر یا میچھر ہیکہِ عملی زندگی منٛز صرف مٕزٕچ وَ کھنے کرِتھ یوٚدوَے تنقیدس اندر یہِ رٕوِیہٕ تیچ (ایٹی چیوٗڈٕچ) وکھنے کران چھُ۔ بیٚیہٕ چھُنہٕ ضروری زِ افسانہٕ نگاروَنہٕ کہِ کانٛہہ یا کینٛہہ چیز چھُ میوٗٹھ یا کرٕ وٗٹھ۔ سُہ ووتلاوِاَسہِ اُچھ بروٚنٛہہ کنہٕ اکھ شکل یتھ زِ پانے نَنہِ میچھر تہٕ کرٕچھر کیاہ گوو۔ جذبات، صفت، قرار، رٕوِیہٕ، قدر، انسانٕیت ہی گوٚڈٕ لفظ چھِ افسانس اندر واقعہٕ تہٕ تصویر بنان۔ اِوٕ کنٛہ چھےٚ یہِ کتھ صاف زِ افسانہٕ چہِ زبانٕی ہٕنز ترٛاے چھےٚ اکایتہِ (ابسٹریکشن) پتھ کاپتِس گُن۔ شُنٛز کہِ تھزٕ رٕ پتھ ٹھوس پاتھلِس گُن بیٚیتہٕ پتھہٕ تھزٕ رجادِ جان پاٹھی سمجتھ ہکون۔ تنقید پتھہٕ افسانس تانٛی زبانٕی ہُند سفر چھُ ہوٚبہوتتھ سفرس ہیوٗیس زبان زنم ہوان ہوان کڈان چھےٚ۔ زبان تہٕ چھےٚ اکایتہِ پتھہٕ کاپتِس گُن تیچ ہٕ کوشش آسان۔ افسانہٕ چہِ زبانٕی ہُند گوڈنیک نوقطہٕ چھُ یوٚہے۔

آوازٕ ہٕنز پانٛ نکل:

دود تہٕ دَگ، سوکھ تہٕ دوکھ، پنُن تہٕ وو پر، مائے تہٕ رٕش، زندگی تہٕ موت، یِم اکاتِتی لفظ تھُرٕ نہٕ انسانن کُنہِ قودرتی آوازِ نقل کرِتھ یا کُنہِ مجلسہِ اندر باضابطہٕ مشوٗر کرِتھ۔ یِم درٛایہِ تَنٛدِ ووندٕ اندرٕ ہکہِ یا کشالہٕ۔ تمی گلوٗ زٕو تہٕ پانس روٗزِس نہٕ خبر تمی کر یژھیو ویم لفظ تھُرٕ نی۔ مگر کیاز زِ؟ یٕنہٕ تس زٕو آیہِ تنہٕ پتھہٕ

اَز تانی چھُ تَسُند روحجانہٕ اکایتھن احساس آوازِ ہٕنز ہانکل گنڈٕنی۔ احساس آواز دِنی گوو بےٚ ناوتہٕ بے رۄپس ناوتہٕ رۄپ دیُن۔ یہِ گۄے کایاونچ کرٕاو۔ یہاۓ کرٕاوچھےٚ زبانٕ ہُند تواریخ۔

<u>بالغ زبانٕ ہٕنز منگ:</u>

افسانُک روحجان تہٕ چھُ یِی۔ یوسہٕ زبان بالغ آسہِ تہٕ تنقیدٕ دژ اہمٕ آسہِ تتھ آسہِ اکایٕژ شکل گامٕژ۔ افسانہٕ چھُ اَتھ کایادِنچ کوشش کران۔ مگر سوال چھُ ووتھان زِ اَمہِ کرٕاوِ ہُند ضرورت کیازِ پییہِ؟ اگرَ ے زبان پانہٕ اِکایتس کایُت دِتھے بنےٕ مٕژ چھےٚ، افسانہٕ کونہٕ ورتاوِسو کایٕژ زبان سیٚدٕ سیوٚ دُے؟ سو بالغ آسی تن یانہ۔ افسانہٕ کیازِ گوڈٕ تنقیدٕ ڈسی بالغ گامٕژ زبان ژھاران پتہٕ ورتاوِتھ تمیک اِکایُت دِنتھ تراوان۔ مسلہٕ وہٕژھنہٕ وِزِ پزن اَسہِ یم لفظ نوٹ کرٕنی۔ تنقیدٕ ڈسی بالغ گامٕژ زبان۔

<u>تہذیب تہٕ نثرُک ووتھ بوو:</u>

افسانہٕ چھُ کم ترقی یافتہٕ زبانن منٛز تہِ آسان، تنقید متہٕ آسی تن۔ مگر سُہ چھُنہٕ پھوٚلُمت آسان۔ ترقی یافتہٕ زبان گۓیہِ تمہٕ یمن اندر:

ا۔ نظم (ورس، شاعری تہِ) تہٕ نثر ڈنگی برٕژر آسہِ۔

۲۔ نظمہِ ڈنگی صرف باتھ یالوٚ کہٕ ادبے یوت آسہِ نہٕ تہٕ نثرس اندر صرف اِنسانیاتن متعلق لِکھت آسہِ نہٕ۔ ادبی صِنفن اندر افسانہٕ یاناولے یاٚژ آسن نہٕ۔

ترقی یافتہٕ سماجن اندر چھنہٕ زندگی سوٚپ آسان تہٕ مولوٚماتہٕ ڈنگی غریب،

کیٛژن بژمن تہٕ وٕہمن گتہٕ گیوٗر کران بلکہ سوٗچھےٚ حقیقتس objective تہٕ سائنسی نظرِ ژرژان۔ تَتہٕ چھِ لیکھن والی زِندگیہِ ہنٛدٕن زاُوِی جارتہٕ افراطہٕ فراغتہٕ رُکس ماحولس اندر اَڈٕ دتھوٚ ٹاربوٗ وبژھناوان۔ زندگی آسہِ زاُوِی جارتہٕ سماج آسہِ complex نٔژس اندر چھےٚ حقیقژ لےٚ آسان۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت سماج یوٗتاہ complex گژھان چھُ تیٚژاہ آیہ تتہٕ چہٕ زندگیہِ ہنٛزٕ لےٚ حقیقتس نگھہٕ تہٕ نٔژآوبارسس۔ complex گژھن اگرٲزی کہٕ سماجُک مقدر چھُ، حقیقتس ہِتی گنٛڈنہٕ یُن چھُ نٔژُک مقدر۔ complex سماج یُس نظم یا نٔژپاُدٕ کران چھُ تتھ چھِ تژاے آسان ادبی (ادبیت سان، فوک نہٕ) ہنٛج، تتھ ادبس چھُ جاہٕ سنٛہر تہٕ وُسعت یوان۔ لفظ ہیٚکہِ اِصطلاحی جہت پژاُوِتھ۔ تنقید چھےٚ بالغ سونچس اکا ہِتی اِصطلاحن اندر بند کرٕنچ کوشش کران۔ تنقید چھےٚ لگاتار ادبی رِوایژتھران تہٕ پوٚھراوان۔ افسانہٕ چھُ ادبی (ادبیتہٕ سان، صرف ادٕچ صنف آسنہٕ موکھہٕ نہٕ) کاُوِش تہٕ اِہ کٔنہِ سماجٕچ دوٚیم زبوٗ۔ گوڈٕنچ چھس پنٛنہٕ اوٚگرتھوٚ گر زبوٗ۔ اوٚگرتھوٚ گر آسنہٕ کٔنہِ چھےٚ سوبڈونہِ بیان کُرتھ ہرکان تہٕ اِہ کٔنہِ چھِ مختلف علم وو پدان۔ علم تہٕ ادب چھُ سماجی ترقی ہِتی سیوٚ دواٹھ تھوان۔ سماج لبہِ ترقی اَدٕ لبہِ علم تہٕ ادب تہٕ ترقی۔ سماج بَنہِ complex ادب تہٕ بنہِ complex۔ افسانہٕ چھُنہٕ اَتھ وڈ (ایکسپشن)

<u>اوٚندبوٗرتہٕ سمیہ شعوٗر:</u>

کانٛہہ زبان ہیٚژ اِصطلاحن اندر گنٛڈنہِ یہِ تیٚژاہ چھےٚ تمہ جینیس مران۔ سوٗچھےٚ پرتھ (موٗمژ رِوایتھ) بنان۔ تتھ چھےٚ تخلیقی قوت پتہٕ گژھان۔

افسانٕچ زبان چھےٚ سماجی ترقیہِ ستی آمژ یہِ تبدیلی مانان تہٕ زانان۔ پتہٕ چھس یہِ قوت واپس انان۔ واپس اَنٛنچ یہِ اہلیت چھےٚ افسانس مِلو' (اۆندبۆر) نِش حاصل سپدان۔ أندی برِس ستی اَژھیٚون واٹھ، سماجہِ کتابہ اندر چھُ اۆندبۆر اکھ ورُق، افسانٕک تنوظر بنان۔ اوندبرِس ستی ذہنی تعلق واضح گژھنہ پتے چھُ افسانہٕ نگارس افسانہٕ زبوان۔ اۆندبۆر چھُ اۆندپۆکھ تہٕ سمیچِ اکٲے آسان۔ زمان تہٕ مکان کُس دأیرس چھُ افسانہٕ نگار مرکز بنان۔ اَمہِ دأیرچہِ ڈندرِ پٹھ شروع گرِتھ نژان مرکزس تل واتان تہٕ پتہٕ پانس أندی اندِچ یہِ اکٲے افسانہٕ بند کران۔ أندی برٕ کُس شعوٗرس وَنو سمیہِ شعوٗر اِکٲے آسُن گووٕنہٕ زِ اَتھ حقیقتس چھنہٕ رنگارنگی یہِ چھےٚ یک رنگ۔ بلکہ اَتھ ہکھن واریاہ سبتھٕری (سطحہٕ) أسِتھ۔ افسانہٕ نگار چھُ تم پاناوان سمجان تہٕ پتہٕ تمن اندرتال میل پاأدٕ کران۔ اِوکِنی چھِ افسانہٕ نگارس زِ چیز آسان۔ سمیہِ شعوٗر پاناوِنُک سکت تہٕ مستند تجربہٕ۔ دوشوے چھِ تِہُندِ خاطرِ ضروری۔ مستند تجربہٕ گٔے تِہُنز حسیاگی (سینسبلٹی) ہٕندی حأری ثات۔ یم چھِ تِہُندس فردس گُدران۔ سمیہِ شعوٗر چھُ تس اجتمأعی اُڈرنہٕ ستی یوان۔ اۆندبۆرٕ نِش یُس افسانہٕ نگار بے اثر آسہ تِہُند لکھُن تہٕ باوِرکتھ چھِ ہم معنے بنان تِکیازِ سُہ چھُ پننہِ منہٕ کُس بے بوٗج دُنیاہس زبو دِتھ پننس خیأ لی بجرس حق بجأنب قرار دِنہٕ چہِ ژھونبہ ژھاران آسان۔ تِتھے کُنی اگرے افسانہٕ صرف نیٚبرم واقعہ تہٕ اۆندبۆ روبڑ ھنے، پننہِ تجربٕچ سند دِتھ ہیکہِ نہٕ سُہ چھُ صرف اعداد شمار دِوان۔ سٹیٹسٹکس لکھان افسانہٕ نہٕ، اخبار شیران افسانہٕ نہٕ۔ افسانہٕ ہیکہِ نہٕ یمو منٛز اکہِ چی صورت رٔٹتھ۔ تتھ چھُ دونونٕی ہُند

میُل کرُن ۔ افسانہٕ چھُ فرد تہٕ تسُند اَوندبرٕ کی تعلق تمن ٹھوس واقعن (سچویشن) اندر وُچھان تہٕ بیان کران یم بامعنے (ریلونٹ) آسن تہٕ لکھاُری ہنٛدی ظاٰہری تہٕ باٰطنی رشتہٕ وبڑھناوان ۔ (وُچھواَ خرس پٔتھ ضمیمہٕ ۲)

## اِشارن زِٹو دِنچ تراے:

أزی کہِ افسانٕچ حقیقت کیاہ چھےٚ ؟ أزِچ حقیقت کیاہ چھےٚ ۔تتھ افسانہٕ زِٹو دِوان چھُ ؟ أزِچ حقیقت چھنہٕ کانٛہہ ابدی حقیقت یوسہٕ ہمیشہِ روزِ تہٕ نہ چھےٚ ابدی حقیقت ضروری أزِچ حقیقت ۔ محبت تہٕ حسد، کھاندر یا طلاق، لول یارِش، دُیٖن تہٕ وولُسن ، امُن تہٕ جنگ ، بڑٕین ہُنٛد احترام ،انساٰنیت ، انسانس اندر زِندٕ حیوان بیترِ ہوی موضوع چھِ افسانس گوڈٕ پٔتھے اَسی ہٕتی ۔ مگر أزچھِ وُچھنکی زاٰویہِ بدلان ۔ رٔوی یہِ چھِ بدلان ۔ شاٰعری تہٕ تصویر کشی اندر چھِ یم رٔوی یہِ زیادٕ ٹاکارٕ آسان ،افسانس اندر رٔزھاہ کم پہن ۔ شاٰعرس چھِ یم یوٗت گُر کران زِ بعضے چھِ تس یم رٔوی یے نظریہ بنان تہٕ ہتھہٕ گٔنٛزِ تس بروٛنہہ کُن بدلنس رُکاوٹھ انان ۔ افسانس اندر چھِ یم زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اِشارچہِ شکلہِ اندر یوان ۔ افسانٕچ حقیقت چھےٚ بہرحال ٹھوس دُنیاہ کِس حقیقی تہٕ خاٰبی تشریحس ستی واٹھ کھوان ۔

## سمیک سوال تہٕ ایماندار ردِعمل:

سمیچ تراے چھےٚ یہِ زِ لُکھ چھِ گاموپٔٹھ شہر کُن دَوان تہٕ تہذیب چھُ شہروپٔٹھہٕ گامن کُن کاڈ کڈان ۔ دَوترٕ اونہٕ وِزِچھِ لُکھ پٔنٛن تمدُن تِتی ترٛاوان تہٕ کاڈ کڈنہٕ وِزِچھُ تہذیب ملرن ہنٛدی پاٰٹھی یہِ بُتھہِ پییٚس تہٕ ننگلاوان ۔ یُس

اَتھ دور ِواپس پھیرنچ کوشش کرِ سہٕ گوو ژھبنہٕ ۔ انسانہٕ ہنٛز بدقسمتی چھےٚ یہٕ زِ اشرف المخلوقات آسنہٕ کہِ بژ مہٕ اگر ے سہٕ تہذیبہٕ کِس کاڈس ٹھرِ روزنچ کوشش کرِ، کرٛ وپُس گرٛھبس ۔ یہٕ چھےٚ حقیقت تہٕ یم چھِ سوال ۔ سون اَز کال چھُ یتھی نےٚ سوالن ہُند چیلنج وبتران ۔ سون بروٚنہہ کال تہِ کرِ یمہٕنے وکھنے ۔ اوٚ ے چھُ اَزیک افسانہٕ پننہٕ اَندی پکھِ کِس اَتھی روٗپس وبرٛھ ناوان ۔ یم سوال چھِنہٕ اکاہِتیس زَنم دِوان بلکہ حقیقی واقعن ہنٛدِس روٗپس منٛز ووتلان ۔ حقیقتہٕ کِس مستند تجربس اندر چھےٚ ایماندٲری آسان ۔ ایماندار لکھاری چھُ تجربہٕ کرمژٕ حقیقژٕ تہٕ مستند تجربس منٛز آہنگ ژھاران ۔ تجربہٕ گووٚ نہٕ صرف واقعہٕ یعنے یہٕ سپدان چھُ تہِ یا یہٕ لکھٲرِس گدران چھُ تیوٚتُے یوت بلکہ واقعُک آزاد باشعور تہٕ تخلیقی ردِ عمل ۔ تجربہٕ یہِ سپدان چھُ تہٕ حقیقت (truth) یہٕ آسہِ یم دوشوے ہیکن زبانٕ گرٛھتھ اپور (beyond) مگر دوشوے ظاہر کرنُک ذریعہ چھےٚ صرف زبان ۔

## داخلی کیفیت تہٕ پرن وول:

افسانہٕ ہیکہِ نہٕ افسانہٕ نگار ہنٛدِس منٛس تانی محدوٗد روٗزِتھ ۔ اَتھ اندر چھُ اکھ بوزن وول ہمیشہِ موجوٗد آسان ۔ لکھاری ہیکہِ نہٕ اَمہِ بڈٕ پزرٕ نِش انکار کرِتھ ۔ افسانہٕ چھُ اکھ مسلسل خطاب آسان ۔ ییلہِ افسانہٕ نگار پننٕی نام نہاد داخلی کیفیت وونان چھُ پرن وول چھُس موجوٗد آسان تہٕ خلاف گواہی دِوان ۔ یہٕ تہِ ہیکو وٚنِتھ زِ پرن وول چھُ بعضے لکھاری ہنٛزی شخصیتُک توسیع (ایکسٹینشن) ۔ لہٰذا تجرباتی یا نام نہاد داخلیتُک عکاس افسانہٕ اگر پرن وٲلی ہنٛدِ شخصیتُک کانٛہہ لحاظ کران چھُنہٕ سہٕ چھُ پننِس فطرتس انکار کران ۔ دوٚیمِن

لفظن اندر چھُ یہِ وَنُن زِ ڈراما پتہٕ چھُ افسانہٕ دوٚیم سو صنف یوسہٕ عامس آواران چھےٚ۔ افسانہٕ نگار گژھِ بوزن وأرلِس دِلس اندر پیٚیہٕ تمی زندگی ہُنٛد سورستھ پأدٕ ہکُن کرِتھ یُس تمی پانہٕ زُومُت آسہِ۔ افسانہٕ گژھِ تیٚنٛدِ شعوُرک تہٕ حصہٕ بناوُن۔ مشکل چھِ تیٚلہِ پأدٕ سپدان ییٚلہِ لکھأری ذاتی تلمیحہٕ دی دی پرن وأرلِس توس ترلان چھُ تہٕ پننِس زٕٹھل منس حق بجانب قرار دِوان۔

## نظم تہٕ نثرٕچ زبان:

تکیا زِ تجربہ دِیہِ زبان تہٕ حقیقت چھِ لکھأری ہٕنٛدِ ردِعملہٕ ستی تخلیقی تجربہ بنان، اوٚ کنی چھِ افسانہٕ چہِ تہٕ شأعری ہنٛز زبأنی اندر فرق کرٕنی ضروٗری۔

ا...... گوڈنیچ فرق چھےٚ یہِ زِ شأعرانہٕ تجربٕچ سند چھُ صرف شأعر آسان۔ تجربہ کتھ شکلہِ منٛز آوتس تہٕ ییہِ نہٕ یہِ پرٛژھنہٕ۔ یہِ شکل ہیٚکہِ حقیقی یا خیأ لی یا خأبی یا ترٛیشوٕنی ہُنٛد امتزاج یا ترٛیشوٕنی ہُنٛد تضاد یا ترٛیشوے بغأر بیٚیہٕ کینٛہہ أستھ۔ پرن وأرلِس یا بوزن وأرلِس چھُ تتھ سبتھرِس تانی واتُن پنُن شعوٗرتھٕ راوان تہٕ شعر سمجھُن۔ مگر افسانس متعلق چھُنہٕ یہِ صحیح۔ افسانہٕ کہِ تجربٕچ سند گژھِ لکھأری سُنٛد اوٚند بوٚ راُسُن۔ شأعر بطورِ فرد چھُ تخلیقہٕ وِزِ وکھٕت فرد آسان تہٕ باوتہٕ کِس سطحس پیٹھ تہٕ فردے روزان مگر افسانہٕ نگار چھُ انفرأدی گٹہِ منٛز نیرِتھ تاپس پنُن پان ہأوِتھ دِوان۔

۲...... نظم ہیٚکہِ صرف اُکس سبتھاہ موخصر خیالس پیٹھ ڈرِتھ اُستھ مگر افسانس اندر بنہِ سُہ خیال صرف اکھ ڈِٹیل (بأنہٕ؟)۔ شعرُک یہِ خیال یُوتاہ شأعرس پوٗرٕ آورِتیوٗ تاہ چھُ شأعر مستند باسان مگر افسانس اندر گژھِ امہِ خیالُک ورتاو

(objective) آسُن ۔یتھِن انسانس اندر ڈیٖل آسن تتھِن چھُ خطرٕ آسان زِ زبأنی ہیکہِ رِکن گژھتھ تہٕ جذبأتی یا سجاوٹی بنِتھ ۔اَتھِن گژھِ زبان بے لاگ آسنۍ ۔ جان افسانس اندر بڈٕ زٔھل قصہٕ تہٕ ساد زبأنی منز وَننہٕ یتھ ۔مگر سادگی پتہٕ چھِ بعضے زبأنی ہنز کمزوٗری یہِ تہٕ کھٹنہٕ یوان ۔زبأنی ہنز نوز کی چھٕیپہٕ دِتھ سادگی ژھارٕنی چھُ غلط ۔ بیان گژھِ اَثر دار آسُن یہِ چھےٚ زبأنی ہنز ابتدأیی خصوصیت ۔

۳......شأعری اندر چھُ بولٕنی زبان تشبیہن تہٕ استعارن (یعنے النکارن) ہُند جامہٕ وٗلِتھ یوان مگر افسانس اندر چھِ تشبیہ تہٕ استعارٕ بولٕنہٕ زبأنی ہنٛدِس محاورس اندر وَرتاونہٕ یوان ۔ یعنے افسانہٕ چھُ النکارن بول بوش عطا کران ۔افسانٕچ زبان اگر النکأری آسہِ ''تیٚلہِ ہیکہِ سوسون توجُہ کتھہِ نِش ڈٲلِتھ تہٕ پانس کُنے پھِرِتھ تھٲوِتھ'' ۔افسانہٕ تہٕ پرن وألِس منز (یِیہِ) زبان اکھ بےٚ وجوٗد مگر اہم ذٔری یہِ بنِتھ تِتھے کٔنۍ نظرِ تہٕ نظارس منز صحیح نمبرُک شیشہِ (عأنکھ) راجندر یادَو چھُ ہندی افسانن ہنز سوٗ مبرن ''ایک دُنیا سمانانتر'' چہِ گوڈٕ کتھہِ منز افسانہٕ چہِ زبأنی ہنز کتھ ژُلان تہٕ عأنہٕ کِنۍ مثال دِتھ اَمِچ فنکشن واضح کران ۔زبأنی ہنز مُژٕرگری چھِ صرف سون دیان ڈالان ۔افسانٕچ کتھ سمجنس ٹھرِ روزان ۔افسانٕچ زبان گژھِ شفاف آسنۍ ۔

## زبأنی ہندی سنتھری تہٕ رنگ:

افسانٕچ زبان چھےٚ زأنتھ مأنتھ گرنہٕ یوان ۔ ییتھہٕ کٔنۍ افسانہٕ نگار کردارن ناوتھوان چھُ ،افسانس کانٛہہ مخصوص ہیئت دِوان چھُ تِتھے کٔنۍ ۔افسانٕچ

زبان چھنہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ سپدان (نظمہٕ ہنٛز زبانٕ متعلق کُس وڈ پچھ؟)۔ نظمہٕ اَندر چھےٚ شبیہ (امیج) پننٛز زبان ہتھ یوان مگر افسانس اندر چھےٚ کتھ پننٛز ہیئت ہتھ یوان۔ زبان چھس پتہٕ دِنہٕ یوان۔ برار کتھہٕ برابر زبان دِنی چھےٚ افسانہٕ نگارٕ ہنٛز شخصیٔژ ہنٛز خاصیت۔ حقیقی (یا حقیقت پسند) زبان چھےٚ الگ آسان تہٕ جذبات نگاری ہنٛز الگ۔ منظر کشی ہنٛز الگ تہٕ نفسیاتی تجربٕچ الگ، کٔڈ رٔہن تجربن وکھنے کرن واجینٛز الگ تہٕ لاوٕہن احساسن زٕو دِنہٕ واجینٛز الگ۔ اگر ے افسانہٕ نگارس زندگی ہنٛز عُریانی ہاوٕنی چھےٚ زبان تہٕ چھےٚ ننگہٕ آسان، وٕہ راٹھ محاورس اندر لیکہٕ ہُند آکارٕ ژٹھ۔ موتک تجربہٕ تُمٕ ژیوئمت چھُ (موٗدُمت چھنہٕ بلکہ مرنی واقعن اندر گذر نک تجربہٕ چھُس) زبان اَسہٕ بےٚ رنگ تہٕ یخ۔ سو دِیہ رِشتن ہنٛدِ ہُند ریٲرٕچ ژینہٕ ون۔ عشق لیکھُن چھُس تہٕ اوند بور کھواژو ستی بدلےٕ متی تمیک بتھ کٔڈ وَنہٕ تہٕ ذاتی جذبٕل زبانٕ دِیہ زنم یتھ اندر ما گی برقرار روزِ۔ طنزٕ خاطرٕ دِیہ غارٕ ذاتی (impersonal) محاورس ترٛشی۔ لفظ بنن ہرٛشنہٕ پیٚتی ہی تیز۔ سنسکرت نقاد اَسی اَتھی سَنے متی، تموکوٚ روصیح مطالعہٕ تہٕ پتہٕ نتیجہٕ کٔڈ تھ مختلف جذبہٕ باونہٕ خاطرٕ اَسکھ اچھرتانٕ مقرر کٔری متی۔ یِمہٕ ہن چھےٚ پٔز زِ اچھرن چھُ پنُن وُشنیر تہٕ نرمی ٹھنڈی تہٕ ترو شنیار آسان۔

(وُپچھِو ضمیمہ نمبر ترٛے)

## النکاری زبان:

افسانس اندر اگر تشبیہ اِستعارٕ یعنے النکار آسن تم ہکو کھنہٕ اَسی الگ پاٹھی بتھ مولِتھ۔ یتھہٕ کُنٕ اَسی شاعر مولانکو نہٕ وِزِتسٕنٛز مثالہٕ علامژ تشبیہ وغارٕ

الگ تہٕ نِوان چھِ تہٕ تِہنز خوٗبی ژرژان چھِ تتھٕ کِنۍ چھِنہٕ اَسی افسانکی النکار الگ نِوان۔ واریاہن پھِرِ چھِ دُرِس نظم اکھ تشبیہ اکھ علامت یا اکھ استعارٕ یَژ آسان یا زِ نظم آسہِ رِوایتی معموٗلی دَپ استعمال سپدی مِتی النکار آسن خوبصورت۔ واریاہ نظمہٕ چھُ شاعر صرف پَنٕنی شبیہ کاری ہاونہٕ خاطرٕ لیکھان۔ وُنہ تہٕ چھُ کلاسیکی شاعرن ہُند ناوہنہٕ یوان ییلہِ الگ پاٹھی تہٕ تِہندی النکار وگھننی آسن۔ مگر نثر نگار چھِنہٕ صرف زبانٕی کِنۍ مشہوٗر۔ پریم چنٕنی زبان اَس پننہٕ روانی کِنۍ بے جوڑ مگر پریم چند چھُنہٕ زبانٕی کِنۍ بلکہ کتھہِ ہنٕدی کِنۍ مشہوٗر۔ پننہِ اوٚند برِچہِ پچھانہِ کِنۍ مشہوٗر۔ پننہِ سمیہِ شعوٗرٕ کِنۍ زاننہٕ یوان۔

<u>علامت گیہ پتہٕ:</u>

چونکہ تشبیہ استعار وغارٕ چھِ جادٕ ترلفظن تانی محدوٗر روزان تہٕ علامت چھِ ساٗرِسے افسانس پرتوتر اوان۔ اَوٚکِنۍ چھِ علامژ پیٹھ کتھ باتھ کرٕنی ضروٗری۔ علامت چھِ لفظس ناوس یا ساٗرِسے افسانس بیاکھ معنے دِوان۔ گوڈنیک معنے یعنے لوغوی معنے اگرٕے تتھ معموٗلی یا عام فہم چھُ، کم پایہِ یا کم باوتی چھُ علامت چھس بییہِ ہن سنہر تہٕ وُستھ دِوان۔ اگرٕے پٕنُن معنے مکمل چھُ علامت چھِنہٕ راٗسی گژھان۔ بلکہ علامت گرٕنچ خوٗبی چھےٚ یہٕ زِ کتھہِ اوس پٕنُن معنے تہٕ نیران، علامژ دِیس بیاکھ معنے تہٕ تمہِ چہِ اثر انداٗزی گےٚ پُشنےٚ۔ اگرٕے پرن واٗلی صرف گوڈنیکے یوت معنے سمٕج علامت پیٹھ گژھِ نہٕ فرق تِنٕہ تہٕ پرن واٗلس گژھِ پٕنُن لطف حاصل سپدُن۔ علامژِ ہیکہِ صرف ثانوی اہمیت اَستھ۔ یہٕ ہیکہِ نہٕ تہٕ گژھِ تہٕ نہٕ گوڈنچ جاے رٹنی۔ ییلہِ علامت گوڈنچ جاے رٹان چھےٚ

افسانہ چھُ معمہٕ بنان۔ گو کہ علامژ چھُ معنی لیس ہتی یوت واتھ، ہیرٕ تہٕ علامتی شکل دِنچ کوشش تہٕ چھےٚ سپد پمژ۔ اَمہٕ ہتی کیاہ حشر ہیکہِ افسانس گڑھتھ ! نظمہِ اندرآیہٕ تتھی تجربہٕ کرنہٕ۔ سُر ریلزمہٕ ہتی متاثر کیزٕ ویوٗرپی شاعروَ ناوٕ ہیئت تہٕ علامت۔ اپولونیرَن لیچھ روٗد، کرسی، میزس بیترِ پٹھ تتھہٕ پاٹھی نظمہٕ اچھرتہٕ جملہٕ سجاوِن تتھہٕ پاٹھی زِ کاغذس پٹھ اُس کرسی یا میزٕچ شکل تہٕ بوزنہٕ یوان تہٕ پرنہٕ خاطرِ اوس کرسی ہنٛز تھر پٹھ شروع گرِتھ نرو تھرٕ تہٕ بہن جایہِ کنی وسان وسان پتہٕ رنگن تانی پران گژھن۔

## زبانی ہنٛز شکلہِ تہٕ شکلن ہنٛز زبان:

افسانکی کردار ہکن پننی رنگی علامژ آستھ یا سورے افسانہٕ ہیکہِ اکاے علامت بنتھ تہٕ بییہ کُنہِ معنی ییک اشارٕ تہٕ گرِتھ۔ مگرا گر امیک پھرِ (وُلٹھ) سپدان چھُ یعنے علامتے چھُ کردار بنان یا زِ علامتے چھُ افسانہٕ بنان تیلہِ چھُ افسانہٕ پننہِ موٗلہٕ مزاجہِ نشہِ ژھنان۔ یتھ افسانہٕ چھُ کُنہِ سماجی، اجتماعی، انفرادی، ذاتی، نفسیاتی یا بییہِ کُنہِ عِلمہٕ کِنہ فاموٗلاہن یا قایدن وکھنے کرنہٕ خاطرِ لکھنہٕ آمُت آسان۔ (وُچھو آخرس پٹھ ضمیمہٕ نمبر ژور) یتھہِ افسانٛچ ہیئت تہٕ چھے بدلان تہٕ خبر تتھ وَنو افسانہٕ۔ سوال چھُ یہ زِ زندگی اندر چھِ اکا ہتی علمی مسلہٕ تہٕ۔ مگر افسانس اندر و بڑھناونہٕ خاطرِ چھُنہٕ واَجب زِ اَمہِ خاطرِ نمو کھاکایژ علامژ تہٕ تہنٛد ایزٕے دُنیاہ کرو کھڑا۔ ہیئت چھِ ضروٗر افسانہٕ کہِ متنٛچ منگ آسان مگر افسانہٕ گژھِ بہرحال افسانہٕ روزُن۔ یوٗرپس اندر بدلے یہ ہیئت مگر اَمی کوٗر نہٕ افسانہٕ کَس فطرتی ڈانچس کینہہ۔ جرمن افسانہٕ نگار کافکا ہن، انگریزی

لکھاری وَرجینیا وُلفہِ تہ سال ببلوہن بیترِ کوٚرنہٕ بوزن وألی ہنٛدِس ذہنس امتحان تہٕ صبر آزماٹِر کوٚ ستی کوٚرُکھ نہٕ پریشان۔ علامژ، ہیٚژ یمو داد زبأنی ہُند بذاتی نہ ہیکِن پایے کوٚرُکھ تسلیم مگر نژس ترووُکھ نہٕ امہِ کہ ممکن ہیکہِ ژکھو تہٕ علاوٕ بار۔ افسانس چھُ بہرحال کتھ روزُن تہٕ کتھہِ اندر نیرِ تن پتہٕ کأژ اہ کوتھ نیرِ۔ کتھ گرٕ ٹھوس شکلن ہنٛز زبأنی ہنٛز۔ افسانہٕ چھُنہٕ کانٛہہ سبق دِنہٕ خاطرِ لبھنہٕ یوان۔ زندگی ہنٛز فلسفیانہٕ تشریح ہیکہِ ادب کٔرِتھ مگر تمن صِنفن ہنٛد بن شرطن اندر اَندر پے یمن اندر سو تشریح آسہِ۔ شأعری اندر زبأنی ہنٛزن شکلن منٛز تہٕ افسانس اندر شکلن ہنٛزِ زبأنی منٛز۔ افسانہٕ آسہِ تمہِ فلسفہٕ وراۓ تہٕ مکمل تہٕ لوٚبہٕ وُن۔ فلسفہٕ چھُ واریاہ پھِرتِتھ بورے بنان تمیک باوتھ روٹے کران۔

## ذات تہٕ بےٚ ذات:

افسانہٕ اوس گوڈٕ گوڈٕ داستان تہٕ افسانہٕ نگار پانہٕ حتی الامکان لوٚب روٚزِتھ بیان کران گو کہ بیان کرنہٕ کٔنی آس تٔمسٕنز ذات تتھ اندر موجوٗد آسان۔ پتہٕ آو افسانہٕ نگار بحیثیتِ رأوی۔ بیان گو جذبل۔ افسانک زیٛٹھ کردار بنیو و 'بہٕ' ہس ہوی یا 'بہٕ' چھ ژھاے یا 'بہٕ' ہکو انجیکٹو ایڈیشن۔ پتہٕ آو بےٚ لأگی ہُند اپروچ برسس۔ افسانہٕ نگار اوس رأوی بدلہٕ صرف اکھ دوٚرِ وُچھن وول شخص۔ 'بہٕ' بنیو وُ 'سُہ'۔ 'بہٕ' اوس واریاہس کالس تانی 'سُہ' ہس زنگ ژھنان یا اوس 'سُہ' دراصل 'بہٕ' بتھس اکھ نقاب۔ واریاہ افسانہٕ یمن ہُند مرکزی کردار 'سُہ' چھُ، چھِ توتہٕ تیتی جذبأتی تہٕ سبجکٹو۔ یہٕ سأرے کوشش چھےٚ اکہِ طرفہٕ سمیہ کہ بدلنٛچ بیٚیہٕ طرفہٕ لکھأری ہنٛدِ سمیہٕ شعوٗرٕچ وکھنے کران۔ ژکہ چھےٚ کتھ لکھأری ہنٛدِ اپروچ

تہٕ رٕوی تیٚ۔ چھِراہ سُہ ' کردارٕ سُند ناوتھونہٕ ستی گوونہٕ زِ لکھأری چھُ سے زونمت۔ أندی پکھِس کُن پٔنُن نوقطہٕ نظر بڈٕ کڈ نک عمل چھُ تس اپروچ دِوان تہٕ اَدٕ ہیکہِ سُہ ٹھیک پأٹھی پنہٕ نِ خاطرٕ فاصلہٕ کٔرتھ زِ بہٕ ' روزیا کِنہٕ سُہ ' بنہٕ۔ بہٕ وزِ چھُ لکھأری واقن ہنٛزٕ جوٕیہِ ستی وسان آسان تہٕ سُہ ' وِزلوٗب روزنٕچ کوشش کران۔ مگر تتھہٕ پأٹھی چھُ افسانہٕ نگارٕ سُنٛد سُہ ' تہٕ تَسنٛدی شخصیتُک حصہٕ۔ بلکہ سارِنے کردارن منٛز چھُ تس سے سُہ ' پٔنُن نوقطہٕ نظر آسان تیٚمِس ڈٕسی سُہ واقعہٕ تہٕ باقٕے کردار وُچھان چھُ۔ نوقطہٕ نظر چھُ ہمیشہٕ کانٛہہ کردار آسان۔ بہٕ ' وقتہٕ بے تہٕ سُہ ' وقتہٕ تہِ بے۔ مسلہٕ چھُ بیانس تہٕ اپروچس اندر بے لاگ دوٗربر پأدٕ کرنک۔ افسانہٕ نگار لیکھی تن بہٕ ' ہے مگر سُہ ' ہیٚچ کوشش کرٕ نی۔ بےٚ لأگی گٔری تن پأدٕ۔ مطلب افسانہٕ نگار گژھِہ پانس پانہٕ نِشہٕ ژھٕنہٕ کرنٕچ کوشش کرُن۔ صرف سُہ ' دِنہٕ ستی یوسہٕ تبدیلی افسانہٕ چہِ ہیٚژ اندر یوان چھےٚ سو چھےٚ غأرا اہم۔ ژھٕنہٕ کرنٕچ کوشش کرِ محاورہے تلگ پٕٹھ زبأنی دِیہِ بدلے جہار تہٕ ہیٔت بدلہِ پانٕے۔ یہِ کرُن چھُ مشکل۔ بڈٕ عذاب چھُ یہِ کرُن تہٕ یہِ عذاب ٹُلان نے چھےٚ افسانٕچ صحیح زبان تھنہٕ پیوان۔

<u>ہیٔیت بدلنٕچ منگ</u>:

ہیٔتہٕ رٕنگی چھےٚ افسانس اندر رنگا رنگی میلان۔ ڈائری ہنٛدٕ بن ورقن ہنٛدی پأٹھی، چِٹھو رٕنگی، اخبار کٹنگن اندر، فلمی سنیریوہن چھِ افسانہٕ لیکھنہٕ یوان۔ یوٚت تأنی نہٕ یِمن ہنٛزٕ منگ متنہ أندرٕ آیہِ تہٕ لکھأری یِمو منٛز کانٛہہ پانہٕ لوٗب روٗزِتھ ژورتوٚت تأنی چھُنہٕ یِمن ہُنٛد کہنٛے مقصد۔ یِم ہیکن تَسنٛدِ ہونرُک اندازٕ

کرنآوتھ فنگ نہٕ۔ یِمن منز ہیکہِ افسانہٕ نگار پننہِ کتھہِ نِشہِ رأوِتھ تِکیا زِ تس روزِ کل چِھٹہِ یاڈ ایری ہندی لوآزِمات گژھی پوٗرٕ گژھنی۔ (وُچھو ضمیمہٕ نمبر ۵)

<u>اہم چھُ حبسک حبس:</u>

افسانس یوسہٕ ذِمہٕ وأری از لےمٹہِ چھے سو چھے یہِ زِ اوٚند بٔرس اندر ژووٕ نِس فردس ژھانڈِ برابری تہٕ نابرابری۔ یہِ ذِمہٕ وأری چھے افسانس ہیٔت دِوان۔ اَتھ ژھانڈ وس اندر چھُ لکھأرس یہِ یقین کرُن زِ تس چھا بیاٗنی لہجہٕ ئین کِنہٕ تقریری۔ خطأبی کِنہٕ خود تجزیلی، پانس ستی کتھہٕ کرنہٕ کِنہٕ بیٚیس ستی۔ افسانُک گریمر چھُ سہٕ أتی تھے طے کران۔ یُتھ زِ افسانہٕ تِتھے بنان چھُ سہٕ چھُ بیک وقت ہیٔت تہِ آسان تہِ متن تہِ، کتھ تہٕ، تہٕ زبان تہِ۔ ہیٔت گژھے افسانہٕ نگارس پننہِ حیثیت کہِ ضروٗرتہٕ موجوٗب ژارنی۔ حیثیت تہٕ ہیٔت کأ ژاہ ہم آہنگی ہیکہِ أستھ اَمِچ بہترین مثال چھِ موسیقی۔ اتھ منز چھُ مضموٗنے ہیٔت آسان تہٕ ہیٔت مضمون۔

●

# کأشرِ شأعری منز سریت

مرغوب بانہالی

حقیقت یا حتمی پزٕر کتھ ونو؟

- ...... حقیقتچ پأرٕ زان حأصل کرنہٕ خأطرٕ کتھ حدس تام ہکوٲسی پانٕژن ظأہری حسن پٹھ انحصار کٔرِتھ۔
- ......اگر انسأنی عقل ناقص آسنہٕ سببہٕ ظأہری حسوٕ ستی حأصل سپدن وول علم تہٕ ناقص روزان چھُ، تیلہِ کُس غٔبی طاقت ہیکہِ لامحدُود عالمِ غأبک محدُود حواسن ہنٛدِس دامنس منز وپر اونس اندر مدد کٔرِتھ۔
- ......وِجدانکہِ بدولتہٕ حأصل سپدن وول حقیقتُک اِدارک چھاپنہٕ وجوُدٕ نبر کاینا تچ کُھلہٕ کتاب پرنہٕ ستی زیادٕ پھاپھلان کِنہٕ پننہٕ وجوُدٕکس نہان خانس منز اَژنہٕ پتہٕ وُچھتھ زوٚرتہٕ بوٗزِتھ اوٚن لاگنہٕ ستی۔
- ......پزرگارنہٕ چھِ وَتہٕ ہنٛدی آداب رٔچھنٛکی تقاضہٕ ہکٔنا صرف پننہٕ ضمیرٕچ سو آواز بوزنہٕ ستی پوٗرٕ کرنہٕ یتھ، یوسہٕ نفسہٕ کِس شرس زأیل کرٕنچ تہٕ خأرس کُن مأیل کرٕنچ ضأمن چھےٚ زانہٕ یوان۔ کِنہٕ اَمہِ خأطرٕ گژھہِ باضأبطہٕ پأٹھی مورشدٕ سُند اتھ رٹتھ تہٕ اکھ ضأبطے اِخلاق اختیار کرنہٕ یُن۔
- ......وِجدانکہِ ذریعہ سپدن وألی حقیقتٕکی تجربہٕ چھا کُنہٕ شبقہٕ اصولس تحت ژھوٗرٕ تھوٗنہٕ پیوان کِنہٕ تِہنٛد باوٕ ژتہٕ اظہارس منز یُن ناممکن آسنہٕ سببہٕ چھہِ

سریت پسند لوکھ ژھو پہ گرِتھ روزنس ترجیح دِوان؟

• ......سِریت کس ناوس پیٹھ گمراہ گژھنکہ تہٕ چھا تیتی امکان یتی خدا ایس
ژاٹھ یا تلامیذ الرحمان زاننہٕ یِنہٕ والین شاعرن ہندی نوکتہٕ بوٚزِتھ
أچھ مژرنہٕ ہنکی امکان چھِ؟

دراصل چھُ یتھن سارِنے آوی لین تہٕ زاۓ وی لین سوالن
ہُند تعلق حتمی پزرگارنہٕ کِنہ تمن عالمگیر سِری روحجانن سیتی یمن ہنز اکھ سرحد
فلسفس، مذہبس تہٕ اخلاقس سیتی رلان چھےٚ تہٕ بیاکھ موسیقی، مصوری تہٕ شاعری
ہوٚبن فنوٗنِ لطیفن سیتی۔ سریت پسند لوکھ چھِ یمن سارِنے شوبن سیتی وابستہٕ مگر
مجموٗعی طور چھِ تم یتھن سوالن دوٚیہِ طریقہٕ جواب دِنچ کوشش کران روٗدی متی۔
اکھ گوو محض عقلی بنیاذ پیٹھ فلسفیانہٕ تہٕ منطقیانہٕ آیہِ استدلالک سہارٕ ہیتھ، یتھ
صوٗفی لوکھ محض سطحی کتھ زانان چھِ۔ بقولِ روٗمی ؎

پاۓ استدلالیان چوبین بوٗد　　　پاۓ چوبین سخت بے تمکین بوٗد

بیاکھ طریقہٕ چھُ وجدانچہِ بنیاذ پیٹھ صوفیانہٕ تہٕ حکیمانہٕ یا شاعرانہٕ طریقہٕ
جواب دیُن۔ یُس عارِفن تہٕ سریت کِنہ ماہرن بہتر تہٕ افضل باسان چھُ۔
تِکیازِ بقولِ ابن خلدوٗن یم کتھہِ عقلہِ ہندِس استدلالس مژ اَنہٕ مُمکنے چھنہٕ تمن
ہنز باوتھ چھےٚ وِجدانکہِ ذریعہ ییہٕ سریت کہ اِنکشافہٕ ذریعہ ممکن بنان۔ اَمہِ لحاظہٕ
چھےٚ پوختہٕ کارن تہٕ دیدورن ہنز سریت تصوٗری تہٕ ماۓدی باگنے نبر فلسفیانہٕ
نظرین ہندِ سطحہِ کھوتہٕ بالاتر کھسِتھ محض وجدانکہِ ذریعہ حقیقت کس ادراکس
لل کھوٚل کران۔ یوٚدوَے زن سریت بحیثیتِ اکھ فلسفہٕ زیرِ بحث اَنٕنچ گنجائش

پننہِ جایہِ قایم چھےٚ روزان۔

سریتس مطالعہ کرنکی یمہِ زٕ پہلوٗ نظرِ تل تھٲوتھ ییلہِ اَسی کٲشرِ ہن شاعرن ہنٛز سریت پسندی ہُند زُتنہٕ زوٗل وُچھان چھِ، اَسہِ چھُ اکہِ طرفہٕ ییٚتہٕ دُنی یِہکوٚ بیشتر علاقو کھوتہٕ مختلف راز دارتہٕ پُراسرار قدرتی ماحول مویسر آسنک احساس گنان تہٕ بییہِ طرفہٕ کٔشیر نامعلوم وقتہٕ پٮ۪ٹھہٕ دُنی یِہکٮ۪ن مختلف فلسفن تہٕ مذہبن ہنٛز آماجگاہ بنان روزِنچ کتھ تہٕ ژٕبتس پوان۔ مثالہِ پٲٹھی چھےٚ اکہِ طرفہٕ کٔشیرِ ہنٛدٮ۪ن کارِوٕ گنٮ۪ن بالن تہٕ وَنن منٛز پتہٕ وَتھ عرفانہٕ کِس چھورس تہٕ خمارس مست پانٛژادرن تہٕ سرسٲوی ناگہٕ رادن ہنٛز پُراسرار گنٛگرایہٕ پوچھر دِوانِ روٗزمٕژ اَتھ حدس تام زِییٚتہٕ چِن زانٛہہ آب نہٕ سورن واجٮ۪ن کولن ہنٛدی سرسبز بٔٹھی چھِ اکہِ نامعلوم وقتہٕ پٮ۪ٹھہٕ تاپری وُڈرن ہنٛدِس دامنس تل تہٕ شیہلتھ رٕژھرنک تہٕ سرٕ یِہہ بٲگرنک ڈکہِ بجر پرٲوِتھ ہبکان۔ اَمہِ قدرتی ماحولُک اثر چھُ ییٚتہٕ کِس انسانی ذہن تہٕ ضمیرس پٮ۪ٹھ تہٕ منطبق سپُدمُت تہٕ اَتھی جغرافیٲیی پوٚت منظرس منٛز چھےٚ یٮ۪مہِ رٮ۪شِ وارِ ہنٛدِس مجموعی مزازس سرتیچ اَڈرن سپٕز مٕژ۔ مثالہِ پٲٹھی چھِ بُرزٕہامکی کھنڈرات وارِ پٲٹھی ٹنی کڈنہٕ برونٛٹھ قریباً ڈوڈ ہتھ وٕری سر فرانسس ینگ ہسبنڈ کٔشیرِ ہُند یوٗنانس سٕتی رَلہٕ وُن قدرتی حُسن تہٕ بساوڈ ہِشتھ اندازٕ لگاوان زِ یتھ پُراسرار سرزمینہٕ پٮ۪ٹھ تہٕ آسہٕن پتھ کالہٕ ٹٕرٕنی سونچہٕ واٲلی انسان تہٕ پزٕی تہذیب پٲدٕ سپدان روٗدی مٕتی۔ تٕمی سُندٕ یہِ اندازٕ چھا علمی تہٕ عقلی معاملن منٛز تہٕ قابلہِ توجہ تہٕ وَنُن چھُ مشکل البتہ سریتس اکہِ فسلفُک درجہ دِتھ ہیکہ یہِ کتھ بڈٕ وثوقہ سان وَننہٕ یتھ زِ کٔشیر چھےٚ روحانی

کتھ گن مائِل روزنس منز تھ رس پٹھ واقع آسنہٕ کنی ہمیشہِ تھد بن پاٚز
ڈُڈرن لول بران آمژ۔ چنانچہ قبل تواریخی دورس منز سریت نواز چینکہِ
فلسفگ اثر ہندوستانٕکس ویدانتس تہٕ برہمنتیس ستی باہمی ہیوٚن دین کرُن
چھُ اکھ مستقل تحقیقی موضوع یُس بدھ متک پرچارسپدنہٕ ستی نوٚس مرحلس منز
داخل چھُ گژھان۔ چنانچہِ چھِ تتھی دورس منز بدھ متس لولہِ منز جاے شیرن
واجنہِ کشیرِ ہندی ذہین لوکھ بھکشو بنتھ چین، تبت، ایران، افغانستان، ترکستان،
جاپان، جاوا تہٕ سماٹرا ہشن جاین تام فائض واتناوان تہٕ بواپسی تمدنی لین
دینگ نوٚ ومزاز ہتھ گراژان۔ سماجی سطحس پٹھ چھِ تم انسان دوس کاشری
یونانی حملہٕ آورن ہندِ ذٕسی چھوکہِ لدگامتین بلخ تہٕ بخارا کین مظلومن ہندِ خاطرِ
ہسپتال تہٕ ژاٹہِ ہال قایم کرِتھ تہندِ خاطرِ شفقتکی گاشہِ تارکھ بنان، تہٕ کینژ و
صدی یوٚ پتہٕ چھِ بواپسی تمن علاقن ہندی دوستانِ خدا ساداتن تہٕ مسلمان صوفین
ہنزِ شکلہِ منز یتہٕ کین مظلومن تم چھوکھ بلراونہِ روحانی مہلا مہٕ ہتھ یوٚت واتان
یم کاشرین مقامی ہینٚدی رازنِ ہندِس قریباً ترین ہتن وٚری ین پٹھ حاوی
ظُلمس تہٕ ووٚنٹہِ نژنس دوران لگی متی چھِ آسان۔ یمو واقعاتو چھُ کاشرین ہُند
قومی مزاز سریت پسند، کرامات پسند تہٕ کم آزادی ہُند آویز بناونس منز اکھ
خاص رول ادا کوٚرمت یمیک سروٚن اثر کاشرین سریت پسند شاعرن ہندِس
تحت الشعورس پٹھ باسان چھُ۔ اَتھ تمدنی پوٚت منظرس گن چھُ کلہن پنڈتھ
تہٕ مختلف رنگو یہِ اِشارٕ کران زِ کونگ تہٕ شاعری کرِلوٚ رووہ پداون وائلس یتھ
شاردا پیٹھس چھُ پرتھ زمینہِ ژکل پننہِ شروٗژ کنی روحانیت کین رازن ہُند

امانتدار بنیو ومُت۔ مسلمان صوفین ہنٛدِ پتہٕ پتہٕ یُس پوچھراتھ پہلوس کٔشیرِ نوِ اَنمانہٕ لۆگ تمیک چشم دید گواہ بٔنتھ چھُ ابوالفضلؔ یێتہٕ کِس پٔرتھ گرس ہِر یتھ امانتدار زاٲنتھ ونان۔

''الٰہی بہ ہر خانہ کہ می نگرم جویاۓ تواند و بہر زبان کہ می شنوم گویاۓ تو''

خدایی ترانہٕ گۆون واجنہِ یتھ بستی منٛز اگر غنیؔ کاشیرؔی ہِوس فارسی شاعرس یہِ باسان چھُ زِ

''اخگرے پنہاں تہٕ زیں تودہٕ خاکستر است''

تہٕ یێتہٕ کِس خاکس منٛز بونہِ نار نظریہٕ وٲلِس اقبالس چھُ جلوٕ ے خدا دیدمان مولیسر سپدان۔

ع من خدارا دیدم آنجا بے حجاب۔ کأشرِن شاعرن ہُنٛد وۄہار چھُ تتھو ٹاسر بۄ بیانو کھوتہٕ زیادٕ تہٕ دار باسان۔ تِمن ہِنٛدِ کلامُک مطالعہٕ کرنہٕ ستی یێتہٕ اَتھ کتھِ تأئید سپدان چھُ زِ بیشتر سری ادب چھُ تمثیلی داستانو تہٕ لگہٕ دلیلو پٹھہٕ عاشقانہٕ مثنوی ین تہٕ صوفیانہٕ وژنن تہٕ غزلن تام اکثر تِمنے حالاتن اندر بارسس آمُت یمن مذہبی اقدارن لُر پارٕ کرن وٲلی ناسہٕ تراس حالات، سماجی ابتری ہٕنٛدی تہٕ استحصالکی حالات، خوفہٕ ہراسکی یا قتلہٕ غارتگری ہٕنٛدی حالات وٕنتھ ہکو۔ مثالہِ پأٹھی ہیکہِ چنگیزی تہٕ تیموٗری دورس منٛز فارسی زبأنی ہٕنٛدی سارِوے کھوتہٕ نمایندٕ تِم صوفیانہٕ شعرِ شہکار بارسس تِنج کتھ وَننہٕ یتھ، یِم کأشرِن سریت پسندن لفظہٕ پٹھہٕ معنی ئِس تام ڈٕکھس رۆدی ہٕتی چھِ۔ خوفہٕ ہراسہٕ کِہن حالاتن منٛزٕ ے سری ادب پھٲلنچ پھلنچ کتھ ہکو یتھہٕ پأٹھی تہٕ وٕنتھ زِ یِیلہٕ گنہٕ

قومہ کِہن حساس تخلیق کارن پِٹن وٲراگ تہٕ ترٛدُد یا تمدنی ژٔکی پھیٚر تہٕ کانٛہہ علاقٲیی وُترٛبنیل أکس تِتھس دُژیٚتِس تہٕ دُگوشس منٛز مبتلا چھُ کران زِ تمن چھُ کُل عالم نٔوِ انمانہٕ پزرگارنہٕ کس أکس نفسیٲتی ہیجانس تہٕ طوفانس منٛز ییران باسان، أتی چھُ تِہند وِجدان ادراکہٕ کِہن اتھن منٛز استعارن تہٕ علامژن ہنٛزِ کوٗنزِ تُلِتھ اظہارٕ کرِ تہٕ امکانٕکۍ نٔوۍ درواز کھولنٕی ہوان۔ کٲشیرِ منٛز چھےٚ اَمِچ بڈ مثال لل دیدِ ہنٛدِ وقتک سُہ تمدنی انقلاب یُس علمدارٕ ہنٛدِس وقتِ وفاتس تام زیادٕ زورس پٮ۪ٹھ روٗد۔ اَمہِ رنگہٕ چھِ سریت کِہنِ تخلیقاتن ہنٛدی محرکات شخصی دباوٕ کس، مُلکی خوف کس تہٕ تمدنی ہٕڑ گردم کس تِتھی پوٚت منظرس منٛز ژھانڈٕنی لازِم۔ یتھ منٛز موجوٗدٕ جمہوری تہٕ سائنسی دورکِہن چیلنجن، ذہنی اِنتشارن تہٕ نفسیٲتی دباوَن تحت بارسس یِنہٕ والین جدیدیتہٕ کِہن تخلیقاتن ہنٛدی محرکات ژھانڈٕنی پزٕن۔ تِلیا زِ حتمی پزرس تہٕ تمہِ کس اظہارس درمیان واقع یتھ شُنِس نو قطے سریت وَنُن پزِ سُہ چھُ مختلف دورن تہٕ مختلف قومن منٛز بیٚون بیٚون انہار پرٛاونہٕ باوجوٗد ژکہِ أکی ہیے مُشترکہٕ کیفژ ستۍ وابستہ تہٕ سو مشترکہ کیفیت چھےٚ انسٲنی روٗچ پننِس اصلیتس تام واتنچ اکھ پارٕدی کیفیت بلکہ اکھ اَژھٕنیٚ تریش یوسہٕ اکِہ طرفہٕ پزٕرکی پُراسرار آسنن تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ علمکی تہٕ عقلہِ ہنٛدی ناقص آسنن مختلف فردن ہنٛزِ حبس آگہی مطابق پتہٕ وَتھ گتہٕ گیرس لاجمہٕ چھےٚ۔ اَتھ حدس تام زِ گاہ چھُ اَمہِ آیہِ سونچن وٲلس فردس پنٛن پان کایناتس منٛز بالکل بےٚ معنہِ تہٕ بےٚ وُقعت باسان زنہٕ آوٕلنس منٛز پنہٕ وُتھرایا وادلنس منٛز ییر لِشا، تہٕ گاہ چھُ أمی ہیے حساس فردس آگاہ موکلِتھ جنید بغدادیؒ تہٕ منصور

حلاج ہندی پاٹھی کل کاینات پنِنس محدوٗد ذاتس منٛز لامحدوٗد پزٕ رہتھ گاہ ژھٹان باسان۔

حق الحق گووُمیونے ناو

میٛ زٕنش آدم عالم زاو

یمن دون کیفژن ویوٗر تُلنٕچ یا آیٖنہٕ دٲری کرنٕچ کوشش چھےٚ فلسفیانہٕ پزٕژن ہر سآوی استدلالچ باوتھ کرنٕچ ضامن تہٕ بنان تہٕ رمزن فن ورتاوِتھ مختلف استعارن، علامژن تہٕ پیکرن ہنٛز شکلہِ منٛز معرفت کہِ معنی یِک مانچھ ووپداونٕچ ضامن تہٕ۔ کاشرِ شاعری منٛز چھےٚ امہِ قسمہٕ چہِ آیٖنہٕ دٲری یا وِجدآنی باوٕ ژھنٛز نشاندہی سوٚ دُر دریاو، ناو، قلم تہٕ کاوہوٚہن استعارن تحت برابر شتی کنٛٹھس پیٹھے کرنٕچ گنجایٖش موجوٗد۔ مگر وِجدانچو پکھوٗمشیتہٕ کس مصورس، تمیٚ ہندِس غآبآتی اِرادس تہٕ تمیٚ ہندِس بے پایاں طاقتس پزنہٕ پاٹھی وٚون دِنگ یُس گوڈنیک وُڈوسارِنے متوجہ چھُ کران، سُہ چھُ اَسہِ لل دیٚدِ ہندِس باگہِ بٕرِتس اظہارس منٛز نظرِ گژھان۔ نہ صرف خآرجی مشاہدو کھوتہٕ زیادٕ پنِنس وجوٗدس تہٕ روحس مطالعہٕ کرنہٕ رٲنگی، بلکہ خود کلامی اختیار کٔرِتھ مَنٛگ گیان وُزناونہٕ رٲنگی تہٕ۔ لل دیٚدِ ہُند سراپا حٲرت بٕنِتھ پانس یہِ سوال پزٕژھن چھُ گیانس کُن تَنٛدٕ قدم ووتھنٛگ ابتداء باسان۔ییٚلہِ سوونان چھےٚ۔

آلیس کمہِ دِیشہِ تہٕ کمہِ وَتے

گژھہ کمہِ دِیشہِ کوٗزانہٕ وَتھ

مگر ییٚلہِ تس پزٕژھ گآرکرنہٕ ستی پزٕژھلہِ روٗچ تریش ہمان چھنہٕ تہٕ

اَسمانن سائل کرن وول ژٕہتہٕ "تورُگ" تہٕ اَڈوتی پہوان چھُ اَتی چھےٚ سومَنہٕ کوٹھر ترٚو پرتھ فکرِہنّد بن نوٗرانی وِہن ذکرِہُنّد پھٔری پھہہ دِنہٕ کِس دوٚیمِس پڑاوس منٛز داخل سپدان تہٕ ونان۔

ہرٛ دیچِہ کوٹھرِ اندر گوٚنڈُم

اوبکہِ چوبکہِ تُلمس بم

یہِ دوٚیم پڑاو چھُ لتس بے جافکرن تہٕ گُمانن دَب دِتھ ریاض کرنک سُہ پڑاو یُس گورس یامورشدس ساسہٕ رنگہٕ پرٛژھ گاٗرِ گرتھ میلہِ مِتِس جوابس پٹھ عمل کرنہٕ خاطرٕ سوکران چھےٚ۔ اَمہِ زیٹھہِ سفرچ رویداد چھےٚ سوٚیمن ژھوٹین لفظن منٛز بیان کران۔

گورس پرٛژھام ساسہٕ لٹے یُس نہٕ کینٛہہ ونان تس کیاہ ناو

پرٛژھان پرٛژھان تھٔچس تہٕ لوٗسس کینٛہہ نس نِشہِ کیاہ تام دژاو

مورشد سُند وجوٗد قأبلِ توجہ قرار دِوان چھےٚ لل بحیثیتِ اکھ سرٛی شاعر معرفتک رُت فضل دِلہٕ کِس زمینس منٛز کاڈکڈ ناونہٕ خاطرٕ بیول، زمین، تاپھ تہٕ سگ یا کُل احساس، ندامت، فکرِہُنّد ہوش تہٕ ذِکرِہُنّد گاش یکسان اہمیتکی عناصر زأنتھ اکھ اَکس ستی لازِم ملزوٗم زانان۔ تیلہِ چھُ لتس گورٕسُند وَنُن گاہے راون تیٚول بنان تہٕ گاہے راوٕنکس تہٕ لبنہٕ کِس عالمس منٛز جامن چاک دیاوان۔

گورن وونٛنم کُنے وژُن نیٚبرٕ دوٚپنم اندر اَژُن

سُے مے لَلہِ گوو واکھ تہٕ وژُن توٚے ہیوٚتُم ننگے نژُن

یوڈوَے حقیقتس یا حتمی پزرس وۆن دِنگ یہِ مژر ننگے نژنس یا جامن چاک دِنس پٹھ تہِ آمادٕ چھُ کران مگر سر یتگ بنیأدی تقاضہٕ چھُ رازس رازے روزنہٕ دِیُن تہٕ مژرس قوبوٗ کرُن گوویاٗمی سُند تجربہٕ گژھِ عملن یہِ وۆنتھ ہیکُن زِ۔

باچنین زورِ جنوٗن پاسِ گریبان داشتم

درجنون ازخود رفتن کارِ ہر دیوانہ نیست

سر یتہٕ کیٛن متن سرس سرپوش بنہٕ کہِ مشورٕ چ بنیاد چھےٚ کأشرِ ن شاعرن ہندِ خأطرِ باباداوٗد خاکیؒ ہندِس دستوٗرالسالکینس منز لاتطرحوالدُر فی افواہ الکلاب حدیث شریفس منز درج سپز ہٕ یتھ قرآن درزبان پہلوی پیش کرن وأجِلس مولوی روٗمیس نِش یہِ وہٕ ھنے میلان چھےٚ۔

| | |
|---|---|
| گفت پیغمبر برآں کو سر نہفت | زود گردد با مراد خویش جفت |
| دانہ ہاچوں درزمین پنہاں شود | سرِ شان سر سبزہ دبستان شود |
| زرو نقرہ گر نبودندے نہان | پرورش کے یافتندے زیر کان |

مولانا روٗمی ہندِ سر یتگ براہِ راست اَنہٕ چھُ کأشرِس منز قرآنک جوہر پیش کرن وول علمدارِ کشمیرؒ تہِ ہاوان۔ تِہُند سری وبوہار چھُ للہ دیدِ پتہٕ یکتا پرستانہٕ روحانس نوٗ موڈ دِنہٕ چ علم تُلان، تہٕ مولانا روٗمی ہندِس منشورس شاہِ ہمدانؒ صأبنس دستوٗرس تحت کشیرِ منز رأیج سری اظہار کِس سطحس پیٹھ نأفذ کران۔ خاص کرِتھ نفس امارس مدٕ والنہٕ خأطرِ عبرتناک منظر ہاونہٕ تہٕ بےٚ ثبات زندگی ہُند انجام ژینس پاونہٕ رٕنگی۔

| | |
|---|---|
| کندیو مرگہ گرِ ہن کھسکھ | کندیو وسکھ ندِ ناوی |

کاڈِ سنگر شیٖن زن ژٔسکھ        اَدٕ مائٔ زن للکھ ترٕژ تاوی

یا

تلہٕ چھےٚ زیُس تےٚ پٮ۪ٹھہٕ چھکھ نژان

وَنتہٕ مالہِ من کتھہٕ پژان چھےٚ

O

یہِ چھُ ویسے سِر یتس منز اخلاقیات دأخل کرنک شعوٗری قدم باسان، یتھ منز سِرن سرپوش بننہٕ کِس روحجانس ستی تضادتہِ محسوس سپدان چھُ۔ مگر ژکہِ چھُ یتہِ پانژھ بأطنی حبس بیدار گرِتھ عبرت رٕژنچ سوے کتھ باوان یوسہٕ عأرِفس وُٹھن ٹیب دِوان یا دپان سأ لِکس موہرِ سکوٗت ثبت کران چھےٚ۔ کأشرٕ ن شأعرن سریت کمِن یمن طریقن ہنٛز تربیت کرنس منز تہٕ کأشرٕن ہنٛزِ مجموعی کردار سأزی منز یُس رول حدیقۂ سنایی، پندنامہٕ عطار، منطق الطیر، مثنوی مولانا ے رومؒ، کیمیای سعادت، گلستان و بوستان شیخ سعدیؒ، دیوان حافظ شیرازی، پنج گنج نظامی تہٕ پنج گنج جامی ہشو فارسی کتابو کیٚنژن صٔدی ین کٔشیرِ ہنٛز درسی کتابہٕ بٔنتھ ادا چھُ کوٗرمُت تمیُک اثر چھُ کأشرٕن سری شأعرن ہنٛدِس لفظتس منز نُندٕ ریٚشس پٮ۪ٹھ احد زرگرس تام سبٹھاہ سرٕون باسان۔ مثالہِ پأٹھی نمہٕ یہٕ پانژن بأطنی حبسن بیدار کرنک تہٕ وِجدانس مراقبہٕ ستی تربیت کرنک معاملہٕ۔ مولانا رومیؒ چھُنہٕ صرف بأطنی پانژن حبسن ہُند وجوٗد تسلیم کران بلکہ تمن سوٗنک درجہِ دِتھ ظأہری حبسن محض سرتلہِ ہُند یاترامُک درجہِ دِوان تہٕ ونان۔

پنج حسی ہست جز این پنج حس　　　آن چو زرِ سرخ واین حسہا چو مس

رومی چھُ یمن باطنی حواسن بُتھہِ پٹھ ظاہری حواسن ہنز ژھاے ژلناوتھ نوسخہٕ دیدتہٕ دل پاک تھونک مشورٕ دِتھ لکھان تہٕ ونان۔

آئینۂ دِل چوکنی صاف و پاک　　　نقشہا بینی برون از آب و خاک

اَمہِ تجربٕچ صداے بازگشت چھےٚ رومی ہنٛدِس مرید ہندیس نِش تہِ کن گژھان۔

زمانہ اپنے حوادث کو چھپا نہیں سکتا　　　ترا حجاب ہے قلب و نظر کی ناپاکی

مادی تعلقاتن ہنز وآلائیشو نِشہِ دل تہٕ نظر پاک تھونک یا detachment in attachment پراونک مشورٕ چھُ محمود گامی سِرس سرپوش بنہٕ رکس اندازس منز یتھہٕ پاٹھی دِوان۔

بستہٕ تیمیٚ کری دارِ برٛتسی سپز روشن نظر　　　سائلکولوبٕ درسکوت وھُو حیُّ لایموت

گویا یِیلہِ سائلکس شروٗژر پراونکہِ بدولتہٕ پننہِ کرنز منزٕ کجوہر بیدار سپدان چھُ تس چھےٚ محسوساتو نبر مجرداتن ہنٛز اصل شکلہٕ درینٛٹھی یوان، اَدٕ چھُ سُہ تورکین ماوراے عقل سِرن نہ صرف ژرزِتھ ہیٚکان بلکہ وجدانی باوٕژ منز اُنتھ سِرس سرپوش تہٕ بنان۔ بقولِ رومی۔

پس محلِ وحی گرد و گوشِ جان　　　وحی چہ بُود گُفتن از سرِ نہان

یا بقولِ شیخ العالمؒ۔

لا الٰہ الا اللہ صحیح کوٗرم　　　وحی کوٗرم پنُن پان

یہ گوو سُے روشن ضمیری ہُند اقراریُس ٹاٹھن رِشتن تامتھ پوٚتلی

زأنی راون چھُ۔

یہ مال و دولت دنیا یہ رشتہ و پیوند

بتانِ وہم وگمان لا الٰہ الا اللہ

یتھ پأٹھی چھُ خأرجی حواس ہندِس سطحس پٹھ تہِ اکھ گاٹُل انسان

زأنتھ ہیکان زِ کاینات چھِ رنگین کتابہِ ہُند پرتھ ورق چھُ پُر اسرار مگر یہِ کتھ

چھُ فقط اکھ حقیقی سریت پسند انسان زانان زِ۔

ہر ورقے دفتریست معرفتِ کردگار

تہِ زن گوو یوٗدوے اَسہِ منز موجوٗد کینژن نظر بازن اَزتہِ یپژ ہن زانُن

چھُ تگان زِ عالم محسوسات چھِ کتابہِ ہندِس پرتھ صفس پٹھ چھےٚ فطرت کہِ

ابسٹریکٹ آرٹچ اکھ یا بیا کھ ناقابلِ تشریح تصویر بناوِتھ مگر سُے یوت شخص چھُ

یمن مجرد تصویرن اصلی معنی لیس نگھہٕ أنتھ وجدأنی وپژ ھنے کُرِتھ ہیکان لیس

پڑھ اَتھ حدس تام گمژ آسہِ تہٕ ؤنتھ ہیکان آسہِ زِ یمن تصویرن ہندِس بناونس

منز اکہِ موقلمک درجہِ تھوان وألس آفتابس کمِ چھُ پارٕ دی وچھس یہِ اَژھیوٚ و

نادر پُشر وومُت تہٕ یمن تصویرن ہندِس وو تلنس منز اکہِ رنگہٕ بانٛک درجہِ تھون

وألس سٕدرس یُس بہہ ستہٕ رٔنگی تایہ زژن ہنز شیٚچھ بوٗزِتھ اَو برٕچھ شکلہِ منز

ووتھان چھُ۔ تتھ کمِ سُند امار چھُ نظر نہ یِنہٕ والہِ واوکین پھیکین پٹھ کھألتھ دوٗر

اُفتادِ علاقن تام واتناوان تہٕ خاص خاص جاین روٗد تراوناوان۔ کشیرِ منز چھُ

پرتھ سریت پسند شأعر پڑھ ہندِس أکس خاص نظامِ اخلاقس سیتی وابستہٕ آسنہٕ

کنہِ أکس رہوایتی اندازس منز جسمس تہٕ جانس بیٚیہ استدلالس تہٕ وِجدانس

مێُل کرنس منز مصروٗف روٗدمُت ۔ حالانکہ تَمن تہِ چھُ حقیقت تہٕ سریت زِ متضاد وبوہار باسنن جیرٕ اۆنمُت بعضے آفتاب کہِ تہِ پرتۆک اثر زوٗنہٕ گاشُک شُہُل عکس بٔنتھ تہٕ بعضے پھلہٕ ژٔندرُک گاش سۆ درٕ وَچھک تُلہٕ تراوبٔنتھ ۔ مگر چونکہ یہِ تضاد چھُ صرف باوٕ ژھٕنڈِس حدس تام تضاد لہٰذا چھُ یہِ تضاد سٲلکس وٲنجہٕ ہنٛزن اَچھن معرفتُک سورمہٕ لاگتھ دویی تہِ اِلہامس منز معنی یس کاڈ کڈ ناوان تی گوو۔

یس وُچھن تگہِ ژٔندرس اندر آفتاب ۔۔۔۔۔۔۔ سپد ابہامُک پرزنٔسی جلوٕ گر

یہِ کتھ چھےٚ خاص توجہ منگان زِ تتھہٕ پٲٹھی پھلہٕ ژٔندرُک وُڈری وَچھ آفتابُک الاوگنڈن وول جلوٕ شبحہِ باوٕ ژمنز وپر اونٛچ کامیٲبی پراوان چھُ، تتھے پٲٹھی چھُ شمس فقیر، سوچھ کرال، رحیم صاب، نعمہ صاب، رحمان ڈار تہٕ احمد بٹوٲری ہوی شاعر کم پٔری ٲستی آسنہٕ باوجوٗد روحانی تجربن ہنٛز بڈٕ کامیاب باوتھ کران تہٕ اَتی چھُ ظاہری حواس کم اہم زانٛنکی پٲٹھی ظاہری علم تہِ کم اہم زاننُک لمحہ فکریہ پاداہٕ گژھان۔ چنانچہ فارسی پوٚت منظرس منز یتھ تجربس تحت امام غزالیؒ احیاء العلوم کی پٲٹھی کیمیاے سعادتس منز تہِ علی الاعلان ظاہری حواسو ستی حاصل کٔری متس علمس اصل علمُک یا گیانُک ٹھۆرناوکران چھُ تہٕ ونان چھُ ''علم حجاب اکبر است'' تتھی چھُ لل دیدِ پیٹھہٕ صمدمیرس تام اَسہِ تائید تہٕ تائید مزید کنن گژھان گاہ نُندہٕ ریٚش ہنٛدی ووپھکہِ ہوسہٕ علم پرن والین ہڈ نہٕ ستی تہٕ گاہ صمدمیرُن وانٛنہٕ پٲرِم بوزنہٕ ستی۔

پڑھ پڑھ کے گیا پتھر لکھ لکھ کے گیا چور

جس پڑھنے سے خدا ملے وہ پڑھنا ہے اور

یہِ چھُنہٕ سائنس سریت پسند شاعرن ہنٛدِ کم علم آسنہٕ کِنٛز پننس عابس وُزن کرنچ کاروائی بلکہ ظاہری علم تہٕ عقل کُنٛز چہِ وِتہٕ منٛز نالگہار آسنچ عملی زان، یوسہٕ دون متضاد کیفیژن میُل کرناوِتھ چھےٚ ہٮ۪کان تہٕ یوسہٕ۔

عقل تہٕ فکر تور کوٚت سوز کھ

وُنتھ اکھ چیلنج چھُ پیش کران۔ یہِ چیلنج چھُ سُہ آوُلن یتھ متعلق شیخ سعدیؒ ونان چھُ۔

دریں ورطہ کشتی فرد شد ہزار

کہ پیدا نہ شد تختہ بر کنار

تِکیازِ ”آن راکہ خبر شد خبرش باز نیامد“

اوٚت ووتمُت نفر کیازِ چھُنہٕ واپس یوان تِکیازِ شبنمُک ناچیز قطرٕ ییلہِ پننس محدوٗدوَچھس منٛز آفتاب وِپان چھُ وُچھان سُہ کس چھُ پتہٕ اَتھِ یوان۔ شبنمچ تہٕ آفتابچ یہِ مِلون کم وِہ کران تمیُک ووتلُن تہٕ بوڈُن چھُ محموٗدنہِ زیوٚ سُہ وبد اکھ تہِ دِوان زِ۔

پانے چھُ ہیوٚ رتے پانے بون

وَنہٕ کس تور نو واتان ظون

تہٕ سُے چھُ شاہ غفوٗرس یہِ تجربہٕ تہٕ کرناوان۔

والیس تہٕ کالیس چھےٚ تھاوُن

مالیس دَل دِ نوی زوٗ!

چھُ ونان شاہ غفور واتہِ مامارُن

وارُنے دارُن سوہم سوٗ!

تہٕ یوٚہے سِر یتی نغمہٕ چھُ جہار پراؔوِتھ رحیم صاؔب سوپوٗری ہٕنٛدِ وَچھِ منٛز یمہٕ آیہِ ووپدان۔

| | |
|---|---|
| بےٚ چھُس ہیٚرِ تےٚ بےٚ چھُس بون | ألفس تہٕ میمس چھے مِلہٕ وَن |
| عنوان میونےٚ شمن طرفن | ألفس تہٕ میمس چھے مِلہٕ وَن |
| بےٚ چھُس نار تےٚ بےٚ چھُس نوٗر | میٚ نِش کوٚڈنے بہٕ چھُس دوٗر |
| بےٚ چھُس ملزم بےٚ أنزرن | ألفس تہٕ میمس چھے مِلہٕ وَن |
| ہا رحیم صاؔبو پرٕ تہٕ قرآن | وَنَحنُ اَقرب تہٕ علَیھِم فان |
| من حبلِ الورید وَن عاشق | ألفس تہٕ میمس چھے مِلہٕ وَن |

تہٕ شمس فقیرٚ صاؔب چھُس مرحلہٕ وارو کھنے کران۔

ذاتس صفاتس چھے مِلہٕ وَن
خاصُل خاص چھے منٛز خاصن

یہ وِجداؔنی ادراک چھُ چین کہِ سِری فلسفہٕ تہٕ بذاؔتی ہندوستان کہِ وحدۃ الوجوٗدٕ نبر سہٕ حال ظاؔہر کران یتھ نسبت احیاالعلومس منٛز وَننہٕ چھُ آمُت زِ سِر یتُک اظہار چھُ ذٕہن درجن ہنٛز حکمت منگان تہٕ اَمہِ حِکمتکۍ نوٚ حصہٕ چھِ خاموشی پٹھ منحصر تہٕ اکھ حصہٕ گوشہ نشینی پٹھ۔

گوشہ نشینی چھُ سہٕ مراقبہٕ منگان یُس انسانہٕ ہٕنٛدِس پرژھلس ضمیرس حقیقتُک جامِ جم وچھناونک سنٛز کرِتھ ہیکہِ تہٕ یُس پننہِ دشہِ سہٕ دوٗرِس چھاؔوِتھ ہیکہِ یتھ نسبت وَننہٕ چھُ آمُت۔

محرم نہیں ہے تو ہی نوا ہاے راز کا
یاں ورنہ جو حجاب ہے پردہ ہے ساز کا

پۆتُس یَژھ بہٕ اَکس کتھِ کُن اِشارٕ کرُن زِ کاشرِ شاعری ہُنٛد سارِوٕے کھوتہٕ موٗلُل سرمایہِ چھُ امیک سری حصہٕ یتھ منٛز خصوصاً صوفی شاعر نمایندٕ حیثیت تھوان چھِ تہٕ یتھ منٛز سون استعارٲتی اظہار ہتہٕ بٔدی زُوز ہتہٕ وٲلی پیکر تہٕ حسین علامژ پیش کرِتھ حبیب اللہ نوشہری صابنہٕ ''ودلہٕ گرٛژھوے دِوِیے'' ہِو رقص بسمل پیٹھ احد زرگر صابنِس ''یتہٕ ہاوَے گتھ کیاہ مارن ڈل'' ہو بن ترانن تام باوژ ہُنٛد وُسجار زبان سازی ہُنٛد مجموعی وبو ہار تہٕ تخیلُک وُپھوار کتہِ کور کاڈ کڈان چھِ۔ یہَے چھِ تم چیز یمن ہنٛدِ بدولتہٕ سائنس ادبس للہٕ واکھو تہٕ شیخہٕ شرُکو پیتہٕ محمود گامی سُنٛد ''تمثیل آدم پرٛژھام حبابس''، شمس فقیرُن ''شُنیاہ گرٛژھی تھے اوس میون اوٗلُے'' تہٕ ''رونہِ مُژ رِتھ شرٛ وِنی کوٚت گوم''، رحمان ڈارُن ''شش رنگ''، سوچھ کرالُن ''دیپو مے بالہٕ یارس یٲرِ لاگو'' تہٕ 'ناو درآب تَے آب درناو' نعمہ صابُن 'کمیوشیشہِ چوونس مے' احمد بٹوارِی سُنٛد 'یندرازُن دربار'، وہاب کھارُن 'طوطہٕ'، پرمانندُن 'سہز بھاو' تہٕ صمد میرُن 'کہو کلہِ کرٛٹھراو' ہِوی جاودانی نغمہٕ کاشرِس مویسر سپدی۔ یمن ہُنٛد پوشہِ وُن اثر کاشرِس مزازس پیٚتہِ یورتہِ اَکس خاص نہجہِ پیٹھ رٹنگ ضامن چھُ باسان۔

# کاشُر ترقی پسند ادب تہٕ تنقید

غلام نبی خیال

میانہِ یِمہِ مقالہٕ باپتھ یُس موضوع اوس تجویز کرنہٕ آمُت سُہ اوس ترقی پسند ادبی تنقید۔ یِتھِن کرٕ بہٕ ہناہتھ منز ترمیم۔ تنقید نہ چھُ آسان ترقی پسند نہ حقیقت پسند تہٕ نہ جدیدیت پسند۔ تنقید چھُ بنیٲدی طور کانٛہہ تہِ ادبی تخلیق تجزیٲتی میزانس کھالتھ انتہاہی خلوص، ایمانداری تہٕ صداقتہٕ سان زیرِ بحث اَنُن تہٕ تمِکۍ حسن وقبوح تتھہٕ کنٕ واضح کرٕنۍ یِم بوزن والِس یا پرن والِس تہِ مطمئن کرن تہٕ یِمن بحثا بحثی ہنٛز گنجاٮ۪ش سبٹھاہ کم باقی روزِ۔

اوٚکنۍ کوٚر مےٚ یتھ مضمونس یہِ عنوان دِتھ پننِ فریضہٕ واضح پاٹھۍ انجام دِنک سٔنٛز زِ کاشُر ترقی پسند ادب تہٕ تتھ پٹھ کرنہٕ آمٔژ تنقید کتھ حدس تام چھُ اسہِ نِش موجود۔

اما پوز وقتہٕ کِنۍ بڈۍن بڈۍن واقعن تہٕ تبدیلین ستۍ ہیکن تنقیدی نظریات بدلِتھ تہٕ مگر یِمن تبدیلین چھِ کُنہِ کُنہِ ساسہٕ ؤری لگان۔ مثالے از برونٹھ ڈاے ساس ؤری اوس بقولِ ارسطو سارِوۍ کھوتہٕ عظیم ادب سُہ یُس ٹریجک ادب یا المیہ آسہِ ہے۔ چونکہ تِمن دوہن اوس یونانہٕ کِس شاندار ادبی دُنیاہس منز ٹریجڈی ہُنٛد ے چلے جاو۔ یتھ ایسکائی لس، سوفوکلیز تہٕ یوری پیڈیزن گوڈبۆرتہٕ اَتھ کوٚرُکھ اکھ شان وشوکت عطا لہٰذا آیہِ کامیڈی یعنے طربیہ ٹریجڈی کھوتہٕ کم پایہِ گنٛز رنہٕ تہٕ ارسطوتہِ چھُ پننہٕ

بوطیقایہ منز یِ وَنان زِ ٹریجڈی منز چھ کردار تمہِ کھوتہٕ زیادٕ جان پأٹھی پیش یوان کرنہٕ یِہ سُہ پننہِ ذأتی زندگی منز آسان چھُ زِ کامیڈی منز چھِ تسنز شخصیت مضحکہٕ خیز یعنے اسنٕ لایق بناونہٕ یوان۔ یِتھن کرٕ بہٕ بییہ اکہِ پھِر ارسطوسنز تمہِ خاص ترکیبہِ ہنز وضاحت یوسہٕ تِمو ٹریجڈی خأطرے استعمال کُرتہٕ یتھ کتھارسس (catharsis) وَنان چھِ تہٕ تیٚچ وضاحت انگریزی پأٹھی یِمن لفظن منز چھےٚ کرنہٕ آمژ: It is the getting rid of unhappy memories or strong emotions such as anger or sadness by expressing them in someway. یعنی اگر کأنسہِ پٔتِن دود باوٕ وتمہِ ستی چھُ دأدی لد بوس لوتان۔

کتھارسس گوو کُنہِ چیزس یا کُنہِ کیفیژ پوٚرِ پوٚرشوژ آے کرٕنی تاکہ انسان گژھِ اکہِ ذہنی یا جسمأنی عذابہٕ نشہِ آزاد۔ مثالے ہرگاہ زن کأنسہِ پھیپھر نیرِ دپان سُہ گژھِ پوٚرٕ پأٹھی کھسُن تمہِ باپتھ چھُ اَتھ گوٚ دکُرتھ اکھ پھٹِکرٕ لہٕ یوان برنہٕ یُس اَتھ کھاران چھُ تہٕ مریض چھُ زبردس پا کہٕ سرِ ہنٛدِس عذابس منز مبتلا گژھان۔ پتہٕ ییلہِ یوٚہے پھیپھر پپان چھُ تہٕ اتھ چھےٚ سأرے غلاظت نبر نیران، مریض چھُ لوتان تہٕ تس چھُ باسان زِ تسُند پان لوتیووتہٕ سُہ آو معمولہٕ کِس جسمأنی عالمس منز واپس۔

یم یونأنی ڈرامأتہِ اَسی وُچھن والین یِہے کیفیت بخشان تِکیا زِ تم اگرچہ پرتھ اکہِ ڈرامہٕ ہک دوکھہٕ بوٚرُت اندتہٕ اَسی وُچھان مگر تمن اوس باسان زِ تہنٛدِس دِل ودماغس پٮ۪ٹھہ یُس کُس تام باراوس سُہ لوتیوو۔

مگراز یوٚدوَے اُسی پنٛنی مقأمی حالات نظرِ تل تھاوو، میأنی کنٛی کرو نہٕ اَزاُسی تھیٹرس منٛز ٹریجڈی پسند تکیازِسأنی لوٗکھ پَھِ اکے بے انت عالمِ بے بسی تہٕ ماتمی دُنیاہس منٛز گیر۔ پریشان تہٕ حأران۔ پتھر پیٚمتی تہٕ زن تانہٕ تانہٕ گأمتی۔ اَوٕ کنٛی دِن تم کامیڈی ترجیح تاکہ تمن ییہٕ پنٛنی غم تہٕ ستم مشرِتھ کینٛژن برٛنزٕبن شادسپدنک موقعہٕ۔قدیم یونانکی لوٗکھ اُسی شادتہٕ آبادتہٕ توے اُسی تم المیہ زیادٕ پسندکران۔

کأشرِ زبأنی منٛز یوٚسہٕ ترقی پسند ادبی تحریک پتہٕ مہِ صدی ہنٛدِس منٛزس منٛز ووتلے ییہ سو اُس نہٕ اَسہِ بذاُتی کینٛہہ بلکہ اوس تمہِ کوٚ بنیأدی محرکا تو منٛزٕ ہندوستانٕچ ترقی پسند تحریک شأمل۔ ییہٕ اُسی کینٛہہ عالمی واقعہ تہٕ پیٚش آمتی۔ یموٚ پتہٕ ییہ ڈٕلی زِتہٕ تاریخِ عالم بدلوو تمیک نفسیأتی ردِعمل تہٕ کوٚر کأشرِ قلمکارن امہِ تحریکہِ ہنٛدِس پرٛچمس تل ظأہر۔ ہٹلرن اوس 1939ء یس منٛز دوٚیم عالمی جنگ شروع کٔرِتھ سورٕے دُنیاہ پننِس قبضس تل انٕنک فأصلہٕ کوٚر رُمت۔ 1917ء یس منٛز اوس روٗسس منٛز لینن سنٛزِ سربرأہی منٛز بالشیوک انقلابن تَتہِ کِس شأہی نظامس تلک پیٚٹھ کوٚر رُمت تہٕ ہندوستانس منٛز تہِ اُس برطانوی نوآبادیأتی راجہِ نشہِ آزأدیہ ہنٛز تحریک دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ وُسجارتہٕ قوت لبان۔

ترقی پسند ادبی تحریکہِ ہُنٛد ابتدا سپُد دراصل 1930ء یس اُندٕ پکھٕ لندنس منٛز ییٚتہٕ فیض احمد فیض، سجاد ظہیر، ڈاکٹر محمد دین تاثیر تہٕ احمد علی ین اتھ ڈٕسلابہ کوٚر۔ ہندوستانس منٛز تہِ سپُد امیک گوڈنیک اجلاس سجاد ظہیرنی رہبری منٛز ڈٕہی مہِ اپریل 1936ء یس منٛز لکھنوس اندر تہٕ امہِ پتہٕ دوییہ ڈٕہری کٔر

ہندوستانکو ترقی پسند ادیبو اِلٰہ آبادس منز امہِ تحریکہِ ہنٛدی بنیادی خطوط وضع۔
امہِ پتہٕ کینٛہہ کال گژھی تھےٚ آو کشیرِ منز تہِ اتھ پُراثر تہٕ رواں دواں
تحریکہِ کُن دِنہٕ تہٕ وُچھان وُچھان گےٚ اتھ کاروانس منز کشیرِ ہنٛدی سارٕی
ترقی پسند ادیب، شاعر، ڈراما نگار، اداکار، مصور تہٕ باقی دأنشور شامل۔ امہِ
نِو تحریکہِ ہنٛدِ فکری نظریک لُبِ لُباب اوس یہِ زِ دُنیاہس منز گژھہِ امن روزُن۔
مزوٗرن تہٕ کأرِ گرن ہُنٛد استحصال گژھہِ بند گژھُن۔ بورژوازی طاقت
گژھن سماجہِ منزِ وَنہِ تژنٛ کڈنہٕ تہٕ عام انسانہٕ سنٛزِ زندگی ہنٛزِ پاپرجأیی تہٕ بجأیی
ہنٛز سکھر کرنہٕ باپتھ گژھن لوٗکھ لینن سُند یہِ نعرٕ پأنٕی راونی زِ "سارِ سمسار کیو
مزورَو تہٕ کارگرَو متحد سپدِو"۔ ترقی پسند نظریس منز اوس یتہِ اکھ اہم نوقطہٕ ذہن
نشین کرُن لأزمی زِ زندگی چھےٚ ابدی تہٕ لازوال۔ روح چھنہٕ مران صرف چھُ
انسانہٕ سُند میژِ موٚر میژِ ستی رلان۔ یہِ زن ساحرؔ لدھیانوی ین وٚون۔

جسم کی موت کوئی موت نہیں ہوتی ہے
جسم مرجانے سے انسان نہیں مرجاتے ہیں
دھڑکن رُکنے سے ارمان نہیں مرجاتے ہیں
ہونٹ جم جانے سے فرمان نہیں مرجاتے ہیں
جسم کی موت کوئی موت نہیں ہوتی ہے

کشیرِ منز گیہ یہِ تحریک 1950ء کس سونٛتس منز شروع تہٕ گوڈنی آو اتھ کلچرل
فرنٹ، پتہٕ کلچرل کانگریس تہٕ پتہٕ کس کلچرل کانفرنس ناو تھاونہٕ۔ امہِ کی باقی
شاخ آسی انجمن ترقی پسند مصنفین، ترقی پسند مصورین تہٕ ترقی پسند اداکارن

ہنٛز انجمن۔

امہِ تحریکہِ کوٚر روٗچھان وُچھان اَسہِ پیٹھ مارکسزم تہٕ اشتراکیتُک سُہ غلبہٕ حأصل زِ ازتام چھُنہٕ یتھ بجر کٔشیرِ منٛز کُنہِ ثقافتی تحریکہِ نصیب سپُد مُت۔ سارِوٕے کھوتہٕ شاندار دیُت یُس امہِ تحریکہِ اسہِ عطا کوٚر زِ أتھی دورانس منٛز آیہِ کشیرِ منٛز کأشرِ پأٹھی گوڈنچہ پھِرِ افسانہٕ، ڈراما، ناول، اوپیرا تہٕ نثری مضمون لیکھنہٕ۔ اما پوز تنقیدُک بانہٕ روٗد کم وبیش خألی۔ اتھ برعکس گۓ روٗسی ادیب تہٕ تِہندی فن پارٕ سانِہِن ذہنن پیٹھ غأِلب تہٕ تِم کأشرِ پأٹھی تارنُک سلسلہِ تہِ گوو شروع۔ یتھہِ کنٛز آے گوڈنچہ پھِرِ ٹالسٹائی، چیخوف، گوگول، میکسم گورکی، پُشکن بیترِ کأشرِس پرن وأ لِس بروٚنہہ کُن واتناونہٕ۔

کأشرِس ترقی پسند ادبس تنقیدچہِ کھوچہِ کھالنس کُن بے مأل لاگنُک وجہ چھُ غألبًا یِی زِ ترقی پسند ادیب أسی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پنٔنی بذأتی تخلیقہٕ یڑھان پیش کرنہِ تہٕ تنقیدس أس غألبًا تِمن نِش ثانوی حیثیت کأشرِ ترقی پسند ادبی تحریکہِ ستی یِم نیٚبرِم ادیب بالواسطہٕ یا بلاواسطہٕ وابستہٕ سپدی، تِمن منٛز چھِ کمال احمد صدیقی، راہی معصوم رضا، سُہیل عظیم آبادی، وی ایس این کیمفر، شیلا بھاٹیہ، شِو دان سنگھ چوہان۔ علی سردار جعفری تہٕ مخدوم محی الدین شامل۔ یِمو منٛز لیکھی کینٛہہ تنقیدی مضمون چوہانن، یِم کونگ پوش رِسالس منٛز شایع سپدی مگر تِمن ہُند لب ولہجہِ اوس عام پأٹھی ادبی آسنس برعکس سیأسی رنگس منٛز رٔنگِتھ۔ مثالے تَسُند مضموٗن ''انٛج جدو جہد تہٕ کأشُر عوام'' مضمونُک یہِ أخری پیراگراف:

''اَسہِ چھُنہٕ سامرأج سرمایہ دارَو تہٕ جنگ بازو بغیر کانٛہہ دُشمن۔ روٗسکی تہٕ چینکی عوام چھِ اَسہِ دوس۔ امریکہ تہٕ انگلستانکی امن پسند عوام تہِ چھِ سأنی۔ پأکستانکی نواب تہٕ سرمایہ دار چھِ سأنی دُشمن مگر تتیُک ترقی پسند تہٕ امن پرست عوام چھِ سأنی دوس۔ أسی کاشُری چھِ تمام ہمسایہ مُلکن ہنٛدین بیدار تہٕ ترقی پسند عوامن ہنٛدی دوس تہٕ تِمن ہِتی ہِتی چھُ اَسہِ پنٕنی آزأدی، ترقی تہٕ امن قأیم تھونٛک تمناہ۔ یُتھ زن أسی ہیکو نیا کشمیرُک جمہوری نظام قأیم کٔرِتھ۔ یتھ نظامس منٛز زن ییمہِ ریاستکی سأری روزن وألی ہم شانہٕ ہیکن ترقی کٔرِتھ تہٕ خوشحال روٗزِتھ تہٕ زأنِتھ مأنِتھ پنٕن سماجی، اقتصأدی، تہذیبی تہٕ سیأسی مستقبل تعمیر کٔرِتھ''۔ (کونگ پوش، اپریل 1950ء، ص: ۷)

ترقی پسند ادبس منٛز اگر زن اکہِ طرفہٕ تنگ بندی تہٕ نعرٕ بأزی ہنٛز شاعری تہِ کرنہٕ آیہِ مثلاً کاملُن یہ اردو شعر:

کس کو دیتا ہے تو دھمکی
ایٹم بم کی

یا نندلال امبار دارُن یہ مضحکہٕ خیز مصرٕ:

لینن وُچھ مے خابس اندر ڈول وایان

اما پوز بیٚیہِ طرفہٕ کٔری اَمی تاریخ ساز تحریکہِ سانہِ شعری ادبکی تم شاہکار پأدٕ ییم ازتہ سانٛین دِلن ہنٛدِس سنطورس سوز تہٕ ساز چھِ وُزٕناوان۔ ییمن منٛز

# شیخ العالمہؒ سُند تخیل

شفیع شوقؔ

اِبہام گوو شارُک سُہ صفت زِشاروو تلاونہٕ کانٛہہ تاثُر یا کانٛہہ معنے۔ یِتے یوت تہٕ گوونہٕ ابہام زِشارزانٛنس منٛز ییہِ دِقت بلکہ گووا ابہام شعرُک سُہ صفت ییمہِ کِنۍ شعرا اَکِہ کھوتہٕ زیادٕ معنے یا تاثُر ووتلاوِتھ ہیکہِ تہٕ یوٚت زیادٕ ژنٛگی شعر تاثُر ووتلاوِتھ ہیکہِ تیوٚت چھُ شعر کامیاب۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ اکھ رُت شعر چھُ بعضے مختلف پرن والین مختلف تاثر ووتلاوان تہٕ بعضے اَکی ہے پرن وألِس مختلف موقن پیٹھ مختلف شعرس منٛز چھُ یہِ صفت تیٚلی یوان ییلہِ شأعرن پنٛن ذٔہن معروٗضی رِشتو منٛزٕ موکلأوِتھ پنٛن اکھ الگ تخیلی دُنیاہ آسہِ آباد کوٚرمُت۔ شأعری چھے تخلیقی زبان تہٕ یتھ زبأنی منٛز تخیل آسہِ تتھ منٛز چھُ لفظن ہُند معنے غأر ضروٗری۔ پرن وألِس نہ چھُ لفظن ہٕندِ معنی ین ستی غرض تہٕ نہ تمن چیزن ستی یمن کُن لفظ چھِ اشارٕ کران۔ پرن وألِس چھُ غرض تتھ جذبأتی رٔوِیَس ستی یُس شأعرس تمن چیزن ستی آسہِ یمن کُن شعرکی لفظ اِشارٕ آسن۔ ییلہِ شأعر ونان چھُ:

دٔمی ڈیوٚٹھُم شبنم پِوان

اَسہِ چھُنہٕ تتھ معنی یس ستی کانٛہہ غرض یُس موٗسمیاتہٕ کِس کانٛسہِ مأہرس یِمے لفظ ورتاونہٕ وِزِ آسہِ۔ شبنم پیوٚن چھُ اکھ فطری عمل۔ دوٚہے چھِ أسی شبنم پِوان وُچھان تہٕ کانٛہہ تہِ ہیکہِ کُنہٕ تہِ ساعتہٕ وٗنتھ مے وُچھ شبنم پِوان۔ مگر ییلہِ شأعرن یِہَے کتھ وٗنی یمہٕ لفظ گٔے یکدم پنٛنہِ محدوٗدٕ معنی یہٕ منٛزٕ آزاد تہٕ ووٗنی روٗز

معنی پچھ ''اہمیت'' باوِتھ، یوسہٕ شعرکہِ کلہم مفہومہٕ ستی مشخص چھے سپدان:

ژٕمی ڈیو ژٕٹھم شبنم پوان

ژٕمی ڈیو ژٕٹھم پوان سوٗر

ژٕمی ڈیو ژٕٹھم گٹہٕ پچھ ہوان

ژٕمی ڈیو ژٕٹھم پھولہٕ وٗن نوٗر

شاعرن وۄن نہٕ کہیں، صرف تھاوِن ژور تصویرٕ ژھن بروٚنٹھہٕ کنہِ۔
شیخ العالمؒ نَے شاعر آسہِ ہے سہ وَنہِ ہے ضرور یمن ژورن تصویرن لَرِ لوٚر
تھاونک مطلب۔ تصویرن یُس تضاد پانہٕ وأنی موجوٗد چھُ سہ چھُ پانے سہ
تاثُر ووتلاوان یُس اکھ خراب شاعر بیان دِتھ وَنِج کوشش کرِ ہے۔ اَمہِ
واکھک سالم تاثُر چھُ ''ژٕمی ڈیو ژٕٹھم''، لفظن ہندِ تکرارٕ ستی بییہِ ہن تنزرلبان،
یہِ شُرک چھُ سبٹھاہ جان مثال۔ یتھ منز پرن وول یہِ ژینتھ ہیکہِ زِ لفظہٕ ہُر بر
رِتھہٕ پاٹھی چھُ شعریاتُک اکھ جُز ہبکان بنتھ۔ ییلہِ زن لفظہٕ ہُر بر (تخیل نہ
آسنہٕ کنی) شعرُک عأب چھُ بنان۔

ہیرِی مِس شرُکس منز چھُ پیکرن ہُند پانہٕ وأنی تضاد ہنا وضاحتی
ییمہٕ کنی ابہامُک امکان ہنا کم چھُ سپدان۔ بیاکھ مثال ژِیو یتھ منز تضاد ہنا
درپردٕ چھُ:

خانن ہندٕ بن یمن روبہٕ خانن

جانن دپان اُپأری گژھ

سوندرٕ وُچھمکھ ہرموکھ ناون

ژمرو ستہن ڈُوان لژھ

## تتۍ مالہِ ڈینٹھم کپس بووان

### نصرِ مےٚ وُچھ ژٕ وُچھنہٕ گژھ

یہِ شُرٕک چھُ اَندٕ وندا اکھ ؤہرِتھ استعارٕ، یُس دوٚے شُرکیٚک موضوع عام صوٗفی شاعری ہندی پاٹھی دُنی تٕہ ناپایدآری چھُ مگر شاعرن چھےٚ موچ تخریبی عمل باونہٕ بدل پیش کرمژ۔ یتھ پٔرتھ کانٛہہ پانے ہیکہِ وُچھتھ تہٕ ژینتھ۔ یہِ چھُ شاعرس پنُن مشاہدٕ۔ پنُن کانٛہہ نتیجہ یا پننی کانٛہہ رائے دِنہٕ ورأے چھُ سارنٕے یہِ مشاہدٕ حاصل کرنُک ظون دِوان۔ ''نصرِ مےٚ وُچھ ژٕ وُچھنہٕ گژھ'' یتھ جایہِ سوندرٕ ہرموکھ ژمروستی (شہتر وچمٹہٕ/ داٹوی لڑھلی) لژھ چھےٚ ڈُوان، تتۍ چھےٚ کپس بووان۔ کپسے کیازِ؟ بیٚیہِ کانٛہہ پوش کیازِ نہٕ، گولاب کیازِ نہٕ، سوسن کیازِ نہٕ؟ کپس لفظُک ورتاو چھُ (irony) ووتلاوِتھ استعارس بیٚیہِ ہن قوت بخشان۔ کپسہٕ پوش چھُ چٹہٕ سفید رنگہٕ کنی ژھرٕ رچ تہٕ بے مایہ گی ہنٛز علامت۔ کپس چھےٚ بنجرن تہٕ تاپہٕ ؤڈرن پیٹھ تہِ بووان ironyتہٕ استعارٕ چھِ سبٹھاہ قریبی رشتہٕ تھاوان تہٕ یژٕ پاٹھی چھِ یِم لرِلوٚ رووتلان تہٕ اکھ اکس ڈکھ کران، دوشوٕنی چھےٚ ژکہِ کُنی لسانیاتی بنیاد۔

سارے فنی صِنفہِ چھےٚ بیوٚن بیوٚن خاصیژ تھاوان تہٕ یِم ہیکن نہٕ اکھ أکس منٛز تبدیل سپدِتھ۔ مگر مےٚ چھُ باسان زِ کانٛہہ فن ییلہِ بیٚیہِ کُنہِ فنچ کانٛہہ خاصیت پرٛژوان چھُ یہِ چھُ زیادٕ حسین بنان۔ مثلاً شاعری چھےٚ موسیقی، مصوری، مجسمہٕ سازی تہٕ ڈارمہچہ خاصیژ پانہٕ ناوان یا مثلاً کُنہ تصویرس منٛز، کُنہِ موٗرژ منٛز ہیکہِ شاعری آستھ۔ شیٚنہ شُرکین منٛز چھےٚ مصوری تہٕ مجسمہٕ سازی

ہنٛز خاصیٔژ جایہِ پیکر وٕستی پأدٕ گژھان تہٕ موسیقی لفظن ہنٛدِ ماہرانہٕ ورتاوٕ ستی تہٕ
کیٛژن شٕرکین منٛز چھِ پیکر ڈرامأیی خاصیٔژ تہٕ پأدٕ کران۔ مثلاً ؎

شیطأنٛ لُش لأ جم پیٛژِ بارس

مےٚ رأوتارس ژوٗرس وٕتھ

یِمن مصرن منٛز چھُ اکھ مکمل ڈراماوۄپتھ تہٕ پرٛی تھے چھُ اکھ سَرِ ثوبوٗتھ
منظرن دیدمان درٛ ینٛٹھی یوان۔ نہ چھےٚ کانٛہہ یژ ونے نہ جذبأتیت تہٕ نہ تفکر۔
شأعرن چھِ سأرے عمل گُل دہن لفظن منٛز اکھ روشن پیکر مہارتہٕ سان وونٛتھ
بأوِمژ تہٕ پٔنن اکھ روٗحأنی تجربہٕ پیٚش کوٚرمُت۔ ژوٗر چھُ پیٛژِ بور ہیتھ تہٕ پیٛژِ بور
چھُ تیُتھ بوریُس نہٕ ژوٗرِ روزِ۔ پٔتی کنٛز آس شیطان رأسے تہٕ لأ جنس لُش تہٕ
نارن کڈٕ کُنی ژھٹھ۔ ژوٗر چھُ ہوان ژُلن مگر بُتھہِ چھُس پیوان دریاوتہٕ بامبرِ
منٛز چھُس نہٕ تارے اتھِ یوان۔ یِتھہٕ پأٹھی چھےٚ اکھ nightmare کیفیت
پأدٕ گژھان۔ یہِ چھُ شأعریہِ ہُنٛد کمال تہٕ یہٕ چھُسکھ یِم ژمن دہن بہترین
کأشرٕ بن مصرن منٛز گنٛز راوان یِم ازتام کأشرِ شأعری منٛز لیکھنہٕ آمتی چھِ۔ یِتھ
ہیوٗ پیکر چھُ تخیلُک معراج۔ اَمہِ قسمچ بیاکھ مثال نیوٗ یہِ شُرٛک:

گنبر پرکٹ کران چھم کاو

تیٛر چھنم امبر باوٕ کس

سٔری گوم گرتہٕ ووٕ کھلی گیم ناو

بور گوم گوٚب تہٕ تراوٕ کس

اگر گوڈنکی ژمصرِ صٔحیح مانو کھ مطلب چھُ بنان یہِ زِ کاون روٗتُس پوٚت

ہیُو تہٕ کھٔژنم تیرٕ یمہٕ میون پوشاک (امبر) آسہٕ تہٕ گوس نبتھہٕ نوٚن۔ أندرِم راز (گنبر) گوم نوٚن (پرکٹ) (کینژن قلمی نُسخن منز چھِ یم زٕ مصرٕ مختلف) یم ترأوِ توحُسن چھُ پتیٖمین دون مصرن منز۔ گر ہیکہِ پکِتھ ووٕھلی (خوشک وَتہِ) تہٕ ناو ہیکہِ پکِتھ ئری (آبہٕ منزی) مگر ییٚتہِ چھُ پھرِ تھُرٕ، گر چھُ وَسان آبس تہٕ ناو چھےٚ بٕٹھس پیٹھ تہٕ تتھہٕ پأٹھی چھِ زٕ محالتی ووتلان دون واضح پیکرن منز یم انسانہٕ سنزٕ تمہٕ سلیقہ عملہِ ہنز باوتھ چھِ کران ییمیُک لأزمی نتیجہ چھُ سفرٕچ ناکأمی۔ امہِ پتہٕ چھُ ژوٚرِم مصرٕ بیاکھ صورت برونٹھ کُن تراون یوسہٕ گوڈنچہٕ صوٗرژٕ نشہِ مختلف أستھ تہِ اَتھ ستی اکھ تاثرأتی رشتہٕ چھےٚ تھاوان۔ لاچأری چھےٚ یہِ زِ شأعر چھُ کُنے زوٚن بور ہتھ سفر کران۔ بور چھُس گژھان گوٚب زِ قدم کڈُن تہِ چھُس مشکل، بور تھاوِ ہے پتھرٕ دَم سندارِ ہے مگر پتہٕ گُس ژلبس اَتھہِ۔ پٹھہٕ چھُنہٕ بور تیتھ زِ ترأوِتھے ژھنہِ ہے تہٕ پکہِ ہے پانس، یہِ چھُ واتناوُن منزلس۔

بوجھ وہ سر سے گرا ہے کہ اٹھائے نہ بنے

کام وہ آن پڑا ہے کہ بنائے نہ بنے

(غاؔلب)

یہِ چھُنہٕ ضروری زِ شأعری ہندِ بن پیکرن آسہِ پانہٕ وأنی کانٛہہ منطقی رِشتہٕ آسُنے گژھہِ نہٕ۔ شأعری چھُ پنُن اکھ دأخلی منطق تہٕ خأرجی منطق ہیکہِ نہٕ اَسہِ شعر زانس منز کانٛہہ مدد کٔرتھ۔ واریاہن شیٖچہٕ شُرکین منز چھُنہٕ پیکرن پانہٕ وأنی سُہ منطقی رِشتہٕ یُس اَسہِ عروٗضی دُنیاہس منز درٛینٛٹھی چھُ گژھان۔

یِمہٕ کِنۍ پیکر پانہٕ وأنۍ بے واتھ چھِ باسان:

راز ہونز أسِتھ سپُد کھ کوّلُے

کُس تاں ژوّلُے کیاہ تاں ہٮ۪تھ

ژھل گو بند تَے کھارِ ہیوّت گوّلُے

گرٹہٕ وول ژوّلُے بأر وِنۍ ہٮ۪تھ

شُرٕکِکۍ ژوٗشوے مصرٕ چھِ پانہٕ وأنۍ بےٚ واتھ (پٮ۪تۍ مٮ۪ن دوٚن پیکرن ہٮ۪کہِ واتھ لٲگِتھ) مگر لَرِ لوّ ررٕوٗزِتھ چھِ ژوٗشوے پیکر اکھ سأئلم توٗشُر وہ تلاوان تہٕ شُرٕکِس منز چھُ توتہِ اکھ انگہٕ یکِت (organic unity) پأدٕ گڈھان۔ موٚنچ خاموش عمل چھےٚ گوڈٕ رازٕ ہونزٕ ہنٛدِس کوّل گژھنس ستۍ ہشر اونہٕ یوان یا تمہِ پتہٕ کیاہ تام راونس ستۍ تہٕ پتہٕ ٹُس گرٹہٕ بند گژھنس ستۍ۔ ژھل تہِ گوو بند تہٕ کھارِ ہیوّت گوّل، شرٕیرس منزٕ گیہِ حرکت بند تہٕ کھیوّن چوّن تہِ گوو بند مگر گرٹہٕ تہِ ہیوّت گوّل، شرٕیرس منزٕ گیہِ حرکت بند تہٕ کھیوّن چوّن تہِ گوو بند مگر گرٹہٕ وول گوو پانس پٮ۪نۍ بأرٕ وِنۍ ہٮ۪تھ۔ دَلیس أس انسانہٕ سنٛزِ زِندٕ ژُوٕ کرِمہٕ عملہٕ ستۍ کأم۔ جسم چھُ مٮ۪ژ۔ ’’ژوٗژلہِ نیرِتھ موٚ رموٗ ژِ مٮ۪ژ ے‘‘۔

شیٖحہٕ شُرٕکمن منزٕ چھِ تقریباً پرٕتھ کُنہِ حسّکِی پیکر۔ یُژ پأٹھی چھِ یم بصری پیکر یمن منزٕ چیزن ہُنٛد رنگ، گرُت تہٕ بأڑو بیترِ سورُے کیٛنہہ چھُ یوان۔ کیٛنہہ پیکر چھِ تِم تہٕ یمن منزٕ مزٕ، مشک تہٕ ژیٛنکی حسّ تہِ آورنہٕ چھِ یوان۔ مثلاً:

نفسَے میانے ژیٛرِ وِ اگو     دِژِمے دگو پھوٚلہم نہٕ ذاتھ

○ (در بر)

عشق چھُ گنہٕ تلرِ ببب برُن     سُہ ہےٚ سو کھ برے تہٕ کہِ

○ (چھِن ووتھنہٕ کِنۍ بیقرأری)

عشق چھُے تیز کرتجہِ ژٔنجہِ درُن سُہ ہے چھوکھ زرے تہٕ کہِ

○ (دگ)

ژالُن چھُے پان پٔنُن کڈُن گرٕ ہٹو ژالُن چھُے کھیوٚن ویہہ تہٕ گار

○ (دَگ تہٕ ٹٔچُھر)

مگر شُنکی (auditory) پیکر چھِ سارِوے کھوتہٕ دِلچسپ:

- ......اَن، لَیہِ پٔنژ اہ تہٕ نٲن لَیہِ لچھ
- ......ڈٕمی ہٕہ 'گوم ڈٕی ہُہ' گوم
- ......ہہ، اکہِ سنگرتارزن وزُن
  گُمبز وزن دُنی دُنی کتھ
- ......سوزن اشارٕ ستھن بوزن
  کوزن بوزن نہٕ ڈمہٕ ڈمہٕ گتھ
- ......ہوٚن چھُوِ کران وَو باوَو

شیخ العالمؒ چھِ منز ی تِتھی استعارٕ تہٕ ورتاوان یِمن نہٕ کُنہِ قسمِچ استعارٲتی اہمیت چھےٚ تہٕ صرف چھُ خوٗبصورت تہٕ واضح پیکر۔ مثلاً:

کیوٚلی کوٚت نیرکھ پنہٲنی

یہِ پیکر چھُ صرف اکھ تصویر۔ یتھ منز اکھ انسان کُنے زوٚن سفرس پٔتھ نیران چھُ، دُنیاہس بیزار گژھتھ۔ سفرس پٔتھ نیرُن ہیکہِ استعارٕ آستھ، مثلاً یِیلہِ وَنو روحانی سفرس پٔتھ نیرُن۔ مگر امہِ مصرٕ پتہٕ یُس مصرٕ چھُ سُہ چھُ اَتھ یہِ استعارٲتی اہمیت تھاوان۔ ''ترٲوِتھ شری مُری تہٕ کینٛہہ بار'' تصورس منز چھُ یتے یوان زِ

اکھ درویش چھُ لوہ لنگرِ چ ماے ترأوِتھ پزرِ چینِ کُنہ منز وَن رَٹنہٕ نیران۔ییمہٕ
وِزِ شاعر پننِس تخلیقی قوتس کأم ہیتھ پانس أندی پکھی وُچھمتی چیز تِتھے پاٹھی تہٕ تمی
ترتیبہٕ چھُ شعرس منز پیش کران، ییتھہٕ پأٹھی تمی وُچھمتی آسن، پیکر چھِ یوان
بارسس۔مگر ییلہِ شاعر یمن کُنہ نوٚ طریقہٕ تہٕ پانے تصور کرِتھ ترتیبس منز
پیش کرِ، استعارٕ ییہِ بارسس۔یہِ چھُنہٕ ضروری تہِ استعارس سٟتی آسہِ پیکر تہٕ۔
شیخہٕ شُرکین منز چھِ پیکر وروٚس استعارٕ تہٕ نظرِ گژھان۔مثلاً:

ییمی ییتہِ وٚووتہٕ تمہِ کٔتی تتہِ لوٚنوٚ

مگر یتھی استعارٕ چھِ بے اثر آسان، یوٚت زِ امہِ کس استعارٕ آسنس کُن چھُنہٕ
ظون تہٕ گژھان۔وون گوٚو یتھی بے زُو استعارٕ چھِ شیخہٕ شُرکین منز سیٹھاہ کم۔
شیخ العالمؒ سُند سونچ چھُ شاعرٕ سُند سونچ ییمہٕ کِنی سُہ ٹھوس حقیقژ ہنز ترتیب تہٕ امہِ
کین معروضن ہندی منطقی رِشتہِ مُشرتھ پننِس تخیُلس منز وُچھزِ تہٕ ژینمزِ حقیقژ
پنٕنی ترتیب تہٕ پنٕنی رِشتہٕ چھُ بخشان۔یہے چھُ فرق أکس سائنس دانس یا
سیاست دانس یا بییہ کأنسہِ عقل پرستس تہٕ شاعرس۔یتھ کُن ییمہٕ صدی ہُند اکھ
نقاد پیٹر میک کیلر (Peter McKellar) دلچسپ اندازٕ اِشارٕ چھُ کران۔سُہ
چھُ ونان زِ انسأنی سونچ چھُ دوٚیہ قسمہٕ:

"R-thinking" (حقیقژ ہُند سونچ) چھُ سُہ گاٹہٕ جارسُہ بیدار شعور
یُس انسانس تمہِ ساعتہٕ حأصل چھُ آسان ییلہِ سُہ منطقی حقیقت پسند تہٕ غأر
جذبأتی آسہِ۔کراشے ولیمز چھُ پوٚز وَنان زِ یہِ سونچ چھُ انسانس دُنیأوی
کامین منز کامیاب گژھنس منز مدد دِوان تہٕ امی سٟتی چھِ أسی دُنی یہکین

سارِنے مظہرن تہٕ یمن مظہرن ہٕنٛدٕ بن وجہن تہٕ اثرن متعلق صحیح رائے ہیٚکان قائیم کٔرِتھ۔ اَتھ سوٗنچس برعکس چھُ بیاکھ سوٗنچ (A-thinking)۔ یہِ چھُ بیدار شعور بدلہٕ نیٚندرِ تہٕ مستی ہُند سوٗنچ، امیُک دارمدار چھُ منطقی رِشتو تہٕ حقیقت پسندی بدلہٕ خیالن ہٕنٛدِس رلنس (association) پیٹھ۔ اَتھ ہیکہِ نہٕ ٹھوس مشاہدو ستی درستی سپدِتھ۔ اَتھ منٛز چھُ تخلیُک دخل''۔

یوٚہے دوٚیمہٕ قسمُک سوٗنچ چھُ سُہ طاقت ییمہِ ستی شاعر استعارٕ چھُ گران۔ استعارس منٛز ہیکہِ نہٕ شاعر کانٛہہ نوٚے حقیقت پادٕ کٔرِتھ بلکہِ چھُ تس توٗتہٕ پننِ حسہٕ تجربن تا بیا روزُن، یہِ تِمس پننِ پانٛژٕ حسن پلناون تِتھی چھے تِمس پننِ ترتیب دِنی تہٕ تی چھُ تِمس پننہِ تخلیقی ضرورتہٕ مطابق ورتاوُن۔ سأری سے وأنسہِ اَکس بند کمرس منٛز روٗزِتھ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ شاعری کٔرِتھ۔ پکہٕ وِنس دُنیاہس ستی پکہٕ وُن روٗزِتھ چھُ شاعرس تہِ اکھ زِنٛدٕ زوٗ فرد آسِتھ پزِتھ ساعتہٕ پننو پانٛژٕ وحسو کنٛی اَنتھہٕ روٗسی تجربہٕ جوٚٹ کٔرِتھ اندر یوان۔ شاعر چھُ یمن شیرٕ ژأر کٔرِتھ نوٚی نوٚی پزر بروٗنٛہہ کُن انان مگر یمن پزرن ہُند پوٚز آسُن چھُ شاعری ہٕنٛدٕ بن حدن منٛزٕ ے اہمیت تھوان۔ یتھہٕ پأٹھی مے گوٚڈے ووٚن زِ شاعر ییٚلہِ حسأوی تجربن پننِ منفرد ترتیب چھُ دِوان تیٚلی چھِ با پیکر استعارٕ تھنہٕ پیوان۔ شیخ العالمؒ چھُ اکھ شاعر، اکھ پوٚز شاعر کینٛہہ بیأنی شُرکی (یم وقتہٕ وقتہٕ بٔلی شیخ العالمس ستی منسوب چھِ کرنہٕ آمتی) اوک طرف ترأوِتھ چھِ باقے سأری شُرکی پزِ شاعریہِ ہٕنٛدی پأٹھی تخلیٖچ زبان تہٕ امِکی سأری استعارٕ چھِ زوردار پیکر ہیتھ۔ فہرست دِیُن چھنہٕ شاید ضرورت، مثالہٕ

پُژھی نمو صرف اکھ استعارٕ:

کاڈی سنگر شین زَن ژسکھ

اَدِ مأنٛی للکھ ترٛش تاوی

استعارٕ چھ بنیأدی دوٚن مختلف تہٕ گنہٕ ساعتہٕ متضاد مفھومن ہُند میٛل۔ اگر یم زٕ مفہوم مختلف آسن، استعارٕ ہیکہِ نہٕ بنِتھ۔ یہٕ کتھ ژیتس تھأوِتھ چھُ ہیٚریُم استعارٕ سبٹھے زوردار تہٕ نادِر استعارٕ۔ شینہٕ مأنٛی یتیس کالس بالہٕ تیتھأ لس پٹھ آسان چھےٚ، تیتیس کال چھےٚ یہٕ سبٹھاہ محفوظ تہٕ روب دار باسان تہٕ پننہِ عظمتک باس دِوان مگر پتہٕ ییٚلہِ تاپھ تان چھُ عظیم شینہٕ مأنٛی چھےٚ تلی تلی گلان تہٕ سنگرو پٹھہٕ ژستھ بوٚن سیاہ نارن منٛز شرپان۔ یوٚہے چھُ حال انسانہٕ سُند۔ یتیس کالس حالات ڈنجہِ چھِس روزان تیتیس کالس چھُ سُہ پننِس عظمتہٕ کِس تہٕ محفوظ آسنہٕ کِس فریبس منٛز روزان تہٕ ظوٚنے چھُس نہٕ پتہٕ پوان زِ انسانہٕ سٕنٛز ہستی چھےٚ ژکہِ غارٕ محفوظ precarious۔ شیخ العالم چھُ خودأیی قہر ترٛشہٕ تاوِہِندِس صوٗرتس منٛز وُچھان: ''توٚ تاوِ سوٗز گرٛشہِ کوٚہن تہٕ بالن''۔ ہیٚریمِس استعارس منٛز چھُ سنگر لفظُک ورتاو خاص اہمیت تھوان۔ سنگرن ہنٛدِ تھزرُک پیکر چھُ انسأنی بجرُک تصور ووتلاوان۔ ییٚمہِ ورأےسوٗرے استعارٕ موردٕ آسہے، تکیازِ نتہٕ چھُ شین سٕرن منٛز تہٕ گلان۔ تِتھے پأٹھی چھُ ''کاڈی'' لفظِ تہٕ سبٹھاہ اہم تہٕ یہٕ چھُ گوڈنکہِ پھِرِ شیخ العالمنٛہ استعارأتی معنی لیس منٛز ورتوومُت تہٕ تمہِ پتہٕ چھُ تقریباً سارِوے کأشربوٗ شاعرو۔ زیادٕ ورتاوٕ ستی چھُ یہٕ ووٚنی نشومُت (گسہٕ آمُت) تہٕ اَسی چھِ از مُشکلِہ اَمہِ کِس استعارأتی معنی لیس کُن گرٛشھان۔

موضوعی اعتبارٕ ہکو اُسی شیخ العالمؒ سٕندی ساری پیکرتہٕ استعارٕ کینٛژن خاص قسمن منٛز بأگراوِتھ۔ تِکیازِ شیخ العالمہٕ سٕنٛزِ شاعری منٛز چھِ کینٛہہ موضوع خاص اہمیت تھوان۔ (مےٚ چھُنہٕ ہرگز تہِ یہِ مطلب زِ تِہنٛدہن استعارن ہنٛز اہمیت چھےٚ موضوعن ہنٛز اہمیت یا یہِ زِ یم استعارٕ چھِ اِو کِنہِ تھدِ پایکی زِیمن منٛز چھےٚ تھدِ قسمہٕ کِہن موضوعن ہنٛز باوتھ)

<u>ارمجبوسیتس متعلق استعارٕ:</u>

اکھ اہم گروپ چھُ شیخ العالمؒ سٕنٛزِ شاعری منٛز تِمن پیکرن تہٕ استعارن ہُنٛد یِمن منٛز روح چھُ اکھ تیُتھ پنٛچھی تصور کرنہٕ آمُت یُس فطرتن آزاد چھُ مگر یُس دُنیاہس منٛز بیتھ جسمہٕ کِس مُرس منٛز قاد چھُ سپدان۔ آدٕمی موٚر چھُ اکھ ٹھیُپ۔

شوگہ ژلہِ نیرتھ پنٛزٕ رٕ مٹھم
لوتہٕ لوتہِ تکنم ہاہا کار

The Robin red-breast and the nightingale
never live long in the cages
(The Douchess of Malfi) Webester

پنٛزٕ رٕکِس تصورس ستی چھُ اَمہِ چہِ ناپایدأری ہُنٛد تہِ ستی ستی احساس گنان۔ پنٛزرس چھُ پھٹُن تہٕ روٗحس چھُ آزاد سپدُن:

زُو ژلہِ نیرِتھ موٚر موٗزِ میٚژے
میٚژِ ستی میٚژ گژھہِ میلتھ کیتھ

فناہ چھُ گژھان پنٛزٕرٕ۔ انسانہٕ سُنٛد موٚر روٗح ہیکہِ نہٕ فناہ گژھتھ، موت چھُ شریٖر

خاطرٕ ،روٗح چھُ آزاد سپدان۔

وِشہِ دُر ییِلہِ گرٛیزِتھ تیم

اَدٕ من ژلیم سنداننہٕ

موت چھُ شریرٕچ تہٕ روٗحٕچ جدائی۔ ییم اَکِس خاص مُدتس یِکہٕ وٹہٕ

چھِ روزان تہٕ آخر چھِ الگ سپدان۔

کندے آس تہٕ کندٕے ژھبنہٕ

صاحبو زبنہٕ چی گیم ہانٛژھ

موتس متعلق چھُنہٕ شیخ العالمؒ سُند تصور تِتھہٕ پاٹھی خوش یِوٗن یِتھہٕ پاٹھی

لل دیدِ ہنٛزِ شاعری منٛز چھُ۔ شیخ العالمؒ چھِ موتس متعلق تصور مذہبٕک رِوٲیتی

تصور تھوان۔ یِتھہٕ کٔنٛ لل دیدِ ییمن لفظن منٛز اشارٕ چھُ کوٚرمُت:

''شاستر بوٗزِتھ چھُ ییمہٕ بےٚ کروٗٹھ''

لل دیدِ ہنٛزِ نظرِ منٛز چھُ موت انسانس تہٕ دَیس میٖل گژھنٕک اکھ

طریقہٕ، ییمہٕ کنٛی سومرنہٕ خاطرٕ بے قرار چھےٚ۔ مگر شیخ العالمؒ چھِ ییمہِ بیہٕ کنٛی قبرٕ

متعلق تہٕ مجوسیتٕک تصور تھوان۔ یِتھ تِم خوفناک پیکرن منٛز چھِ پیش کران:

جاے چھےٚ تژھ یَتھ داٗرنہٕ برنو

تتھِ مو پچھ گرٕ برنےٚ اوے

ڈاین گزن تل یُس ژٕسے

لرِ تل میٛژ تہٕ وُرنٕی میٛژ

**۲/ ہہہ تہٕ شکار اِستعارٕ:**

موت چھُ شیخ العالمؒ سنٛز شاعری ہُنٛد مستقل موضوع، ییتھ سٕہ رنگہٕ رَنگہٕ طریقو باوَتھ چھُ کران۔ مگر سارِوٕے کھوتہٕ دلچسپ چھُ موت ہہہ سنٛدِس رٕپھس منٛز۔ قدیم مذہبن منٛز تہٕ چھُ موت جنگلی دَرِندٕ بناٖوِتھ پیش آمُت کرنہٕ یُس کمزور شکارس پتے چھُ۔ موتس برونٛہہ کنہٕ انسانہٕ سنٛز لاچاری وُچھِو:

موت چھےٚ ہہہ تَے کوٚتو ژٕلی زے
کھیٚلہِ منٛزٕ کڈی ژاٖرِتھ کھ

موت چھُ ہہہ سنٛدِ کھوتہٕ تہِ خطرناک ڈٕرِندِ:

سرفس ژٕلی زے اتس کھنڈس
ہہس ژٕلی زے گرٛوہس تام
دین دارس ژٕلی زے وہرس کھنڈس
موتس ژٕلی زِ نہٕ أچھ موہس تام

انسان چھُ جسمس منٛز قاٖد۔ زالس منٛز بند تہٕ ژٕلنس چھُنہٕ کہنٛہ وَتھ تہٕ ہہہ چھُس لَرِتل روٗزِتھ زاگہِ بہتھ۔ انسان کتھہٕ ہیکہِ اَمہِ کہٕ بَیہِ روٗس روٗزِتھ:

زالس أستھ شالہٕ مُکھی کتھہٕ موٗرس
ہہہ چھُم شالہٕ مُکھی گرِتھ ماے

یمہٕ بے چھُ نوٚی نوٚی پیکرٕ ژٹھ باوتھ لبان۔ موتچ تخریبی عمل چھےٚ تیژ خاموش زِ امیک باس تہِ چھُنہٕ لگان تہٕ وُچھان وُچھان چھ کم کم گندر نظر ودوٗر گژھان۔ یہ خاموش عمل چھےٚ تتھے پاٹھی جاٖری یتھہٕ پاٹھی نوبن کترِ وبن بانن

منز پوٕنی راوان چھُ یا تِتھے پاٹھی یتھ پاٹھی وأنی وان بڈرأ وِتھ نیران چھُ :

پوٕنی زن شرٛ پے نوٚبن بانن

وأنی دِتھ وانن پھالو گے

**۳ر موٗسمہ بدلی متعلق استعار :**

اِنسانہٕ ہنزِ وأنسہِ چھِ مختلف منزل ۔ لوکچار ، جوأنی تہٕ بُجر ۔ شاعر چھُ یمن منزلن مختلف موٗسمن ستی ہشر اوان تہٕ پزٕتھ کُنہِ موسمس منز چھُ ہوش مند انسانس نِشہِ کُنہِ خاص عملہِ ہُند توقعہ ۔ یوسہٕ کأم سونتس منز کری زِ ، سوٚ ییہِ نہٕ رہتہٕ کالہِ یا ہرد کرنہٕ ، یوسہٕ رہتہٕ کالہِ کرنہٕ ییہِ سوٚ ییہِ نہٕ ہردِ یا سونتہٕ کرنہٕ ۔ واریاہ شیچہٕ شُرٛ کی چھِ یمن منز یہِ موسمہٕ بدلی ہاوِنہٕ چھےٚ آمٕژ :

سونتہٕ یم ژٕیےٚ کُن لاگنے کرن

تِمے سوکھ برن پَپہِ نندے

O

سےٗ ژالہِ نند تیمٚی وٚوو بیولوٗ

ژأرِتھ کڈِ بس ہامہِٕ کأنی

سونتہٕ تیمٚی وٚووتہٕ ہردِ تِمی لوٗنوٗ

لأگتھ جنتس ژاو وانی

O

ہارس نیٚندرِ پٕیم یام پوٚہ گوم

کارس دِوہ آم نہٕ گرٕنز اکھ

ژکھ لاگنہٕ یِم پالنے کرن
پٔتھ ییٚگھ بٔڈ رہکاے

## ۴/ علم تہٕ جزٕ ہس متعلق استعارٕ:

شیخ العالمٕ سٕنٛزِ شاعری پٔرتھ چھُ یہِ باس لگان زِ انسان چھُ تقدیرِ کێن اتھن منٛز لاچار تہٕ انسانہٕ سٕنٛز سارے عمل تہٕ کوشش چھے فضول مگر وارٕ سٔنتھ چھُ یہِ صاف ننان زِ اتھ منٛز چھُنہٕ کُنہِ قسمُک determinism بلکہ چھُ انسان فردا ٔستھ پانہٕ ذِمہٕ دار۔ سُہ چھُ انتخاب کرنہٕ خاطرٕ آزاد دُنیاہس منٛز تہٕ تس چھُ پانے پننہِ عملہٕ ہندہن نتیجن ہُنٛد ذِمہٕ وار تہٕ روزُن:

ژٕوک تہٕ موٚدُر ٹیوٚٹھ تہٕ زہر
خونِ جگر تیٚمی کھیوٚو
تیٚمی یتھ پٔٹھ گوٚنڈ ژبڈ تہٕ کہر
سُہ تتھ شہر گٔژھتھ پیوٚو

اَمہِ قسمکی چھِ وارِیاہ استعارٕ یِمن منٛز خاص گٔرتھ تِم استعارٕ شامل چھِ یِمن منٛز ووٚنکی تہٕ لوٚنکی پیکر ووتلان چھِ۔

## ۵/ ہزلی استعارٕ:

شیخ العالمٕ سٕنٛزِ شاعری منٛز چھُ طنٛزُک عنصر موجود یُس تِمن نوٚو شاعر چھُ بناوان تہٕ یُس تِمُس لل دیدِ ہنٛدِ کھوتہٕ تھوٚد دُرتبہٕ چھُ بخشان۔ تِہنٛزِ شاعری منٛز چھِ وارِیاہ تِم استعارٕ موجود یِمن ہنٛز بنیاد ہزٕل تہٕ مذاق چھُ۔ کینٛژن جاین چھُ یہِ کھٔٹتھ تہٕ کینٛژن جاین نوٚن۔ مثلاً:

کیاہ کرِ دَندٕ رۄسِتے ڈوٗنس

کیاہ کرِ أنِس تیر کمان

کیاہ کرِ سونہٕ سُنٛد وستے ہوٗنس

کیاہ کرِ أنِس شِلہٕ پدمان

○

برونٛٹھ کالہِ آسن تِتھی کیرن

ٹنگ ژوٗنٹھی پیٚن ژیرن ہتی

ماجہِ کورِ اَتھٕ واس گرِتھ نیرن

دوہ دہن برن پردہن ہتی

○

کیٚژن دِتُھ ییٚتہِ کیاہ وتوٚتے

کیٚژن ییٚتہِ نتہٕ توٚتے کیاہ

کیٚژن دِتُھ لالک ترٕوٹے

کیٚژن گاشہِ منٛزٕ گوٚٹے گاہ

○

بیترِ بیترِ

شأعری منٛز تِتھے طنٛزُک عنصر پأدٕ چھُ گژھان یہِ چھےٚ آسان پننہِ وقتچہِ حقیقژ نزدیک آمژ تہٕ یوسہٕ شأعری پننہِ زمانہٕ نشہِ بدوٗن آسہِ، تتھ منٛز کوتاہ تہِ فن أسِتن سو چھنہٕ ڈٕرِتھ ہیکان۔ طنٛز چھُ نَو شأعری ہنٛزٕ اکھ اہم خصوصیت۔

بیٚیہِ تہِ ہیکن کینٛہہ قسم شیٚچہٕ شُرٕ کٔڈِن ہندِ استعارن تہٕ پیکرن ہنٛدی

بُنتھ۔ مثلاً تِم استعارٕ یِمن منز ژٕلہٕ وُن وق چھُ ہاونہٕ آمُت۔ گرتہٕ ناوتہٕ چھِ یِمن استعارن قسم۔ مثلاً سادٕ استعارٕ، مرکب استعار، پھٔہلتھ استعارٕ تہٕ میلتھ استعارٕ بیترِ۔ موخصر شیخ العالمؒ سُند تخیل چھُ واریاہ پاسل تہٕ تأجب چھُ زِ اَز تام چھُنہٕ اتھ کُن کانٛسہِ تہِ توجہ دیُت مُت۔ یِیمِیک نتیجہ دراو زِ شیخ العالمؒ آو تہٕ آو اَکھ بوٚڈ مبلغ بناوِتھ پیش کرنہٕ نتہٕ زٕن تہٕ سُہ اکھ پرٛژھ چھُ۔ سأری چھِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ تحقیقی مسلہٕ تُلِتھ تِمٕی ہنٛزِ شأعری نِشہِ دوٗر گژھان۔ اَسہِ چھُ یِتےٚ وُچھن زِ یوٚت تام اَسہِ برونٛٹھہٕ کنہٕ کلامِ شیخ چھُ اَسہِ چھُ مانُن زِ شیخ العالمؒ چھُ کأشرِ شأعری ہُند اکھ بوٚڈ شأعراوسمُت۔ یِتہِ چھُنہٕ اَسہِ پےٚ ہومر گُس اوس، کالیداس گُس اوس، چاسر گُس اوس، شیکسپیئر گُس اوس۔

●

# شیخ العالمنہِ ؒ شاعری پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمُت تنقید

بشر بشیر

شیخ العالمؒ چھُ کاشرِ زبانۍ ہُند سہ اکھ شاعر، یٔمِس متعلق ماباقؠ تمام کاشرین شاعرن مقابلہٕ وارِیاہ زیادٕ لیکھنہٕ چھُ آمُت یوتاہ اَتھ کتھہِ متعلق تردیدُک خوف چھُنہٕ تیوٗتے چھُ یتہِ پزر زِ یہنزِ شاعری ہنزن فنی خصوصیٔژن تہٕ زاوِیو جارن متعلق چھُ ازتانؠ سیٹھاہ کم لیکھنہٕ آمُت۔ یہِ مضموٗن لیکھنہٕ وقتہٕ دیُت مے ؤنؠ کٲنسہِ حضرت شیخسؒ متعلق لیکھنہٕ آمژن کم از کم ؤہن کتابن ہٕندس منزٕ مے پٔرنؠ ''یمن پدن مے وٕژار گوٚژھے'' تہِ شامل چھے سرسری یا پٮ۪ٹھۍ پٮ۪ٹھۍ پھیُر مگر حق چھُ یہِ زِ کانٛسی نقادن چھُنہٕ یہندِ کلامہٕ کِس خالص فنی پہلووس پٮ۪ٹھ وِژھناوِتھ کہنہِ لیوٗ کھمُت۔ اتھ ہیکن مختلف وجہ آسِتھ۔ گوڈنیکؠ وجہ چھُ یہِ زِ شاعری ہنٛدی حُسن یا قبوٗح پرکھاوِنۍ تہٕ پرزناوِنۍ چھِ وارِیاہس حدس تانۍ شاعرٕ سٕندِس ذاتس تہٕ تٔسندِس کلامس نسبت بے تکلفی ہنٛدی تقاضہٕ کران تہٕ یِژھ ہِش بے تکلفی حضرت شیخ العالمِنِس ذاتس یا کلامس سٟتؠ ورتاونک جُرت چھُنہٕ از تانؠ کانٛسہِ گٔرِتھ ہیوٚکمُت۔ دوٚیم وجہ ہیکہِ یہِ آسِتھ زِ حضرت شیخ چھِ سانۍ تھدِ پایکۍ روحانی پیشوا علمدارِ کشمیر۔ ممکن چھُ یہنٛد کلامہٕ آسہِ فنی سطحس پٮ۪ٹھ کمزور تہٕ یہنزِ پایہِ بجہِ شخصیژ ہندِ اہر آسنہٕ کنۍ آسہِ نہٕ کانٛسی یمن کمزوٚرین متعلق لیکھنس جُرت کوٚرمُت۔ اَتھ سوالس چھُ پٮ۪ٹھۍ جایہِ جواب دِنک ضرورت، سہ یہِ زِ حضرت شیخ چھِ ویٚدِ کاشرِ شاعریہِ ہندِ تواریخ کِس گوڈنکس دورس سٟتؠ تعلق

کی تحریریں ایسی ہیں جوان کے شعری ذہن سے تعرض کرتی ہیں۔نہیں تو جتنا دستیاب تنقیدی مواد ہے وہ یا تو سوانحی ہے یا تاریخی۔ وہ اپنے حدود میں تاریخی تنقید کے ذیل میں آتا ہے''۔

ووں نمو گوڈ عبدالاحد آزاد صائبٕنۍ کتھ۔حامدی صاب کتھ بڑیاۍ ذپٕٹھ چھِ عبدالاحد آزادُن ناو کلامِ شیخ کِہن فنی محاسنن پٮ۪ٹھ لِکھن والین ہندِس فرستس منز شامل کران۔ کشمیری زبان اور شاعری ہندِس دۆیمس جلدس منز چھُ شیخ العالمؒ متعلق تذکرٕ تہٕ یہِ سائلم چھُ تی تہٕ تمے گاچُھک یتھٕ کٕنۍ شیخ العالمنہٕ شاعری متعلق مابا ہٕتی لکھاریو چھُ لیوٗکھمُت۔تنقید وتبصرہ ذیلی عنوانس تحت چھُ عبدالاحد آزاد صرف اٴکی ہیے کتھِ کُن ظوٗن پھِران زِ ریٚش نامن منز چھُ کلامہٕ یتھٕ کٕنۍ درج کرنہٕ آمُت زِ کینٛہہ مناظرہ چھِ منظوم مکالمن منز لِکھنہٕ آمتی۔سُہ چھُ یہِ سوال تُلان زِ آیا حضرت شیخنۍ واٴلدٕ تہٕ تہٕندی خلیفہٕ ساری اٴسیا شاعر، یِمو یہِ کلامہٕ چھُ وۆنمُت۔فاضل ترتیب کار محمد یوسف ٹینگ صابٕن حاشیہ چھُ امہِ پتہٕ یتھٕ کٕنۍ: ''اس مقام پر پہنچ کر یہ اہم بحث اچانک ختم ہوجاتی ہے۔ کیونکہ مسودات میں اس کے آگے کا جو صفحہ درج ہے اُس میں ایک بالکل ہی مختلف موضوع زیر بحث لایا گیا ہے۔ایسا معلوم ہوتا ہے کہ یہاں ہر مسودے کے کچھ کچھ اوراق ضرور تلف ہو گئے ہیں اور یہ نہایت ہی اہم بحث تشنہ تکمیل ہوگئی ہے''۔امہِ پتہٕ ٹینگ صابٕن لیوٗکھمُت اکھ جملہٕ چھُنہٕ واضح یتھ کتابچ کیاہتانٛ غلطی چھےٚ روٗزمٕژ البتہ امہِ پتہٕ چھُ بیاکھ جملہٕ۔''اسی کتاب کے پہلے مطبوعہ حصے میں آزاد نے حضرت شیخ کی شاعری کے کچھ

رموز پر گفتگو کی ہے۔

ووں ییلہِ امہِ کتابہِ ہُند گوڈنیک جلد پرو، اَتہِ چھنہٕ اَسہِ ترٛٹھ کانہہ ذکر وَنہِ یوان یوسہِ کلامہِ شیخ کِہن براہِ راست شاعرانہٕ یا فنی پہلووَن متعلق آسہِ۔ یِم کینہہ جملہٕ چھِ توجہ طلب۔

"وہ شرع محمدیؐ کے خالص مذہبی اصول کو اپنے اشلوکوں میں واعظانہ انداز میں بیان کرتے ہیں۔ اُس وقت انہیں شاعری ساتھ نہیں دیتی یا دیتی ہے تو دماغ سے کام لیتے ہوئے۔ مشاق مبلغ کی طرح۔ برعکس اسکے فراری جذبات ان کے دل سے جام لبریز کی طرح چھلک پڑتے ہیں۔ حاصل کلام یہ ہے کہ ان دو عارفوں کی (للہ دید تہٕ شیخ العالمؒ) ادبیانہ حیثیت نہایت بلند ہے"۔ گویا یَتھ جایہِ تہِ چھُ یِتے اعتراف زِ شیخ العالمنٛز شاعرانہٕ شخصیت چھےٚ نشونکی پأٹھی تہندِس تبلیغی تہٕ وأعظانہٕ وِیس پیٹھ غالب یوان۔ ووں گوو یِتھ کانہہ مثالاہ یا اتھ متعلق چھنہٕ کانہہ واضح بحث اَتھ جلدس منٛز تہٕ نظرِ گژھان۔

شیخ العالمنہِ شأعری متعلق یا وَنو خأص ادبی تنقید کہِ حوالہٕ آے ۱۹۷۸ ءیس منٛز انہار کِس خاص شیخ العالم نمبرس منٛز ترٛےٚ مضمون۔ شیخ العالمہٕ سنٛز شأعرانہٕ حیثیت، شیخ العالمہٕ سُند تخیل تہٕ شیخ العالمہٕ سُند اکھ شُرک یِم ترتیب وار پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر شفیع شوق تہٕ پروفیسر حامدی کاشمیری صأبن لیکھیٚمتی چھِ۔ یِمو منٛزٕ پٔتی مو دہ یوٚ لیکھی پتہٕ بییہٕ تہٕ کینہہ مضمون اَمی حوالہٕ، یِمن منٛز آے ڈألتھ یِمنےٚ مضمونن ہنٛز بنیأدی کتھہٕ درج چھےٚ کرنہٕ آمٕژ۔ اَمہِ ہُریمانہٕ

چھپے یہِ شیراز َکس خاص نُنٛد ریوٚش ؛ شمارس منٛز شفیع شوق تہٕ مشعل سلطانپوری صاینٛز اکے عنوانکی زیٚن بیوٚن مضموٗن ۔ یمن عنوان اوس ''نُنٛد ریوٚش تہٕ تہنٛد فن'' ۔ گوڈ کروٲسی راہی صابنہِ مضموٗنچ کتھ ۔ یتھ مضمونس منٛز گوڈے بیان کرنہٕ آمتیو نو کتو علاوٕ چھِ راہی صاٲب بیٚیس خاص کتھہِ کُن تہٕ سون ظون پھران سو یہِ زِ ''لگاتار ژون پانژن ہتن وٕریٚن زبان زدتہٕ کنہٕ ووت آسنہٕ سببہٕ چھُ حض شیٚخ سنٛدِ کلامُک کاٗفی حصہٕ کاٗشرِ زباٗنی ہنٛدِس عام محاورس منٛز شاٲمل سپُد مُت ۔ یتھہٕ پاٹھی زِ تمہ کہِ حرفچ تہٕ صدچ زندگی تہٕ جازی ییتھ ،تمہ کہِ لبہٕ لہجٕچ دِلکشی تہٕ اثر آفرینی تہٕ تتھ منٛز شرٛ پٔتھ تجربہ کہِ مانوی قوتچ زبان چھےٚ تتھےٚ کُنٛ مشکل بنیمٕژ یتھہٕ کُنٛ کُنہِ زباٗنی منٛزِ یسلہٕ پاٹھی ورتاوس لگی ہتس محاورس منٛز شوٗنگتھ تمیٚک گوڈنیکے تخلیقی قوتھ محسوس کرُن کروٗٹھ آسان چھُ ...... واقعہ چھُ یہِ زِ حض شیٚخ سنٛد بن واریاہن شرٛکمن ہنٛد حال چھُ سوٗرس منٛز شوٗنگتھ تیوٚنگلن ہُنٛد ہیوٚ تام نہٕ تمن پٔٹھ سمیومُت سوٗر دِنہٕ یہِ تہنٛدِ گہک تہٕ وُشنیرک ہیکہِ نہٕ پرٛنہٕ پاٹھی احساس سپدتھ'' ۔ شیٚخ العالم نٕن تجربن ہنٛزِ غاٗر معمولی نوٗعیٚژ ہنٛز کتھ کران چھِ راہی صاٲب خاص پاٹھی تمن شرٛکمن ہنٛز مثالہٕ دِوان یمن ہُنٛد موضوع موت چھُ تہٕ بقولِ راہی حض شیٚخ چھِنہٕ موتس متعلق کینٛہہ ونس ، کینٛہہ بیان کرنس پٔٹھے اکتفا کران ، تتھ متعلق چھِنہٕ بدٕن پاٹھی پٔنن کانٛہہ اکاٲیل تصورتہٕ پیش کران بلکہ موتس پانس کُن یتھہٕ پاٹھی لوتہِ تہٕ سوتہِ قدمہٕ یوان ڈیشان زِ اکھ تھاٗر پاون واجینٛز صورتحال چھےٚ پاٗد گژھان یوسہٕ پرن واٗلس تہٕ کومہِ رٹان چھےٚ'' ۔ اٚسی دِموٚ ییٚتھ اکے مثال ۔

شوگہٕ ژٕلہِ نیٖرتھ پنٕز رٕ مَنٛژھم       لوتہِ لوتہِ تُلنم ہاہا کار
آرِ ول پوشِ زن بدن شٕنٛٹھم       بار خودایا پاپ نوار

شارس مولانکون کران چھِ راہی صاٗب امہِ منٛز وۄتلن واٗلِس بے کس صورتحالس یا موت چہِ کارسازی وضاحت کران بلکہ چھُ تہنٛد توجہ تتھ شبیہ کاٗری کُن ییمیک تعلق سانِٮن محسوساتن ستی چھُ۔ پزٕ رچھُ یہِ زِ حضرت شیخ نہِ کلامہٕ منٛز چھِ راہی صاٗب تتھی ہیٚیہِ تہِ شُرٕ کی ژاران یمن منٛز موجوٗد شبیہ پرن واٗلِس حس آوران چھِ۔

ابہام رِژِ شاعری ہُنٛد اہم گون قرار دِتھ چھِ مضمون نگار یہِ کتھ تہِ ونان زِ حضرت شیخس نِشہِ چھُنہٕ ژھۄرُے گرامرُک ابہام بلکہ احساسُک تہٕ معنی یُک گچھ۔ حضرت شیخ نہِ شاعری ہنٛد بٕن گونن کُن اِشارٕ کران چھِ راہی صاٗب امہِ چَن ہیٚیہِ تہِ کیٚژن خصوصیژن ہنٛز ذکر کران۔ یتھ منٛز یہِ کتھ تہِ شامل چھےٚ زِ تہنٛد بٕن شُرکٕمن منٛز "چھِنہٕ تجربہٕ، خیال یا احساس کُنہِ گنٛڈتھ واٗتتھ، ٹھہرِ تھ شٕنٛٹھتھ حالژ منٛز بلکہ اکہِ متحرک تہٕ وۄپزٕ اوپزٕ اون والہِ وجوٗد چہِ شکلہِ پیش سپدان"۔ تتھے پاٹھی چھےٚ حضرت شیخ نہِ شاعری متعلق اَتھ بنیاٗدی اہمیژ ہنٛدِس مضمونس منٛز شاعرِ سنٛز نوٗزُک تہٕ وۄلسنہٕ آمژ حسبا گہی، تسنٛز لفظہٕ ژٲرٕ تہِ لفظہٕ ترتیبہٕ اسلوٗبس، آوازن ہنٛدِس زیر و بمس، عروٗضہٕ لحاظہٕ خاص طرحس، تتھ خاص توٲریخی دورس منٛز زبان تہِ تہذیبن ہنٛدِس مِلس منٛز مختلف زبانن سنٛگ گرِتھ کاشر زبان باوٕژھار بناونچہ کوششہِ تہِ اَتھ ستی ستی لفظن ہنٛدِس لامحدودتہٕ بے بدل قوت کِس استعمالس کُن اِشارٕ کرنہٕ آمت۔ لل دید تہٕ شیخ العالم نہِ شاعری

ہنٛدِ تقو بل مطالعہٕ کِس ضمیمس منٛزٕ تہٕ چھُ یمن نوکتن بیٚیہٕ ہن واش نیران۔

''شیخ العالم سُنٛد تخیل'' تہٕ ''سُنٛد ریوٚش تہٕ تہنٛدفن'' چھُ شفیع شوق صأبُن دون ناون تحت چھپیومُت کیٚنہہ مضمون۔ شأعری منٛز ابہامچ کتھ تُلتھ چھِ شوق صأب یَتھ کتھِ وضاحت کران زِ شیخ العالمنٛ کینٛہہ شُرٕ کی کتھٕ کُنہ چھِ مختلف سطحن پٹھ یا مختلف پرن والین پٹھ بیوٚن بیوٚن کفیژ تہٕ اثر ہاوان اَتھ سلسلس منٛز چھِ تم:

دمی ڈیوٗ ٹھُم شبنم پوان ڈمی ڈیوٗ ٹھُم پوان سوٗر

دمی ڈیوٗ ٹھُم گٹہٕ پچھ پوان ڈمی ڈیوٗ ٹھُم پھولہٕ وُن نوٗر

شُرٕ کِس منٛز موجود متضاد پیکرن لرِلوٚ رتھاوِتھ بوزن وأ لِس یا پرن وأ لِس پٹھ اثر آفرینی ہنٛز کتھ کران۔ پروفیسر حامدی کاشمیری صأبن تہٕ چھےٚ حض شیخ نہٕ کلامہٕ چن فنی خصوصیژن تہٕ فنکارانہٕ زأ وِ جارن سام ہوان یتھے بیٚیہٕ شُرٕ کچ گُرژن جاین مثال دِژمژ۔ تہنٛدِ وَننہٕ چھِ شیخ العالمنٛ وار یاہ شُرٕ کی تجربہٕ تہٕ ہیٚژ ہنٛدِ تخلیقی ورتاوٕ کی زِندٕ نموٗنہٕ یِمو کِنہ پرن والین ہُنٛد ذہنی فضا چھُ پرزلان۔ یتھی ہوٕ شعر چھِ ''پرن وأ لی سُنٛد ذہن منطق تہٕ حقیقژ ہنٛدِ وُنلہٕ منٛز کڈِتھ شأعرانہٕ فضا کِس گأ شس کُن نوان تہٕ امہِ پتہٕ چھِ تخیٖلکی وِہرٕ واقأتی رنگ رٹان''۔

حامدی صأبُن مضمون ''شیخ العالمہٕ سُنٛد اکھ شُرٕ ک'' چھپیا و ۱۹۷۸ء منٛز انہارٕ کِس شیخ العالم نمبرس منٛز ے۔ بحیثیتِ نقاد صأبنہٕ شخصیژ تہٕ تہنٛد بن تنقیدی تحریرن ہُنٛد ترتیب وار تہٕ سلسلہٕ وار مطالعہ تھاون والین چھُ یہ اندازٕ کرُن سہل زِ یمن بنیأدی شعری قدرن تہٕ مولن کُن تم امہِ شُرٕ کہٕ کِ حوالہٕ کتھ چھِ کران تِمنےٚ ہُنٛد جہار پتہٕ تہنٛدِس اکتشأفی تنقید کِس نظریہس منٛز وَنہٕ

یوان۔ تِم یوٚدوٚے اکہِ انٛدٕ شٕرٕ کِس منٛز موجود مستحکم استعارٲتی نظامٕچ کتھ چھِ کران مگر یِتی چھِ وَنان زِ ''یہ استعارٲتی شبیہ کٲری چھنہٕ میکانکی شارسازی یا زورٕ وٲسی گرنہٕ آمژٕ کُنہِ کوششہِ ہُنٛد پے دِوان۔ شاعر چھُنہٕ زانتھ مانتھ زندگیہِ ہُنٛد کانٛہہ معنہِ مطلب یا تفہیم استعارس یا شبیہ منٛز ویٚپہٕ راوان۔ تِمیٚک چھُنہٕ سوالے پٲدٕ گژھان''۔

'شیخ العالمؒ حیات تہٕ شاعری' ناوٕچہِ کتابہٕ منٛز چھےٚ حامدی صابن خونِ جگر، اشارت تہٕ چشمہ رواں عنوانن تحت شیخ العالمؒ سٕنٛدِ مصرن خون جگر یِمی اہرٕ کھیٚو، سوظون اِشارٕ یِتھن بوزن تہٕ ''موٗلن تل چھےٚ بوٚڈنا گراد'' وسیع ترخاکہ بناوِتھ یِمن حدن منٛز روٗزِتھ تِمن استراحتن رنگ بٕرِتھ نمایاں کوشش کٔرمژ یِم ہض شیخ نہِ فنی پوختگی ہُنٛد ادبی مطالعہٕ تھاون وٲلس شعوٗر چھِ بخشان۔ یِمن سارِنے کتھن ہُنٛد وِحاطہٕ کرُن چھُنہٕ یِمہِ موٗختصر مضمونک بٕتٕر۔

شیخ العالمنہِ شاعری متعلق شوق صابنہِ مضموٗنک بیاکھ نمایاں پہلو چھُ ہض شیخ نبن ورتاونہٕ آمتین اِستعارن ہنٛز گروپ بندی تہٕ تِموٗ یِتی دوٚتلن وابِتین شبیہن تہٕ پیکرن ہنٛز سحر کار کیفیت بدِ کڈٕنی۔ اَتھ گروپ بندی چھےٚ تِمو محبوٗ یِتیس متعلق استعارٕ، ہِہہ تہٕ شکار استعارٕ، موسمہٕ بدلی استعارٕ، عملہِ تہٕ جزٕہس متعلق استعارٕ تہٕ ہزلی استعارٕ ذیلی عنوانن تحت وضاحت کٔرمژ۔ شوق صابُن یہ جملہٕ چھُ بظاہر سطحی اَستھ تہٕ سٔبٹھٕہے توجہ طلب زِ ''سٲری چھِ کانٛہہ نتہٕ اکھ تحقیقی مسلہٕ تُلتھ شیخ العالم سٕنٛز شاعریہ نِشہ دوٗر گژھان'' تہٕ بروٗنٛہہ کُن ''اَسہِ چھُ مانُن زِ شیخ العالم چھُ کاشُرٕ زبٲنی ہُنٛد اکھ عظیم شاعر او سمُت۔ یِتہِ چھُنہٕ اَسہِ خبر زِ ہومر

گُس اوس، شیکسپیئرٚ گُس اوس، چاسر گُس اوس؟''۔

مشعل صأبنہٕ ٚنٛنہِ ریوٚش تہٕ تٔہنٛد فن' ناوِکہِ مضموٗنہٕ کُس تعارفس منٛز چھُ اَسہِ نقادسٚنٛد رٕ وِی یہِ بوٗزِتھ واضح سپدان زِ''یم تجربہٕ یِتھ شکلہِ منٛز تٔہنٛز (شیخ العالمنہٕ'') زیٚو دژاے تِم اُسی شعرتہٕ شُرٚ کرٕتہٕ یِیمہِ ساعتہٕ تِموشُرٚ کۆرٕ نی تِم ژاے پانے شأعری ہٕنٛدِس دُنیاہس منٛز'' یِتھٕ کٕنۍ چھِ مشعل صأب ہٕض شیخ نٕنہٕ موضوہٕن، تِہٕنٛدِس ناصحانہٕ تہٕ مبلغانہٕ کردارس اہمیت دِوان تہٕ تِہٕنٛدِس شأعرانہٕ مزاجس تہٕ تخلیقی صلاحیژن گُن سون ظوٗن پھِران۔ برونٛہہ گُن چھِ تِمو علامت، پیکر، تشبیہہ تہٕ استعارن ہٕنٛدِ حوالہٕ شیخ العالمنہٕ شأعریہ ہٕنٛد بٕن خولہٕ خطن ہنٛز نشاندہی تہٕ وضاحت کرنٕچ کوشش کٔرمٕژ۔ استعارن ہنٛز یوسہٕ گروپ بندی مشعل صأب کران چھِ تمہِ کِس پوٚت منظرس چھُ مستقل مقامی رنگ۔ حق چھُ زِ ہٕض شیخ نٕسِ کلامس ہرگاہ سٕنٛتھ پٔہن مطالعہٕ کرو یہِ کتھ سپدِ واضح زِ تِہٕنٛدِس کلامس منٛز چھِ تِتھی بے شمار استعارٕ یِم آفأقی چھِ۔ وقت گذرنس سٟتی سٟتی چھِ اُسی یِمن استعارن مانوس سپدی مٕتی تہٕ یہِ چھےٚ شیخ العالمنہِ شأعری ہنٛز تِژھ خصوصیت یوسہٕ تِمن ممتاز چھےٚ بناوان زِ تٔہنٛد محاورٕ چھُ سانہِ زبأنۍ سٟتی ہم آہنگ آسنہٕ کِنۍ امیک مُستقل حصہٕ بنیوٚمُت۔

اُسی واتناوٚ یہِ مضمون یِیہٕ تِتھی کتھہِ پٹھ اند زِ شیخ العالم چھِ سأنۍ پایہٕ بٔڈ شأعر۔ تٔہنٛز بسیار پاسل شخصیژ چھےٚ تیژٕ جہژ زِ محض شأعری ہنٛزٕ جہژ گُن چھُنہٕ سون توجہ گژھان۔ تہٕ اَستھ تہٕ چھُنہٕ تٔہنٛز تہدار شخصیژ ہُنٛد یہِ پہلو ژھایہِ یاوٕنۍ راونے۔ وون گوو سوٚ درس ڈُنگ دی دی تہٕ لالہٕ انبر کھأتھ تہٕ نہ سورَن سوٚ درس لال تہٕ نہ گژھ ڈُنگس زانہہ یہِ احساس زِمےٚ کیاہ لوٚب سورٕ کینٛہہ۔

# اتھ ظُلماتس لعل کیا چھِ تےَ

**شاد رمضان**

شمع زاجوم ہٹہِ کے رَتے سُہ گاہ ظُلماتہٕ پیوم
اَتھ ظُلماتس لعل کیا چھِ تےَ سُہ کس پتے گوم

وہاب کھارنہٕ مذکوٗرٕ شعرٕک فکری پوٚت منظر، شعرٕچ لسأنی صوٗرتھ تہٕ لسأنی صوٗرژٕ ڈٕسی شعرس منٛز پھاپھلن وول تجربہٕ چھُ شأعرسٕنٛزٕ تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی جوٗہرٕک نوٗن نیب۔ دوٚیمہِ لفظن منٛز وَنوٚ زِ حیاتس کایناتس متعلق اسرأری تصور تھاون وأ لس أمس بیدار مغز شأعرس چھُ کأشر صوٗفی شأعری ہنٛدِس فکری، لسأنی تہٕ ثقافتی پوٚت منظرس تام تہِ واتنیارتہٕ اتھ فکری، لسأنی تہٕ ثقافتی پوٚت منظرس تحت پھاپھلن والیٚن آ کارن، انہارن تہٕ اسرارن رموٗزن تجربہٕ بنأوِتھ شأعرانہٕ اظہار دِنٕک تخلیقی بُتر تہِ اوسمُت۔ ہٹہِ کہِ رَتہٕ شمع زألِتھ ظلمات پٕژ زلاوٕن تہٕ ظلماتس منٛز نَپہٕ کروٕنی لعل وُچھنُک عمل چھُ صوٗفی شأعری ہنٛدِس فکری پوٚت منظرس تحت شأعرسُنٛد اکھ روحأنی تجربہٕ یا وَنوشأعرسٕنٛدِس تخلیقی وجوٗدس منٛز پھاپھلیوٚمُت اکھ محسوس خیال نَتہٕ وَنوس لسأنی صوٗرژٕ ڈٕسی پھاپھلن وول شعرٕ تجربہٕ۔ اَمہِ قسمُک یا تِتھُے ہیوٗ تجربہٕ ہیٚکہِ کأنسہِ حسبہٕ بیدار شخصس تہِ أستھ یا کأنسہِ اسرار پسندس تہِ سپدِتھ۔ اما پوز تِم ہیٚکن نہٕ پننس تجربس تہٕ تجربس منٛز ووپدیمٕتس صورتحالس شأعرسٕنٛدی پأٹھی لفظہٕ باوتھ دِتھ تہٕ نہ سپدن اَمہِ

باپتھ بے قرار۔ گویا شاعرس منز چھے تجربہٕ علاوٕ تجربہٕ باوٕنک وٕتش تہٕ تجربس لسانی صورتھ دِنچ صلاحیت موجوٗد آسان۔ یہ لسانی صلاحیت ہیکہِ اکس عالمس تہٕ اکس معلوماتی ادب لیکھن والس تہٕ آستھ، اماپوز تیہنز سو لسانی زان چھنہٕ تخلیقی آسان بلکہ معلوماتی یعنے شاعر چھُ پنُن تجربہٕ یا خیال یتھہٕ پاٹھی باوان زِ سہ تجربہٕ یا خیال چھُ ورتاونہٕ آمتین لفظن منز زِندٕ زوصورتھ پراوان تہٕ تجربچ سو زِندٕ زو لسانی صورتھ چھے پرن والس نفسیاتی تہٕ احساساتی طور آوراوان۔ شاعرسنز اتھی لسانی صورژ یا لسانی صورژ دِسی پھاپھلیمتس تجربس چھِ شعرونان۔ حالانکہ لسانی صورتھ یا لفظہٕ ورتاو چھُ کُنہِ معلوماتی تحریرس منز تہِ آسان۔ اماپوز معلوماتی تحریرس منز باونہٕ آمت سوچ یا معلومات ہیکن پرن والی ہنٛدِ باپتھ صحیح تہِ آستھ تہٕ غلط تہِ۔ پرن والس چھُ پانس تام زِ سہٕ کرِ یا سہٕ سوچ یا تم معلومات قبول کِنہٕ نہ۔ اتھ برعکس یُس خیال یا تجربہٕ شعرس منز باونہٕ آمت آسہِ، پرن والی ہنٛدِ دِسی سہٕ خیال یا تجربہٕ صحیح یا غلط قرار دِنک یا قبول کرنک یا نہ کرنک چھُنہٕ سوالے ووتھان تِکیازِ پرن وول چھُ اتھ باوژمنز پنُن کلھم وجوٗد ہیتھ آورنہٕ یوان۔ یاوٕنوٕ یتھہٕ کنٛہ زِ پرن وول چھُ شاعر ہنٛدِ شعرِ تجربہٕ منزٕ ی گذران تہٕ اتھ صورتحالس دوران چھنہٕ تس مذکوٗرٕ تجربہٕ پوٗز یا اپٕز آسنگ خیالے ووتھان یا اورٕ کُن چھنہٕ تس ظوٗنے گرٛھان۔ یتھے کنٛہ یتھہٕ کنٛہ وہاب کھارنس ہٕٹہِ کہٕ رتہٕ شمع زالتھ ظلماتہٕ لعل پرٛزناون والس تجربس منز پرن وول نفسیاتی طور یتھہٕ کنٛہ آورنہٕ یوان چھُ زِ تس چھنہٕ مذکوٗرٕ تجربہٕ پوٗز یا اپٕز آسنگ احساسے گرٛھان تہٕ نہ چھُس اورٕ کُن ظوٗنے گرٛھان زِ اتھ چھا سائنسی

پزرس ستی کانہہ واٹھ کِنہ نہٕ۔ دراصل چھُنہٕ شعر کانہہ سائنسی بیان یُس سرکھٕ کرُن پیٚیہِ یا یمہِ کِس صحیح یا غلط آسنس متعلق کانہہ فأصلہٕ دِنہٕ ہیکہِ یتھ، بلکہ چھُ شعر اکھ محسوس خیال تہٕ یو ہے محسوس خیال چھُ پرن وول وُچھان تہٕ ژینان تہٕ ژینتھ اَتھ منز جذبأتی تہٕ نفسیأتی طور ہنہٕ یوان۔ ہرگاہ اَسہِ کانہہ شخص وَنہِ زِ أکس بے سوکھ تہٕ بے کس زنانہِ ہُند حال بوٗزِتھ چھےٚ زوٗن تس خبرِ وَسان تہٕ تہٕندبن غمن دوکھن منز شریک سپدان، اَسہِ باسہِ یہِ اکھ بے معنہِ چأرِ کتھ۔ اما پوز یٚیلہِ سون لُکہٕ شأعر یہَے کتھ ونان چھُ، أسی چھِ جذبأتی تہٕ احساسأتی طور یہِ رشتہٕ قبول کران کران تخلیقی آنند پراوان۔

زوٗن گھرٕ مَے لوٗ پیٚے مے ببرے
وَسہِ زوٗنی بے کستن خبرے

مذکوٗرٕ لُکہٕ شعر پرن وألس گژھِ نہٕ اوٚگن ظونٕے زِ زوٗن چھےٚ یمہِ زمینہِ ہیوٚر کروڑٕ واد میل دور اکھ سیارٕ تہٕ بے کس فری یأدی زنان چھےٚ یتھ زمینہِ پیٹھ روزن واجینٕی اکھ زِندٕ زُ مخلوق تہٕ یمن دون کُس رِشتہٕ ہیکہِ أستھ۔ جذباتن ہٕندِس احسأسی دُنیاہس منز وأتتھ گژھِ نہٕ تسُند ذہن امہِ کِس فطری یا سائنسی پزرس کُن۔ نتہٕ کیاوٕنی زِ یتھ لُکہٕ اظہارس:

زوٗن موج زوٗنی ہانکل تژ او
بہٕ چھس چأنی وانکل کوٗرٕ

گو پرن وول قأری تہٕ چھُ شعر پرنہٕ وِزسوے کیفیت ژینان یوسہ احسأسی کیفیت خود شأعرن محسوس کٔرمژ آسہِ۔ وول گو یہِ چھُنہٕ ضروری زِ

قأری تہٕ کرِ شعرس سۭے تأویل یُس خو دِ شاعرٕ سٕندِس ذہنس منٛز آسہِ یا آسہے تہٕ یتہٕ چھُنہٕ ضروری زِ کُنہٕ تخلیقی فن پارس کٔیا کرن اکی زمانٕکی زیادٕ وِ یو کھوتہٕ زیادٕ پرِن وٲلی اکوے تأویل۔ شعرس شرح کرنہٕ وِزِ شعرس منٛز باونہٕ آمتس یا پھٲلیمتِس تجربس نگہٕ واتنٛچ بنیأدی وسیلہٕ چھےٚ شعرٕچ لسأنی صورتھ تہٕ یہے لسأنی صورتھ یا لفظہٕ باوتھ ہیکہِ اُکس شعرس مختلف شرح کرن والین درمیان ہم آہنگی پأدٕ کرِتھ۔ اَتھ خیالس پٮٚٹھ بحث کران چھُ پروفیسر رحمٰن راہی لیکھان:

"بازرترٕ اُوتھ چھُ ادیب تہٕ پننہِ ادب پارُک تِتھے اکھ قأری بنان یُتھ لتس ورأے بیٚیہٕ کانٛہہ نفر ہیکہِ اُستھ۔ ادب پارٕ کس معنی لیس یاوَ نو تمہِ چہٕ باوٕژ نسبت چھُ نہ ادیبس تہٕ نہ تٔسندِس اُکس یا بیٚیس پرن وألس کانٛہہ امتیأزی یختیار حاصل روزان۔ شعرٕچ لسأنی صورتھ لیس یوٚت واتناوِ تہٕ توٚت۔ پرٕتھ کانٛہہ ہیکہِ ادب پارٕچ لسأنی صورتھ نظرٕ تل تھأوِتھ پننِس واتنیارس دفاع کٔرِتھ۔ حتمی فأصلہٕ نہ چھُ پانہٕ ادیب روزان تہٕ نہ تٔسند کانٛہہ خاص پرن وول بلکہ چھُ حتمی فأصلی بجایہِ خو دادب پارٕے بنان"۔

(شارشنأسی، صفہٕ: ۲۰)

عام عقیدٕ مطأبق چھےٚ صوٗفی شأعری گدرن حال یتہِ زبأنی ہندِ کھوتہٕ تجربس اہمیت چھےٚ، اما پوز اَتھ صورتس منٛز تہِ چھےٚ امہِ قسمہٕ کِس تجربس باوتھ دِنٛگ

واحد وسیلہٕ یِہَے زبان۔ نی تون وہاب کھارُن یو ہے تجربہٕ یَتھ شاعر مختلف تشبیہوتہٕ استعارَو ذٕریعہ تتھٕ کٔنی بیان کران چھُ زِ دِلکش منظر ووتلتھ چھُ اکھ ڈرامأیی صورتحال دیدمان سپدان۔

شمع زاجوم ہٕٹہِ کے رَتے ۔ سُہ گاہ ظُلماتہٕ پیوم
اَتھ ظُلماتس لعل کیا چھِ تے ۔ سُہ کس پتے گوم

O

ہرگاہ شاعرانہٕ زاوی جارن سنن وول کانٛہہ شعرشناس وَنہِ زِ 'شمع' بدلہٕ روزِ ہے 'ژونگ' لفظ ورتاوُن مناسب، تِکیازِ ژانگس ہکو تِلہٕ بدلہٕ رَتھ زالتھ مگر تمہِ باوجوٗد چھےٚ شعرس منز اکھ دِلکش شبیہ ووتلان۔ شعرس منز ووتلن وول کردار چھُ ہٕٹہِ کہِ رَتہٕ شمع زالتھ ظلماتس منز اَژان تہٕ شمعک پرتو چھُ ظلمات کس انہِ گٹس پرزلان تہٕ اَتھ منز موجوٗد ژھیپتھ لعل چھِ اَمہِ پرتوٕ نِپہ کران تہٕ ظلماتس منز ژامُت نفر چھُ یہِ نِپہٕ ناوبرٛوُچھتھ حارتہٕ ہوٚت ونان:

اَتھ ظلماتس لعل کیا چھِ تے

اسرأری باوتھ کاروَنہِ اَتھ صوفی سُند اکھ روحأنی تجربہٕ یٚیتہٕ سالِک پنٛنی گاشہِ پنُن انہِ گوٚٹ گاشراوان چھُ۔ بدل پأٹھی وَنو 'اثبات' کہِ گاشہِ 'نفی'، 'پرزلاوُن' یا 'الااللہ' کہِ ژانگہِ 'لا' گاشراوُن تہٕ اَمہِ گاشہِ کائنات کِس سرساوِرس منز خدأیی نوٗر ڈیٚنشُن۔ یہِ معنہِ مفہوم یا شعرس منز ووتلن وول صورتحال چھُ اَمی لسأنی صورٕژٕ سی بروٚنٛہہ کُن یوان۔ یِژھِ ہِشہِ شبیہ چھےٚ کُنہ کُنہِ لل دیٚدِ ہٕندی یِتھی تجربہٕ یاد پاوان:

دما دم کوٗرمس دمن ہالے
پرٛ زلیوم دیٖپ تہٕ ننے یَم ذاتھ
أندریٖمٕ پرٛ کاش نبر ژھوٗٹُم
گٹہِ روٗٹُم تہٕ گرمس تھپھ

یتھَے کنۍ ووٗچھتون دریاوس (سوٗ درس) سٍتۍ تعلق تھاون واجیٚنۍ یہ شبیہہ ییٚتہِ شاعرٕ سنٛز تخلیقی آگہی تہٕ شاعرانہٕ ہونرمندی ہُنٛد تخلیقی ووپذاوأکس تِتھس تجربس زوٗ اَنان چھُ زِ شعرس منٛز چھُ زِندٕ زوٗڈرمائی صورتحال ووتلان۔

ئدرس منز باگ سأری سمہٕ نے   قوٗدرتھ چھےٚ بے شمار
دریاوِ وحدت کوتاہ چمہٕ نے   کمہٕ نے سٍتۍ گوم یار

○

کھوغرق دریاوٕ گرتھس بے   مےٚ دامہٕ دریاو چوم
دٕرۍ یاو عشقُن ماران گتے   سُہ کس پیٚتے گوم

وہاب کھارنِن امہِ قبیلہٕ کِنٛ شعرن ہُنٛد شرح تہٕ تنقیدی مطالعہٕ کرن وألس کأنسہِ تہِ شعرشناس نقادس ہیکہِ نہٕ شاید وہاب کھارس متعلق امین کأمل صابنس یتھ جملس سٍتۍ اتفاق أستھ۔

''أمِس چھُ ورٛنس پیٹھ کمے عبوٗراوسمٕت۔ اوٚکنۍ چھِ أمۍ سٕندی اکثر بأتھ قأفیہِ بند نثر''۔   صوفی شاعر، جلد:۲

دراصل چھُ کلم کأثر صوفی شاعری پرنہٕ یا اَچھ مولانکون کرنہٕ وِزِ بیشتر جاین گوڈنیکے سوال یہ ووتھان زِ آیا شاعرن کیا آسِہے پانہٕ وٗنمٕت تہٕ چھاپ

کیا چھُ سپُد مُت ۔ اَزِ کَس قاری لیس چھُ پرٛھن جاین شعرُک متن پران
پران امہِ قسمہٕ کہن سوالن ہٕنٛزِ پانے جواب ژھانڈُن پیوان ۔ وہاب کھارنہٕ
شاعری ہُنٛد چھاپ سپُد مُت متن پران پران چھُ عام پرن واٲلس شاعرٕ
سنٛدِس لسانی بوز شوزس تہٕ تخلیقی معیارس متعلق شک گنان ۔ اما پوز پتہٕ ییلہٕ
شعرُک اصل متن تہٕ لفظن ہنٛز اصل صورتھ دٔریاف سپدان چھےٚ ، شعر چھُ معنہٕ
مفہومہٕ رٔنگی تہٕ تہٕ تخلیقی معیارٕ رٔنگی تہٕ فرشہِ پیٹھہٕ عرشس واتان ۔ اتھ پوٚت
منظرس منٛز چھُ یہِ زانُن اہم بلکہ لازمی زِ شعر پرن وول قاری یا شعرس شرح
کرن وول شارح گژھہِ شعرُک نبض شناس آسُن ، یَس علم تہٕ آسہٕ تہٕ مشاہدٕ
تہٕ ۔ تس گژھہِ تژھے ہش لسانی زان آسٕنۍ یژھ بذاتِ خود شاعرس آسان
چھےٚ ۔ بلکہ گژھہِ تس شعرٕ کس فکری، ثقافتی تہٕ ادبی پوٚت منظرس تام واتنیار
آسُن ۔ مثلاً روسُل میر چھُ پنٕنِس شعرس منٛز 'خونِ سیاوش' تہٕ غالب 'کاغذی
پیرہن' ورتاوان ۔

کیا مأنز چھے زیبا  ہَے ہے کوٚرتھ برپا
صد خونِ سیاوش  جانانہٕ مسأ روش

نقش فریادی ہے کس کی شوخیٔ تحریر کا
کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا

وونۍ تیٚمِس قاری لیس یا نقادس یمن مذکورٕ اظہارن ہُنٛد تواریخی کیٖو فکری
پوٚت منظر معلوٗم آسہِ نہٕ ، تس کتھہٕ ہیکہٕ شعرٕ کس معنہِ مفہومس یا تجربس تام
واتنیار آستھ ۔ گویا قاری یا نقاد گژھہِ شعرٕ تجربہٕ کس تواریخی ، فکری کیٖو لسانی

پوٚت منظرس وأقف آسن ۔ تِکیازِ لفظس چھُ پنُن لغوی تہٕ تخلیقی معنہٕ آسان، پنُن فکری تہٕ ثقافتی پوٚت منظر آسان تہٕ اَمہِ علاوٕ پنُن مخصوص احساسأتی تہٕ جمالیأتی حِس بیدار کرنک قوت آسان ۔ اَوٕ کِنۍ چھُ لفظے شعرس اندر اَژنک درواز بلکہ دروازس قلف مُژراونچ کوٚنز ۔ مثلاً وہاب کھار ہرگاہ

شمع زولُم ہٹہِ کے رَتے

بدلہٕ وَنہِ ہے یہَے کتھ تہٕ تھٕ کِنۍ:

تِلہٕ کِنہِ زولُم ژأنِکس رَتھ

دوشونی اظہارن بظاہر کُنۍ معنہِ مفہوم تہٕ اکوے تجربہٕ آسنہٕ باوجود چھُ 'شمع' تہٕ 'ژونگ' لفظ بیوٚن بیوٚن احساسأتی تہٕ جمالیأتی کیفیت ووتلاوان تہٕ تجربس تہٕ چھُ یہِ ڈٕلِ زِتہِ پھیرِ پھٕوان تہٕ معنوی انہار بدلان ۔

کأشر صوٗفی شاعری مولونہٕ وِزِ چھُ لأزمن یہِ ظون تہِ تھاوُن زِ سأنۍ صوفی شأعر آسی نہٕ أزی کِہِن شأعرن ہندی پأٹھی پنُن کلامہٕ چھاپ کرنک امکان نظرِ تل تھاوِتھ شعر ونان بلکہ اوس تِمن یہِ خیال روزان زِ شعر گژھِ سازس سرٕ دِس پٔٹھ یا نٔٹس تہٕ سارنگہِ کھسُن ۔ یتھ ژٕکس تل کأشر ربوأیتی میٖژٕ نظام کارفرما اوس ۔ اَمہِ کِنۍ چھُ اَمہِ قسمہٕ چہِ شأعری پٔٹھ مقأمی میٖژٕ نظام ورتاوُن جأیز ۔ ووٚنۍ یِم لوٗکھ پرٛانہِ کأشرِ شأعری منٛز تہِ عربی فارسی عروضی نظام ژھانڈنٕکی دعوادار چھِ، تِمن پزِ یہِ زانُن زِ کِہنۍ کأشر شعرٕ ژاتھ مثالے واکھ، شُرُک یا وَژُن چھُنہٕ مذکوٗرٕ عربی فارسی عروٗضہٕ حسابہٕ گنڈنہٕ آمُت ۔ بلکہ چھُ یِمن سارِنے صِنفن منٛز کأشُر میٖژٕ نظام کارفرما ۔ یٖتہِن چھے ضمنن یہِ کتھ وَنٕنۍ تہٕ مناسب زِ سأنۍ

کینٛہہ جذبأتی عروضی دعوادار چھِ نۆس تہٕ جدید کأشرِس غزلس تہٕ فارسی عربی کِس شٕٹھہٕ عروضی نظامس تحت تولان۔ یہِ گوو گُنہِ حدس تام ٹھیکے اما پوز تمن پزِ یہِ حقیقت تہِ نظرِ تل تھاوٕنی زِ فارسی وأنی تہِ روٗدی نہٕ شٕٹھہٕ گی ہٕندِس حدس تام پہہ أنی ہٕتس عربی عروضس تأبیاتہٕ پننہِ زبأنی ہُند مزاز تہٕ آہنگ مدِ نظر تھأوِتھ کرِ تمو پننہِ عروضی نظام چہِ وَتہٕ ہموار۔ کأشرِ زبأنی تہِ چھُ پنُن مخصوص مزاز تہٕ آہنگ۔ آوازن ہُند پنُن منفرد ڈٕھو چرٕ زیچھر تہٕ تُلہٕ تزٕ او ییمیک اثر سانہِ شأعری ہٕندِس لہجس تہٕ آہنگس پیٹھ پیوٚن لأزِمی چھُ۔ پروفیسر رحمٰن راہی چھُ اَتھ موضوعس پیٹھ بحث کران پننہِ ''کأشرِ شأعری تہٕ وزنٕک صورتحال'' ناوٕ چہِ کتابہِ منٛز لیکھان:

> ''شأعری اَسی تن کأنہہ تہِ سو گژھِ تمی وزنیا تہٕ یا میٛژ نظامہٕ مطأبق مینہٕ تولنہٕ ییٛنہٕ ییمہِ مطأبق سو گنڈنہٕ آمٕژ آسہِ۔ سانِہن کأشرِ بن عروضہٕ عاشقن چھُنہٕ ژیتیسے روزان زِ عربی عروض نہ چھُ کأشرِ زبأنی ہُند مزاز نظرِ تل تھأوِتھ تھُرنہٕ آمُت، نہ وزنس متعلق کأشرِ بن ہٕندی عادتی رٕویہِ زأنِتھ تہٕ نہ کأشر شأعری وُچھِتھ''۔

وونی ہے وہاب کھارُن شأعرانہٕ وجوٗد وو پر عروضی نظام چہِ چھیپہِ دِموتہٕ کیازِ۔ تہِ گُرِتھ تہِ چھُنہٕ کأنہہ عروضی نظام شأعری ہٕنزٕ وأحد پزٕ زنتھ یا موٗلہٕ مدعا بلکہ چھُ شعرس منٛز باوٕژدٕسی بھانپھلن وول تجربہٕ اہم۔ دوٚیم یہِ زِ کأشرِ صوفی شأعری خصوصاً وژن چالہِ نغمأتی شأعری چھے ژکہ گیوٚن شأعری نہ

زِ پرٛنٛچ شاعری بلکہ چھےٚ کاشرِ بوٗ صوفی شاعرو عام پاٹھی کاشرِ میٖشٕ نظامہٕ مطابق تمے بحرٕ ورتاوِمژٕ یم گبوٗنہٕ وزِ سہل تہٕ نغماتی آسن۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ وہاب کھارنِس کلامس منٛز آسہٕ خالے تژھ کانٛہہ بحر یا ردیف قافیہٕ لحاظہٕ تژھ زمین یتھ سنگلاخ یا مشکل پسند وٕنو۔

| | |
|---|---|
| کامہٕ دِہٕ ہا میانہٕ یارو | پامہٕ چانہٕ برسر برسر |
| نامن کرے شوٗمارو | کس وَنہٕ سوٗندر سوٗندر |

وہاب کھارنہٕ شاعری منٛز ورتاونہٕ آمٕتی اصطلاح، استعارٕ تہٕ علامژ چھےٚ کلہم کاشرِ شاعری ہُنٛد مشترک میراث۔ ووں گوو یسلہٕ پاٹھی نَے تہٕ رٕکتہٕ پھِرِ چھُ یمن اصطلاحن، استعارن تہٕ علامژن ہُنٛد ورتاو مختلف شاعرن نِشہٕ الگ الگ معنہٕ مفہومن کُن اِشارٕ کران۔ وہاب کھارس چھےٚ یہَے خصوصیت پننہٕ قبیلہٕ کِہن شاعرن منٛز امتیاز بخشان۔ اُہنٛزِ شاعری منٛز ورتاونہٕ آمٕتی ظلمات، شمع، دریاو، سوٚدُر، زُلف، ینٛدر تہٕ تخلاص ہوی مُشترکہٕ اصطلاح تہٕ استعارٕ چھےٚ پننہٕ معنہٕ مفہومہٕ کنہٕ، ورتاوٕ کنہٕ تہٕ رُوِیہٕ اظہارٕ کنہٕ امہٕ قبیلہٕ چہِ کاشرِ شاعری منٛز ورتاونہٕ آمتین اصطلاحن تہٕ استعارن نِشہٕ موکلے مختلف تہٕ بدوٗن۔

| | |
|---|---|
| عالم چھُ وُلمت زُلفِ خمہٕ نے | آدم چھُ بے تخیار |
| نابوٗد نِشہٕ بوٗد کوٚر بےٚ غمہٕ نے | کمہٕ نے ہتی گوم یار |
| سدرس منٛز باگ ساری سمہٕ نے | قودرتھ چھےٚ بے شمار |
| دریاوِ وحدت کوتاہ چمہٕ نے | کمہٕ نے ہتی گوم یار |

اُمس قدآور کاشرِس گونماتھ ہنٛد بن یمن اعلیٰ شعرِ مصرن ہنٛز لسانی

صورتھ، معنوی تہہ داری تہٕ تخلیقی معیار ژھینتھ کس شعر شناسس ژلہِ نہٕ واہ نیر تھ، یم بقولِ محمد یوسف ٹینگ ''گولرِس منز وولر وپر اونگ'' طاقت تھوان چھِ۔

سورُے عالم لوٗ ِمیون کھوس

○

مے داماہ دریاو چوم

○

نم چھِن رٕنگہٕ متی آدمی رَتے

○

عالم چھُ ووٗلمت زُلفِ خمہٕ نے

دپان بعضے چھِنہٕ زبان یا لفظ خیالس یا تجربس مکمل یا ہوٗبہوٗ اظہار دِتھ ہیکان۔ یہِ صورتحال چھُ بعضے شاعرس ہنا زیادٕے پھِن دادوس لاگان۔ اوٚے کنہٕ پیوٚ وشاید شمس فقیرس وَنُن:

سُہ ہِر موجوٗد روٗدُم چھِنا تتھ جامہٕ نالی

پتھٕ ییلہِ abstract کتھن باوتھ دِنی آسہ تیلہِ چھُ معاملہٕ زیادٕے پیچیدٕ بنان تہٕ شاعرسُند اظہار کیاہ ہیکہِ ییمہِ نبر تہٕ ہیوٚ رأستھ:

گُمانہٕ کینہہ نَے اوسُم مےٚ تَے گُمانہٕ کیاہ سنہٕ گوم

گُمانہٕ روٚستے کیا کرِ کتھے سُہ کس پتےٚ گوم

گوواسرأری تجربس دوران چھِ کتھی ژہٕر تہٕ یوان ییلہِ تجربس منز ینہٕ وألی چیز دنیأوی چیزن ہندی پأٹھی بیان چھِنہٕ سپدِتھ ہیکان۔ شاید چھےٚ اظہارٕچ یہے مجبوری صوفی شاعرس لولہٕ شاعر ہندی پأٹھی کتھن باوتھ دیاوناوان۔ یہِ

خصوصیت چھےٚ کأشرٕ بن صوفی شأعرن مشترک تہٕ یژھن جاین چھُ کأشرٕ صوفی شأعری ہُنٛد اکھ قأبلِ توجہ حصہٕ مجأزی لولہٕ شأعری نِشہٕ بالکل بیوٚن کڈُن مشکل بنان۔

عطرے گولابہٕ سٟتۍ وارِناوی زٕ بن تن　　　شاہِ یوسف اَنتن
تیٚلہِ ژٕلہِ لولہٕ تب ییٚلہِ رٕلہِ تنِ تن　　　تلے ویٚسی یار اَنتن

وہاب کھارنِس اَمہِ قبیلہٕ کِنۍ بأتن منٛز چھےٚ سوے زٕنۍ زَنتہٕ روٗپ بدلأوِتھ یوان یوسہٕ رحمان ڈارنہِ 'شش رنگ' نظمہِ منٛز برجستہٕ اظہار پژاوان چھےٚ۔ یہِ زٕنۍ چھےٚ دراصل استعارٕ تٔمِس ژھبنہٕ گأمتِس مخلوٗق سُنٛد یُس پنٕنِس آگرس سٟتۍ واپس رَلنہٕ باپتھ کریشان چھُ۔ یہِ مجأزی رنگہٕ صوٗفیانہٕ شأعری چھےٚ نہٕ صرف بأطنی تجربن زبو اَنان بلکہ خأرجی دُنیاہ کِنۍ منظرن ہُنٛد حُسن تہٕ سرِ ساوبر ژٕنیتھ بعضے تِتھےٚ کُنٕ شادمأنی ہُنٛد اظہار یِتھہٕ پأٹھۍ اکھ فطرت پسند رومأنی شأعر کران چھُ۔

بالہٕ یارٕ مالہٕ پھولنے یِژ ہے
آفتابہٕ زوٗنہِ درشن دِژِ ہے

○

آفتاب کھژاو زوٗنہِ ہٕنزِ مایے　　　زوٗن پیٹھ سنگرن ژھایے لو
ژھل گووگژٕس تہٕ پھل دژاو وایے　　　چھےٚ عشق بے پروایے لو

○

چھےٚ ہرنن سورمے أچھی　　　زوٗنہِ پچھی سأرِ ڈل جان
سونتہٕ رےتے زیٹھنہِ پچھی　　　زوٗنہِ پچھی سأرِ ڈل جان

اَتھ استعارٕی یا تشبیہی باوُژ چھےٚ یہِ خصوصیت تہٕ زِ اَمہٕ ستی چھِ کٔشیرِ ہٕنٛدی مختلف قو درتی منظرتہٕ چیز ذٔہنس منٛز وٕتلان۔ییمہٕ ستی یہ کتھ عیان سپدان چھےٚ زِ وہاب کھاراوس کأشرِس اَندٕ پکھس منٛز اکہِ زِندٕ وجوٗدُک پأٹھی زندگی گذاران۔اَمہِ قسمکی شعر پران پران چھِ کٔشیرِ ہُنٛد عقیدتی تہٕ ثقافتی پوٚت منظر نظرن تل یوان زِ کأشرِ کیتھہٕ پأٹھی اَسی سونتھ چھاون، ڈل سألس گژھان، جاناوارن ہُنٛد بولبوش بوزان تہٕ یِی کران کران وٕ لسنس یتھ پننِس وجوٗدس وٕون دِوان حضرت بل کِس نوٗرس منٛز آفأقی کیٛو الٰہی نوٗر پرٛزناوان۔

ڈلس بولان جانہٕ وار بولبوشس معنہِ ژار
حضرت بل چھے دیدار عاشق وٕ ہٕلی ناون تہٕ لو

وہاب کھارنہِ اَمہِ قبیلہِ چہِ شأعری ہنٛز اہم خصوصیت چھےٚ تَسُند وٕ لسنس اَنن وول لہجہِ تہٕ بیان۔ باسہ سُہ ہجرُک نار یُتھ شولہٕ وَرسپد یا وصلُک زلف یُتھ ولنہٕ یِیہِ۔ اَتھ شأعری منٛز چھُ جوش تہٕ جذبہٕ تِتھے یُتھ اَکس حقیقی مجنون صفت عاشقس آسہِ۔ غم آسبس تہٕ پرٛنہٕ پأٹھی چھُ غم محسوس سپدان۔ شادمأنی سپد بس تہٕ لہجہِ کیٛو بیان چھُ شادمأنی ہُنٛد پیکر بنان۔ اَمہِ اعتبارٕ تہٕ چھُ وہاب کھار اَکھ اہم تہٕ پرٛن لایق شأعر تہٕ اَمی سٕنٛزِ محفلہِ منٛز بہن وول چھُ باقٕی کتھو علاوٕ کأشرِ زبأنی ہنٛد بن مختلف انہارن اَنزی منٛزی گژھان تہٕ تِس چھُ پانس منٛز کأشرِ ثقافژ ہُنٛد ناگ وُزان۔ یِہَے خصوصیت چھےٚ اَہنٛزِ شأعری لگہٕ شأعری نکھہٕ اَنان تہٕ اَہندِس اَمہِ قبیلہِ کِس کلامس سپٔز عوأمی سطحس پٮ۪ٹھ تیٛز قبولیت حاصل زِ وُہی مہِ صدی ہُنٛد نوٚ ومزاژ تھاون وول شأعر مہجور تام چھُ اَمہِ نِشہِ

استفادٕ کران۔

پھوٚلہم پٔتۍ مے پیارے دِل گوم تارِو ولو

وہاب کھار

پھوٚلہم ژٕ پٔتۍ مہٕ پیارِ کتھ رنگہٕ وارِ گولابو

مہجور

وٮ۪سی دردٕ باغس بہارٕ وُچھنے بہارٕ تہٕ دژاس بالہٕ یار

وہاب کھار

وٮ۪سی وَنتہٕ دردٕ باغس آمٕت بہار آسیا

لولک بہار وُچھنے دژ امُت سُہ یار آسیا

مہجور

مہجورنس اَتھ اِستفادس کُن چھُ محمد یوسف ٹینگ پننِس مخصوص

لہجس منز گوڈَے پرن والین ہُنٛد ظون پھِران تہٕ ونان:

"وہاب کھارنہِ اَمہِ رونہٕ لیٚہِ ہُنٛد لگہٕ ساٚوی آہنگ کیٛا ثبوت

گژھِ اَمہِ کھوتہٕ آسُن زِ تمِس پتہٕ ینہٕ والیو بڈیو شاعرو نیٚہِ تس

نشہِ تہِ تھی ہوی مصرٕ پتہٕ تہٕ تمن ووج بناٚوِتھ لیٚکھِ پٔنٕی کینٛہہ

سبٹھاہ عوام پسند باتھ"۔ ......کلیاتِ وہاب کھار

حالانکہ مہجورن چھُ اَمہِ علاوٕ کرِشن جاین بعضے سیٚدٕ سیوٚد تہٕ بعضے ورگہٕ

پاٚٹھی وہاب کھارس نشہِ استفادٕ کوٚرمُت تہٕ بعضے چھِن پننہِ مخصوص اندازٕ وہاب

کھارٕنی مصرٕ تام ورتاٚوِمتی۔ مہجورُن مشہور وژُن:

اَز روز سانے دِلبر میانے

چھُ وہاب کھارنہٕ یِمہٕ مقبولِ عام وژنُک پوٚت آلو:

گوٚرِ گوٚرِ کریو مالنہِ کرانے    اَز روز سانے ہا مدنو

سون کونہٕ چھُکھ یوان اَتھ کیا معنے    اَز روز سانے ہا مدنو

یا وُچھتو کتھ تہٕ تھی ہوٚو مصرٕ:

شیٖرین دہانہٕ وولو    (وہاب کھار)

شیٖرن کلام یِی کر    (مہجور)

موجوٗدٕ زمانس منٛز صوٗفی شاعری ہنٛز اِفادیتَس تہٕ لگہارِ ہُند بحث مدِنظر تھٲوِتھ ہیکوٚ ونتھ زِ اَزی کِس سائنسی مزازٕ تھاوَن وٲلِس مشینی دورٕ کِس انسانس چھُ کہنی نے تہٕ یہِ بوزُن تہٕ محسوس کرُن تِگان زِ صوٗفی یا صوٗفی شاعر کیاہ تہٕ کتھہٕ پٲٹھی چھُ یَتھ سِرِ سٲوی کایناتس تہٕ اَمہِ کِہن رنگا برنگ آکارن تہٕ انہارن متعلق سونچان۔ تس کیا چھُ انسانس تہٕ انسٲنی زندگی متعلق تصور۔ یہَے چھے اَمہِ شاعری ہنٛز اکھ تِژھ اِفادیت یوسہٕ جدید دورٕ کِس کٲنسہِ پرن وٲلِس پننہِ اہمیژ تہٕ لگہارِ ہُند احساس وو تلاوِتہٕ شاید ہیکہِ نہٕ تس پنُن مشینی تہٕ سائنسی دُنیا پیٹھ ہش زان عطا کرِتھ۔

عالم چھُ وۄلُمت زُلفِ خمہٕ نے    آدم چھُ بے اختیار

نابوٗد نشہِ بوٗد کوٚر بے غمہٕ نے    کمہٕ نے ستی گوم یار

گویا اکھ صوٗفی شاعر چھُ یَتھ کایناتس تہٕ کلہم وجوٗدس معشوق سنٛز نظرِ وُچھان تہٕ معشوق سٕندِس زُلفس چھُس پنُن پان ہتھ تمام عالم وَلنہٕ آمُت باسان۔

زُلفس وَلنہٕ آمُت یہِ صورتحال چھُ بیک وقت بے بسی تہٕ لاچأری ہُند اظہار تہٕ تہٕ شادمأنی ہنٛز باوَتھ تہٕ۔ أتھی اضطرأبی صورتِ حالس منٛز چھُ أزٕ یک جدید فکرِ شأعر تہٕ ہیٚنہٕ آمُت یس پنٛنہِ کامرأنی ہُند احساس تہٕ چھُ تہٕ پنٛنہِ لاچأری ہُند تلواس تہِ تہٕ اوَے کنٛی چھِ أزِکۍ نقاد جدید شأعریہِ صوفی شأعری ستی ہشر دِوان تہٕ دوشونی اکھأکِس ہم مزاز گنٛزراوان۔

کأشرِ شأعری منٛز چھےٚ تمثیل نگأری ہنٛز قدیم روایت موجوٗد یِمکۍ انہار شیخ العالمؒ سنٛزِ شأعری منٛز میلان چھِ تہٕ وہاب کھارس چھُ امہِ اعتبارٕ تہٕ پنٛنہِ قبیلہٕ کیٚن شأعرن منٛز امتیاز تہٕ سُہ چھُ تمثیل نگأری ژوٗرُے پہن ویوٗرتلان۔ أمی ہنٛدۍ تمثیلی منظومات چھِنہٕ صرف عوأمی سوٗتھرِس پیٹھ مقبول بلکہ چھےٚ تمن شأعرانہٕ اہمیت تہٕ۔ خاص کرِتھ اوہند طوطہٕ تمثیلی منظومہٕ یتھ منٛز کأشرٕ بن لگہٕ ڈلیلن ہُند لہجہِ، طرز تہٕ ورتاو نمایاں چھُ۔ امہِ قسمکۍ تمثیلی منظومہٕ پرِتھ چھُ یہِ احساس گنان زِ وہاب کھارس نشہِ چھےٚ نظم بحثیتِ اکھ شعرِ ذاتھ وو پذ اولبان تہٕ أزِکِس نقادس چھُ کأشرِ نظمہِ ہُند مطالعہ کرنہٕ وِزِ امہِ قبیلہٕ کیٚن تخلیقی منظومن حسبِ ضرورتھ مولانکون کرٕنی۔

امہِ حوٗرِ کوٗر تکرار     وۄپرٕ چھُ جاناوار<br>
از تام کونہٕ زانون     قبول گوٗژھ تھاوون

●

# فراق بحیثیتِ فطرت پرست شاعر

## اکھ جائزٕ

رتن تلاشی

غلام نبی فراق چھُ پننین ہم عصرن منز پننہ فطرت پرستی ہند رو حجانہ کِنۍ اکہ وکھرِ انداز بیانک شاعر ماننہ آمُت ۔ چناچہ سُہ ییمہِ ساتہٕ کاشرِ شاعری ہندس دنیاہس منز وآردسپُد فِضہس منز اوس مہجورنہ کشیرِ ہُند حُسن وکھناوَن والین نغمن ہنز ٕ گنگراے وُ نہ تہِ موٗجود ۔ نہ صِرف مہجوٗر بلکہِ آسی لس اندی پکھی بیٚیہ تہ ٕ کتی شاعر کشیرِ ہندیو فطری مناظرو پانس گن پھری متی ۔ غرض فطرت پرستی ہنز ریوایت آس بروٗنہہ فراقس بدس ۔ نہ صِرف فراق بلکہ گرنہ تِہندیو ہم عصروتہٕ پوٚت وانیو تہ مہجوٗرِ سنز یہ ریوایت نظر انداز ۔ فراق اوس اتھ ٕستی ستی انگریزی رومانی شاعری نِش تہ زانی یاب تہ امی کاروانک مانہٕ آمُت آخری شاعر ییٹس سُند یہ دوٚپ تہِ آسہِ ہیس کنن منزٕ ے زِ ''شاعری منز گرٕھ یوٗت پلہِ تیوٗت مُقامیت آسنہٕ تہ ٕ یتہِ زِ فردس گرٕھ سہٕ چیز زیادٕ ٹوٹھ آسُن یُس لس زیادٕ قریب آسہِ تہٕ ییتھ ٕستی تِسنزِ زندگی زیادٕ واسطہٕ تہ آسہِ'' ۔ عیاں چھُ زِ اشارٕ چھُ فطرتس کُن ۔ فطرت پرستی ہنز ریوایت چھےٚ امہ بروٚنہہ تہِ سانہ شاعری منز مگر تتھ منز چھُ امیُک ورتاو شاعر بیشتر پاٹھی محض ماحول بندی موکھ کران ۔ چاہے شاعرس وصل ماری موٚند آسہ ہے بناوُن یا ہجر غمناک ۔ یُتھ ہیُو پسہِ منظرو تلاونک وٚسیلہ اوس شاعرس نِش فطرتہٕ ۔ یہ کتھ تہ چھےٚ صحیح زِ فطرت

چھےٚ پرتھ زمانچہ تہٕ پرٛتھ زبانۍ ہنز شاعری منزاکہ نتہ بیہ رنگہ عکاسی پراوان۔
کنہٕ قدیم شاعری ہندی پاٹھۍ اساطیری مُل مایہٕ سان یا کُنہٕ سرساویرٕ سان۔
شاعری تہٕ فطرت چھےٚ ناقابلہ تنسیخ۔ بقولہ ڈرایڈن ''شاعری چھےٚ مُلہ تلہ
فطرتکین شبیہن ہنزٕ ے وکھنےٚ''۔فطرت چھےٚ شاعری ہندمنہٕ کونچھ موضوٗ تِکیاز
فطرتچہ کوچھِ منزٕ ے چھ انسانن تہذیب تمدٕ نکی مختلف ارتقایی منزل سرٕ
کٔری متۍ تہٕ فطری حُسنس ستۍ وابستہ چیزٕ ے چھِ انسانہٕ ہنٛدِ باپتھ فوٗری وابستگی
ہندی چیز روٗدی متۍ۔امہِ حسابہ چھےٚ فطرت نُمایاں پاٹھۍ شاعری ہُند موضوٗع
روٗزمٕژ۔نہ صِرف موضوع بلکہ چھےٚ احساس تہٕ جذبن ہنٛدِ باوٗژہُند اہم ذٔریعہ
تہِ روٗزمٕژ۔تمی پیٛو وغالبس تہٕ وُنن زِ ''بنتی نہیں ہے بادہ وساغر کہے بغیر''
ووٚنی چھُ سوال ہرگاہ فطرت پرستی ہندی انہار پرٛتھ دورچہ شاعری منز
درینٛٹھمان چھِ تیلہ کتھ پاٹھۍ ہیکو فطرت پرستی فراق سُند شناختی روحجان ماہٕنتھ۔
مگراتھ چھِ کینہہ معقوٗل جواز۔مثلاً ہرگاہ أسی فراقس برٛوٗنہہ کأشرِ شاعری
پیٛٹھ نظرتراووٚ اتھ منزچھےٚ نہٕ پٔننہٕ غالب روحجانہٕ کنٛہ فطرت نِگاری ہنز گُنجأیشے
تِکیازامہِ شاعری ہُند غالب موضوٗع چھُ بیٚمہِ زمانہ مکانکیٛو حدوٗمبرا۔تتہٕ چھُ
شاعر ماورأیی دُنیہک وتہٕ گژھنتھ تمی دُنیچہٕ وتہٕ سران۔ووٚنی گووغاژ ماورأیی
دُنیاہچ کتھ یوٚدوے آمٕژ تہٕ آسہِ سوتہٕ آسہ تمہِ اکایل وجوٗدکہ مظہرٕ نگی کرنہ آمٕژ
یُس یژھہِ شاعری ہُند منزلہ مقصوٗد چھُ۔یاہیکہِ تتہٕ یہ روٗحانی دُنیچ کتھ باونہٕ
باپتھ محض اکھ وٗسیلہ آستھ نزِمنزِل۔تتہٕ ہرگاہ لل دید ہنٛدی پاٹھۍ ''دٕچھنس
اوٚبرس زاپن زانہٕ ہا'' یا شمس فقیرٕنی پاٹھۍ ''کوہ تہٕ بال درٕینٛٹھم نارٕستۍ دزان''

ہوٚی ورتاو آمتۍ چھِ مگر تِتھین اظہارن منز نہ چھُ شاعرُ سُند مقصد فطرتکۍ وِہ
درشاونی تہٕ نہ چھُ پرن وول شاعرٕ سندِ گُدرن حالہ برعکس یمن مۄرٕ وضن
ہندین وِہن پتھ مۆت سپدان۔ قودرتی مظاہرن ہنز منظر نِگاری چھےٚ مثنوی
ادبک اکھ اہم عنصر مگر اتھ منظر نگاری تہٕ چھُ اتہ بدٕ نہ مقصد۔ یمن منز چھےٚ
اتھ ماحول بندی ہنز اہمیتھ۔ یُتھ زن ہجرٕ وصلچ دگ تہٕ شادمانی ہُند جذبہٕ شِدتھ
پراوِ۔ اتھ منظر نِگاری چھِ بیٚیہٕ زٕ مقصد۔ اول چھےٚ یہ کردارٕ سنز عملہِ اکھ پسہٕ
منظر عطا کران تہٕ دۆیِم اتھ داستانوی عملہ کانہہ زمینی سکوٗنت دِوان۔ امہِ علاوٕ
چھےٚ یہ منظر نِگاری قارٕیس تہِ اتھ دنیاہس منز وٲرِد سپدنہٕ باپتھ آمادٕ کران۔
ۄہمہ صدی ہندین گوڈنکین ۄہلین دوران آیہ مہجورٕ سند ۂسی فِطری حُسنس
للہ کھوٚل کرن واجنۍ شاعری بروٗنہہ کُن۔ یتھ منز پزی کٔشیرٕ ہندِس فطری حُسنچ
عکاسی سپزٕمژ چھےٚ۔ ٲسی ہیکو بلا دریغ وٕنتھ زِ مہجور چھُ کاشرِ زبٲنی ہُند گوڈنیک
فطرت پرست شاعر۔ تمی وۄن مےٚ بروٗنہہ یہن زفراقن رٕٹ مہجورٕ سنز رِوایت
تہٕ تھی کوٚرُن برٔژر۔ وونی گوٚو یہِ کتھ چھےٚ توجہُ طلب زِ مہجورس نِش اوس
فطرت نِگاری درپردٕ کاشرِ قومُک پتھ کالی بختہ بجرتہٕ پننہِ مادرِ وطنُک لول نیشہِ
ناوُن تہٕ امہِ کہِ زمانہ حالچہ خستہ حالی ہنز کتھ کرٕنی۔ تسنز شاعری منز چھِ
فطرتکۍ مظاہر اجتمٲیی طور کاشرین ہندِ صوٗرت حالکۍ باوتھ کارٕ نیمتۍ۔ یتھ کتھ
منز تہٕ چھُ نہ کانہہ تہٕ شکھ زِ کتھ مجازی لوٗلچ ٲسی تن یا تُسند پیامی کلام ٲسی تن مہجوٗ
رچھُ فطرتکس پیرایس منزٕ یے کتھ کران۔ یمہ سبب یمن مظاہرن بار بار ورتاو سپتۍ
علامتی رنگ کھوٚتمت چھُ۔ یمے مُظاہر چھِ کلام مہجورٕچہ تشریحی کُنزٕ یموٚ ستی اتھ

منز معنوی مُتوقع پن ووتلیو مُت چھُ۔

فطرت نِگاری چھےٚ غُلام نبی فراقس نِش تہِ اماپوٚز یہِ چھےٚ کینژہ و خصوٗصیژ وَکنۍ مُختلِف۔ یہ کتھ چھےٚ دِلچسپ زفراق سِندِس دورس منز اُس کاشُر شاعری ہُند غالِب روحجان مابعدالطبعاٗتی دُنیااوک طرف ترٲوِتھ زِندگی تہ زمانکین مسلن تہ پیچیدِگین سنٛگ روحجان۔ یہ دور اوس حقیقت پسندانہ رٕویک دور، تہ یہ رٕویہ روٗدنہ فراقس نِش تہِ غارموجوٗد مگراتھ سٟتی سٟتی روٗدنہ سہُ پانس اندی پکھ فطری حُسنہٕ نِش تہ اچھ وٕٹِتھ۔ زمانہ تہ زندگی نِش ییلی وتیلی لوٚب یِژتھ روٗزِتس فطری حُسنس منز راونچ کل۔ ترقی پسند دورکین نظریاتی ٹِکلیو منز آزاد سپدِتھ ییلہ کاشُر تخلیق کار جدید دورس منز عصری زندگین ہنز تلخ حقیقژن زیوٚ دِنہِ لوٚگ غلام نبی فراق روٗداتھ دورس منز تہ عصری کرنچ باوتھ کرنس سٟتی سٟتی فطرتس سٟتی تہِ موکھ مُدأے کران۔ جدید شاعرِیَن تہ جدید دورس منز شود دیہاتی زِندگی تہ فطرتہٕ نِش دوٗر سپدِتھ شہرچہ مِشینی زندگی ہندِس ہر ہانگلِس منز ہیٚنہٕ آیہِ تہِ روٗدفراق فطرتس سٟتی پنٕنۍ قُربت برقرار تھاٗوتھ تہ احساسی سوٗتھرِس پیٚٹھ فطرتکین رنگن منز وٕسِتھ یمن رنگن ہُند روٗح محسوٗس کران۔ تمی سنز فطرت پسندی ہنز چھےٚ یہ خوٗبی زِ تسند ذٕسی ورتاونہ آمتی یم مُختلِف معروٗض چھِنہ مجبوٗ رسندی پاٗٹھی کانہہ تہ محدوٗد تہٕ گنڈِتھ معنوی نِظام بناوانَ بلکہ چھِ تِمنز کنہِ تہ یژھِ تخلیقہ منز ورتاونہٕ آمُت کانہہ تہ منظر تمی ہند تمہِ مخصوص لمہک احساس برٛونہہ کُن انان۔ امہِ حسابہٕ چھےٚ تسنز فطرت پسندی برونہمین شاعرن نِش وکھرٕ آسِچ۔ امہِ آسِچ فطرت نِگاری چھےٚ اکہ نومزازِچ رٕسریت ییمیک

تجربہ شاعر کران چھُ مگر یہ تجربہ چھُ ریوایتی سِری یا صوفی شاعری ہِشہ بدٕ نہ تہ۔ اتہ چھُ نہ تیتھ سفر تہ نہ تیتھ منزل تہ نہ تیتھ ہیوٚ راوُن تہ نہ پراوُن۔ وونی گوٚ واتہ تہ چھُ یمہِ فطرتک لوہ لنگر پکناون والہ تمہ غائبی طاقتک احساس مگر سہٕ غائبی طاقت محسوٗس کرنک وٚسیلہ تہ چھےٚ فطرتے۔ احساسی سوٚتھرس پیٹھ چھُ فراق فطرتس سیٹھا قریب تہٕ سہٕ چھُ پنُن اوٚند پوٚکھ جلوٕ ستی ژینان۔ تسنز شاعرانہ شخصیت چھےٚ اکس ژُری ہندس صوٗرتس منز بروٚنہہ کُن یوان یُس فطرتکس منزلس منز زُوان چھُ۔ فراق چھُ دراصل حُسنس پتھ موٚت۔ سہٕ حُسن اِنسانی زندگی ہُند اسی تن یا پرکٕرٕ ژہند اسی تن۔ تس نِش چھےٚ انسانی فطرٕ ژہندس حسین پکھس تہ فطرتکس حُسنس منز اکھ مماثلت۔ ونان چھُ

شاعریوٚد چھکھٕ گنگراوُن کل۔ یتھ أزی کس آدمی باغس منز

پرتھ بشر ژ مانُن پوشا اکھ برجستہ پھلےٚ خوشبوے ژھٹان

تس چھےٚ فطری حُسنکی پأٹھی انسانی زِندگی ہُند حُسن قایم تہ دایم وُچھنک آرزوے۔ سہٕ چھُ پانے اعتراف کران:

بہ چھُس انسان یُس انسانی حُسنک    تِتھے قایل چھُ یتھ خودزاو حُسنک

یہ آرزوے چھُ تسنز شاعری منز دویو طریقو بروٚنہہ کُن یوان۔ اول یِیلہ بعضے تس زندگی ہندِس کنہِ ونِکھٕ ژارس پیٹھ نظر پیوان چھےٚ سہٕ چھُ یکدم پرٕکرٕ ژ ہندِس حُسنس منز نہ صِرف چھپن جاے ژھانڈان بلکہِ چھُ تس نِش یہ فرار یہ ونِکھٕ ژار مُشراونک بہانہ تہ بنان۔ امہ فرارٕ موٚجوٗبے چھُ تس پیٹھ رومانی مزاژ چ موہر لگِمژ۔ دوٚیم چھِ یہ تسُند پتھ کال پسندی ہند روجحانہ کنٕ ٹاکارٕ سپدان۔ پتھ

کال پسندی ہندِس روجانس تحتے چھُ سُہ لوکچارُکس یادٕ وۆترِس زول دِتھ ماژی
منز ژِہی پھِری پھِری یاد کران ۔مثلاً 'بچولُر' یا 'پھیر' نظمہ چھےٚ لوکچارچن
گنڈٕ باشن ہنزٕ ے عکاس۔ یتھ کال پرستی برعکس چھےٚ بعضے فراقس نش بیاکھ
ترائے تہٕ نظرِ گژھان۔سو گیِہ یہِ زِ یتھ کالس منز راونس ستی چھُ سُہ کُنہ کُنہ
مستقبل چہِ نہونکار عملہ ہندین اندیشن تہٕ وسوسن منز ہیٚنہٕ یتھ بجرٕ چ تہٕ موتچہ کار
سازی متعلق سوچان۔ یتھین موقعن پیٹھ چھُ فراق اکثر سمے تہٕ موسمی ژٕ کھرن
ہندس اردلس منز ہیٚنہٕ آمتین فطری مناظرن تہٕ انسانی زندگی منز سپدوٚنین
تبدیلین پسہ پردٕ سمیک نہونکارُوپ تہٕ وُچھان۔یمہٕ ستی تسنزِ شاعری منز
راون تیٚلیگ احساس تہٕ ووتلیومُت چھُ۔مثالے نظم 'پھیرِ'، 'ڈری یا وتہٕ یارِ بل'
تمِ دۆ پنم' 'اِنتظار' 'یِیلہِ کُنہِ ساتن' تہٕ 'یمبرزل' بیترِ چھےٚ ترٕتھ کینہہ نظمہٕ یمن منز
وقتچ راون دگ کم یا زیادٕ شدتہ سان باوتھ پراوان چھےٚ۔فراق سنزِ فطرت پرستی
پسہِ پردٕ چھےٚ تسنزِ تنہا پسندی ہنز کل تہِ کارفرما۔مگر یہ تنہائی چھےٚ نہٕ جدید مشینی
تہذیبس منز زندگی ہنزن قدرن تہٕ سماجس تہٕ فردس باہم رِشتہ منقطع گژھنگ
نتیجہ بلکہ چھےٚ یہ تنہائی خود عائد۔ یاوُنوزِ یہ تنہائی چھےٚ نہٕ تخریبی بلکہ تعمیری تہٕ
شاعرِ ہند باپتھ منہٕ کانچھ تکیازِ تنہائی چھےٚ فطرتکس روٗحس تہٕ پننس ذاتس روٗ برٕوٗ
سپدنک موقعہ فراہم کران۔ أندری وۆن تہٕ پننہِ ذاتکس دُنیاہس منز غوطٕ دِیُن
چھُ امی تنہائی ہندِ برکتہ ممکن تہٕ فراقس نش چھےٚ یہِ خصوصیت ٹاکارٕ۔ 'بُلبُلس
کُن'، نظم چھےٚ امِچ رٕژ مثال۔

فراقہ سنزِ شاعری منز چھےٚ فطرتک ورتاو مختلف اندازو کرنہٕ آمُت

یمن منز ترے طریقہ کار نُمایاں چھِ اول توضیحی یا سیدِ سیدٕ دوضاحتی اندازٕ، دۆیم شخصاونکاری تہٕ ترٛیم انالجی یاہشرن۔ توضیحی طریقہ کار چھُ سہٕ یتھ منز سہ فطرتک نِگارخانہ وُچھتھ وہ لسنس یتھ پننہ قلمہ ستی اچھ مُصوری کران چھُ۔ یرٛھن جاین چھےٚ فطرت شاعرٕ سنز تخلیقی تیمبرِ وُہناونک اکھ کارگر وٚتش بنان۔ چناچہ یتھ کتھِ گُن آو بزٕ ونہہ تہٕ اشارٕ دِنہ زِ فراق چھُ فطرتک پُرستار تہٕ ییلہِ امیک کانہہ رنگٕ تسندس قلمس ورغلاوان چھُ سہ چھُ تتھی ہوی منظر بروٚنہہ گُن انان۔ مثلن

(ا) پربتگ دامن تہٕ پنجبل بالہ باغ

کاوِ د چھ رٕنگی ئٹرِ تہٕ چھنی بادام گلی

اوٚبرٕ نب أندٕ پکھی یہ کوٚٹھی شے مٕژ زمین۔۔۔۔

زم ہریر کی واوِ گلی أڑی جن سنان

(ب) صاف نب صُبحک سمے اژوٚن ہُرد

وُشنہِ تاپکی پرٕنی پٕژ زلوٗنی آبشار

تتھی اقتباس گرٕھن ''نوٗ وشین'' ''جاناوار'' تہٕ ''حسن'' بیتر نظمن منز تہٕ نظرِ۔ نہ صرف نظمن منز بلکہ چھُ فراق غزلن منز تہٕ گُنہ گُنہ لفظوٕ سی بادم وآر پھولرأوِتھ فطرچ مالے نیشہِ ناوان۔ مثلاً یمن غزلہ شعرن ہندین گوڈنکین دون مصرن منز چھےٚ سیدٕ دپاٚٹھی اکہ منظرچ تصویرکاری کرنہ آمژ۔

ہے پہلیا تہٕ نیرین چھےٚ وُنہ شینے شین

پیٹھ چھےٚ ارمانن ہُند اونمت یوٗتاہ جب

یا

زٕ نہ گاہ خوشبو یہِ اوٚند پوٚ کھ آبہ جوے عکسِ سرو
ماگہ شُشرس منز یہ خابا یاد پوٗ تھ نامےٚ وَن

فراق سٕنز یِژھ ہش شاعری چھےٚ بیشتر پاٗٹھی ذات مرکز برعکس معروٗض مرکز۔ یِژھ ہشہِ فطرت نگاٗری منز چھُ شاعر موجوٗ د معروٗضن متعلق پننین محسوٗساتن تہٕ مُشاہداتن ہنز باوتھ کرِتھ بقولہ فراق لفظوٚ ڈسی بادام واٗرتہٕ پھولراوان تہٕ بعضے حُسنُک مکھوٹہٕ تھوٚ ڈتلِتھ امیُک بیکوٗر پہلوٗ تہٕ دیدمانہٕ کران، یُس روٗحجان اٗہندس کلامس منز تہٕ دٕ ریٹھمان چھُ۔ فراقس نِش چھےٚ امہ روٗحجانچ ٹاکارٕ شہادت فطرتس سٟتۍ وابستہ مختلف معروٗضن ہندِ عنوانہٕ لیکھنہٕ آمٕژ نظمہٕ مثلاً صُبح، یمبرزل، باغس منز، جاناوار، ہرڈُک گُلاب تہٕ بہار بیتر نظمہٕ یمن منز سہٕ فطرتک ماٗرۍ موٚ ندتہٕ کنہِ کُنہِ ویوٚ کھُت پہلوٗ تہٕ ٹاکارٕ کران چھُ۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ عیاں زِ یِژھِ شاعری ہُند مرکز تہٕ محور ہیکہِ شاعر سٕنز شخصیتہٕ نیٚبر اٗستھ یعنے ییٚتہِ چھُ شاعر سُند سفر اٗندرٕ پیٹھٕ نیٚبر یوٚدوے بعضے یِم خاٗرجی منظر اوٚندرٕ نہٕ باپتھ اکھ تحریک تہٕ بنان چھِ۔ یہِ بحث اوٚکطرف ترٲوِتھ زذات مرکز شعرٕ تجربس تہٕ معروٗض مرکز شعرٕ تجرُبس منز کوٚس فرق ہیکہِ فنی لحاظٕ اٗستھ ہیکو شاید یہِ کتھ ؤنِتھ زِ معروٗض مرکز شعرٕ تجرُبس منز ہیکہِ وضاحتی انداز، تہٕ تفصیلو ڈسی طوالت پاٗدٕ سپدِتھ۔ چناچہِ فطرت پرست مزاز موکھ چھُ فراقس تفصیلن سٕنچ ترٲے تتھ شاعری منز تہٕ ییٚتہٕ فطرت شعرٕ باوٕ ژھُنڈ محض اکہِ ڈسیلہٕ رٕنگۍ ورتاونہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یہ کتھ ہیکہ نظمہٕ ہندِ یمہ بندٕ سٟتۍ واضح سپدِتھ:

تمو نازانہہ زرُوتمہ گاٹجارُک بونہِ شیہجارٕ ے

مکرٕ بردوش ڈینٛٹھم تم دوہے زاگان اتھ أندی اندی

گہے اتھ لنجہِ واجکھ لنگ ژٕٹہس گہہ گوڈس کھونہس

دوہے رؤدِس کران سنگبأری ہیرِ پیٹھ بون تام

تہٕ یتھ کنۍ چھگ دِژِ کھ جاناوارن لۄت پأٹھۍ ڈأجکھ وتھ بنأوِکھ

کاغذی کلٕی تہندِ باپتھ سایہ صحراوس

تموۍ دۄپ غنیمت ژھانژ ھنوٗ کھ بوس یمنۍ پیٹھ

تہٕ لوت لوٚت پأری زانۍ ڈٔج تمن تمہِ بونہِ شیہجارٕ چ

اتھ برعکس نی تو یہ مثال:

پتۍ کنۍ اوسُم شیتل ژھایُت رأیل ون

انزأنی منز ہُش مُش پأٹھۍ تھٔلتھ نیوٗم

روتلہِ چھُم تار کھنب ووہوان

موضوع لحاظٕ چھُ دوشوٕنۍ نظمہ بندن منز مماثلت تکیاز دوشوٕنۍ منز چھُ انسأنی قدرن ہندِ نہناونہٕ تٕہنج دگ باوتھ لبان۔ دوشوٕنۍ منز چھے فطرتہٕ کہِ وٗسیلہ ورگہ باوتھ سپز مژ۔ تہٕ دوشونی شعرن ہکو نہٕ شوز فطرت نِگأری تہِ وٗنتھ۔ مگر گوڈنکس بندس منز چھُ شأعر راوی ہندس صوٗرتس منز بڑ ونہہ کُن یوان اتھ برعکس چھُ دۄیمس منز خود کلأمی تہٕ لفظٕ ورتاو چھُ تیتھ زِ معصوٗمیتس ستۍ ستۍ چھُ ملٕز مانہ احساسن تہٕ شِدتہٕ سان باوتھ لبمژ اتھ ستۍ چھُ تجرٕ بچہ ذات مرکزیتہٕ ستۍ ازحد اختصارتہِ ووتلیومُت۔ گوڈنکہِ بندتلہ چھُ گوڈنچی نظریہ فکرِ

تران زِشاعرسندِس مُشاہدس منز چھُ اکھ مخصوص صوٗرتحال یمیُک موجب تس نیٚبر بیٚیہ کانہہ چھُ تہٕ سہ چھُ یہ بیان کران، ییٚلہِ زن دوٚیمس منزاَمہ صوٗرتحالُک موجب پانہٕ شاعر چھُ۔ یہِ ہ مثالہ چھےٚ فراقس نِش تہٕ مگر تھین موقعن پیٹھ تہِ چھےٚ فطرتس پیٹھ پھری پھری غالب سپدان۔ مثلن:

اسراَرِستانس ٹوٗنگ پھرُم      چھجل گُلیٚن پیٹھ مکرٕ تُجم

نابوٗدکرِم زن آسی نہ      نہ گُلاَبی تیٚہ نہ گلاَبی ریہے

ژھایُت تہِ ختم تم رنگ تہِ چھےٚ

فطرتچ شخصاونکاری چھےٚ فطرت نِگار شاعرن ہُند شارُت ووتلاونگ اکھ منہٕ کونچھ ول تہ یہِ ول چھُ نہٕ فراقس نِش تہِ غارموجوٗد۔ فراق چھُ اکثر فطرتکیٚن معروٗضن اِنسانٔی خصلژ پُشراوان زِتم چھِ اسہِ بروٗنہہ گُن زِندزوٗ کردارن ہندی پاٹھی بروٗنہہ گُن یِوان۔ مثالے:

۱۔ مُفلِسا اکھ چندٕ چھنےٚ خوشحال کوٗل
سوٚ درٕ کھون زن خوفتہٕ پیٚمژ بنگہٕ چتھ

۲۔ یم قد اور بالہ تھوٗنگی خاموش اوٗ برس تل بہتھ
کاو ژھیٚن دی دی کڈان مُنزی آلوا

۳۔ پھوٗلمتی پوشن ٹوٗرِس وِوٗن
ژِے ڈیٚشتھ چھُس نوٚ وسونچان

۴۔ ژھُکھ حدٕ روٗس حسین جنگلی گولابا
سوٚرخ رنگس ووتھان گلنار ہش ریہہ

گٹن تھاوان زُلف رنگ چون ارمان
اُچھن اندر چھُ چانین ناگہ پزٕ زلن

بہر حال اُسی ہیکو اَہنزِ شاعری منز یژھ وار یا مِثالہ پیش کرِتھ ییتہ فراق فطرتکین مُختلِف منظرن تہ رنگن زند وۄجوۄد بخشِتھ اکھ ماۄرۄ مۄند دُنیا تخلیق کران چھُ ییتہِ کلۄ کۄڑ رقص کران چھِ، گلشن بُلبُلن مٹہِ مٹہِ دِوان چھِ تہٕ وُزملہٕ گُری سوارن ہندی پأٹھی قمچہ ہیتھ سمکھان چھے۔ شخصاونکأری ییتہ شاعرٕ سنز تخیُلی پرواز نیشناوان چھےٚ تتہِ چھےٚ امہِ سٟتی دِلکش پیکر تراشی تہ ممکن بنان تہٕ سٟتی یہ کتھ تہِ بروۄنہہ کُن انان زِ شاعر کتھ پأٹھی چھُ عام انسأنی حِسن ہنزِ حد بندی ترِتھ فطری منظرن سٟتی یکت قائیم کرِتھ ہیۄ کمُت۔ فراق سٟنز یژھ شاعری چھےٚ امیُک رُت نموۄنہٕ۔ ووۄنی گوۄ ادبی تنقیدس منز چھُ فطرتچہِ شخصاونکأری دردمندانہٕ مُغالطچ موجِب مانہٕ آمٕژ تہٕ ییتھ ہیۄ شعرٕ تجرُبہٕ چھُ ناقص مشاہدٕکی یا ژینن بلکہ نتیجہ قرار دِنہٕ آمُت۔ کُنوۄہمہِ صدی ہندین انگریزی رومأنی شاعرن ٟکٹھ کڈان چھُ رسکن ونان زِ ''پننس مُشاہدس دوران چھےٚ یتھین ہوین شاعرن جذبہ کہِ غولبہٕ کنی عقل نالگہار سپدان ییمہِ سبہٕ خأرجی معروۄضن ہنز یژھ ہش صوۄرت تم قبوۄل کران چھِ''۔ ووۄن گوۄ رسکن سُند دوۄپ ہیکہِ تتھ مخصوۄص تنوظرس منز صحیح تہٕ اَستھ مگر شاعرٕ سٟندِ باپتھ پننٕ اوٚ ندپوۄکھ عقلہِ ہنز تارٕ ژِتوۄلن چھُ نہ ضروۄری تہٕ۔ شاعری چھےٚ بہر حال جذبن ہنز باوتھ تہٕ یوۄ تام شاعر قأری سٟنز یژھ قائیم تھاوِتھ ہیکہِ توۄ تام ہیکو کانہہ تہٕ شعرٕ تجرُبہٕ کامیاب مأنِتھ تہٕ فراق چھُ شخصاونکأری ہندس ورتاوس

منزِ یہِ پزٕھ قایم کرِتھ قاری سُند اعتماد حاصل کرِتھ ہیوٚ کمُت۔

تژیم نمایاں ول چھُ فراق سنزِ شاعری منز "ہشرن" یتھ تحت سہٕ کنہِ تہٕ داخلی صوٗرت حالس یا خیالس کنہِ لرِ لوٗ رفطری منظرس ستی ہشرن دِتھ پیش کران چھُ۔ یہِ طریقہ کار چھِ غزلکی شاعریژ پاٹھی ورتاوان، بلکہِ چھُ کینژ و شاعر وامہِ باپتھ فطری معروٗضن ہُند ورتاو سیٹھاہ ماری منزٕ سان تہِ کوٚرمُت۔ مثالے:۔

دِلس منز چائنی تا شوقن کرٕم جاے
سرس منز زنتہٕ لوٚگ نیلوفرس آے (رسا)

فراقس نِش تہِ چھُ نظمہ بندن یا غزلن منز امہ قسمُک ورتاویتہِ کنہِ خیالس یا احساس کنہِ فطری منظرس ستی ہشرن دِنہٕ آمُت چھے۔ مِثالے:

ہوسس بڑ ونہہ کنہِ لوٚچ کتھ
وِجہِ واوس نِش ہر دُک پن (نظم۔ عالم آشوب)

○

بیٚیہِ لوٚت لوٚت شام سپد یوو
أندی پکھی کیا ہتام سپد یوو
یاوُن چھا کانسہٕ روزان
دٕریا کمہِ گاٹھہِ پراران (رقص ناتمام)

○

نیچ زوٗن ؤژھ ناگہٕ پوکھریٚن اندر
چھُ خابس اندر خاب ہاوان بہار

چھِرِی اوٚبرٕ لوٚنگی لوسہٕ وُن آفتاب

چھُنوٗرس تہٕ نارس رلاوان بہار

(نظم: بہار)

تہٕ غزلن ہٕندی یم کینہہ شعر:

صدی ین صدی ین سمیہِ سوٚ دُر چھُنہٕ اُف تہِ کران

طوٗفان نژناوان آہری دانہ ژیٚہا

ذیہنس پیٹھ کھوٚت یاداک

نےرٕ دسوٚ درس سُم تے تار

داغس داغس پھلیاےٚ

ماگس منز چھووُم گُلزار

ہرٕد ہوٚت پوش تھوٚ دُتلکھ حاصل

میٚون یاوُن مہ برأ چھن اندر

نارواوس آب سمکھاوان چھُکھ

زندگی تمہِ آیہِ شکلاوان چھُکھ

امہِ قسمکس اندازِ بیانس منز چھےٚ زبان کنہِ وروٗٹھنہِ ورائے بنان۔ چناچہِ فراقس مُتعلق چھِ اکثر نقاد یتھ کتھِ پیٹھ مُتفق زتسنز زبان چھےٚ سیٚود تہ سہل۔ یتھ منز نہ کانہہ تلنگری چھےٚ تہٕ نہ کانہہ ژھل چھُ۔ یمہِ سیٚتی شعر سمجھنس منز کانہہ خلل گژھان چھُنہٕ۔ شاید چھُ اتھ منز امہِ ہشرنہ ہندُ دخل تہِ۔ تکیازِ یتھُ ہیٚو اندازِ بیان چھُ یژٕ پاٹھی وضاحتی آسان۔ یمہِ موٗجب زِ اتھ منز چھُ منظر

خیالچ وضاحت بنان۔ یہِ کتھ گژھِ ہیرِ مێن مِثالن سنٛہ سٟتؠ واضح۔

یہ کتھ چھےٚ دِلچسپ زِفراق یوٚت یوٚت پننس ادبی سفرس منز بروٚنہہ پکان گوٚ وتیوٚت تیوٚت چھےٚ تِسندِس کلامس منز فطرتچ مالے تہٕ کم نظرِ گژھان۔ یہِ زنتہٕ چھُ واپسی ہُند سفر، گامہٕ پێٹھہ شہرٕ کُن تہٕ پتہ کالہٕ پێٹھ ازکال کُن۔ باسان چھُ زِوارِ وارٕ چھُ تِسُند توٗجہ فطرتہٕ پێٹھٕ ڈٲلتھ تِس اِنسانس تہٕ انسٲنی زندگی کُن مرکوٗز سپدان یُس عصری زندگی ہندین کھٔرینٛ منز ہیٚنہٕ آمُت چھُ۔

ووٚں گوٚو پننس اِبتِدایی دورس منز بنٲو غلام نبی فراقن فطرت نِگٲری پنُن اکھ مخصوٗص انداز بیان بروٚنہہ کُن انٛگ ۆسیلہٕ۔ یہِ دوراوس کٲشرِ شاعری منز نُمایاں آوازن ہُند دور۔ یہ چھےٚ پزی تِسند تخلیقی ہُنر ز آوازن ہندِس اتھ گُتجارس منز روٗ دسہ پننٛہٕ اکھ الگ پچھان فطرت پرستی ہندِ ۆسیلہٕ قٲیم کرنس منز کامیاب۔ یہ اوس سہٕ دور ییٚلہِ اکہِ طرفہٕ نادِم لفظوٚ ۍ چتر کاری کرنہٕ لوٚ گمُت اوس، رٲہی پننیوٚ شعر تخلیقوٚ سٟتؠ اِنسٲنی لوٚگ لانیک پٲتھر چارنہٕ تہٕ کٲمِل پننہِ شعرِ باوٕژ منز ہمکال زندگی ہندین رنٛگہ ۆلی صوٗرتحالن پننہ طنزٕک نِشانہٕ بناونہٕ لوٚ گمُت اوس۔ لٲزمن اُس فِراقس اکھ الگ وتھ ژھانڈٕنؠ ۔فطرت پرستی بنیہِ امہٕ باپتھ اُسند اکھ کارگر ۆسیلہٕ۔ امی کِنؠ ہێچ تمی لفظوٚ ۍ گُلکٲری کٔرتھ پننٛہِ تہٕ شعرٕ باوتھ دِلکش تہٕ توجہُ طلب بنٲوِتھ تہٕ اِدٕ وٚنُن:

شاعر آسان جوٗدٕ گار لفظن پھولراوان بادام وٲر

•

# لفظہٕ وردن معنی لیس موزوٗن......

رتن تلاشی

مرغوٗب بانہالی چھُ کاشُرِ ادبُک اکھ گراں قدر شخصیت۔ سائنس ہمکال ادبس منٛز چھُ سُہ بحیثیتِ محقق، لسانی ماہر، عالم تہٕ اَمہِ علاوٕ بحیثیتِ اکھ بُرگذیدٕ شاعر ہنٛدی رٕنگی مشہور تہٕ معروٗف۔ شاعری منٛز چھُ تٔمی مختلف صِنفن پٮ۪ٹھ قلمہٕ موللُل برٛزر کوٚر رمُت یمن منٛز غزل، وژن، رُباعیہِ تہٕ مختلف انہار چہِ نظمہٕ بیترِ شامل چھے۔ وٕنس تام چھے اَمنٛز 'پرتوِستان' تہٕ تجلستان ناوٕ چہٕ زٕ شعرِ سوٚمبرنہٕ شایع سپٕزمٕژ تہٕ 'پرتوستان' شعرِ مجموٗعہٕ منٛز چھُ اوہند 1976ء تام کُک کلام شامل چھُ۔ اوہند کلام روٗد اَمہِ پتہٕ تہِ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔ اَہندِس اَتھ پتٕمہِ پانژترٛہن ژٕتجی ین وٕرِین ہنٛدِس کلامس للہٕ کھوٚل کرنہٕ وِزِچھے یہِ کتھ عیاں سپدان زِ مرغوٗبنی شعرِ باوتھ چھے پننہٕ مخصوص اندازٕچ۔ اَتھ ہکو اَسی آسانی سان مرغوٗبُن اندازِ بیان وٕنتھ۔ 'پرتوستان' زیرِ نظر تھاوِتھ ہکو وٕنتھ زِ زبانی لحاظہٕ روٗد مرغوب گوڈٕ پٮ۪ٹھے پننی اکھ وکھرٕ شناخت قایم تھاوِتھ۔ موضوع چاہے حُسن یا لول اَسی تن یا وسیع تر زندگی ہنٛدی مادی کیٚو حیاتکی محرک، جمالیاتی، نفسیاتی، سماجی، تہٕ سیاسی بیترِ پہلوٗ اَسی تن، سُہ چھُ یمن موضوعن متعلق پننین تجربن تہٕ مشاہدن ہنٛز رنگہٕ سو منزلہٕ پننہٕ مخصوص زبانی ہنٛدِس لفظہٕ وردنس منٛز بروٚنہہ کُن انان۔

مرغوٗب نہٕ اَمہِ مخصوص زبانی ہند بن سرچشمن منٛز چھُ سُہ اوٚند پوٚکھ تہٕ فطرتچ کوچھا اہم بیٚتہٕ تٔمی زندگی ہُند ٹوٚٹھ وق یعنے لوکچار گذرمُت چھُ۔ پانژا لکی

فطری مناظر، بالہٕ کھنگر، ژندرٕ باگایہٕ ہُند گرٕزتہٕ اَتھ مأرِ مُندِ ماحولس منٛز
زُوَن واجبن زُوِ ذأژن ہنٛز بے پرواز زندگی۔ یمن سارِنے رنگن ہُند پرتوٚ ستان
چھُ تہنٛز شأعری منٛز ژٕن ہندی پأٹھی جایہِ جایہِ زوتان۔ وق سورنس ستی ستی
یوٚدوَے تہنٛز شأعرانہٕ شخصیت تہٕ ارتقا پذیر سپز اماپوز یہٕ اوٚند پوٚکھ عکساون
واجینٛز زبان روٗزنوٚہ فکری ناگرادن منٛز تہٕ جلوٕگر۔ یتھ کتھِ ہیکہِ نہٕ شاید
کأنسہِ تہٕ انکار اَستھ زِ ترقی پسندی ہنٛز ہنگامیت ترأوِتھ جدید مزاز پاناونہٕ
باپتھ پییہِ ساہن کیٛژن شأعرن پننہِ باپتھ نٔو شعرٕ زبان دریافت کرٕنی۔ مگر
مرغوب چھُ تمن کیٛژن شأعرن منٛز اکھ یمن نہٕ نہجہِ تبدیلی ستی ستی شعرٕ زبان
مُلے بدلاوٕنچ ضرورت پییہِ۔ مرغوب روٗد پننس خاص اندازِ بیانس منٛز پننہِ
زبأنی ہندی نٔوی نٔوی معنوی امکانات بدِ کڈان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ یہٕ زِ
مرغوب کیا چھُنہٕ شأعرانہٕ تجربہٕ مطأبق زبان ورتاونس سنان۔ بلکہ چھُ پزٕ یہٕ زِ
مرغوب چھُ تجربہٕ مطأبق زبان ورتاونک قأیل۔ سُہ چھُ پانہٕ ونان:

لفظہٕ وردن مانیس موزون کپٹاوُن چھُ فن
ورگہٕ وَننس منٛز علامژ سینہٕ وو گناوُن چھُ فن

فن چھُ مرغوبس نِش دأخلی تصوٗرن خأرجی تہٕ خأرجی تصویرن دأخلی
کنواسس پیٹھ کھارٕنچ اکھ اَژھن جستجوٗ۔ اماپوز تصوٗرن تہٕ تصویرن زاین دِنہٕ
وألی یم تجربہٕ چھِ لامحدوٗد تہٕ یمن باوٕنچ وسیلہ یعنے زبان چھے لفظتہٕ موجوٗب
محدوٗد۔ محدوٗد لفظنہٕ ذٔسی لامحدوٗد تصوٗرن تہٕ تجرُبن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وحاطہٕ کرِتھ
اظہار کرِس سوٚ تھرِس پیٹھ اَنٛنی چھُنہٕ عام زبأنی ذٔسی ممکن۔ مرغوب چھُ یمہِ کتھِ
نِشہِ باخبر زِ تجربہٕ لفظہٕ گیرس منٛز انان چھُ لفظ گہے رادٕ ژھوٹان تہٕ ہونٛز

زیٹھان۔ توے چھُ سہ پننہِ شعرِ باوُژ گُشادگی دِنہٕ باپتھ مختلف ول ورتاوان۔ یمن منز زِوَل تسنزِ شاعری منز عام پاٹھی در ینٹھی گژھان چھِ۔ گوڈنکس منز چھےٚ تسنزِ لفظہٕ ترأشی ہنز قابلِ قدر صلاحیت تہٕ دوٚیم چھُ تسُند مشرقی تمدنُک مطالعہٕ یتھ سُہ پنُن شعر تجربہٕ باونہٕ باپتھ کامہِ اَنان چھُ۔

شعر تجربہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لفظہٕ گیرس منز انہٕ باپتھ چھُ مرغوب منشہِ مطابق لفظن ژٕپٹھ کپٹھ تہِ کران تہٕ آہنگہٕ مطابق تہِ گران۔ تسنز یہ ترٲے چھےٚ تسٕندِ شعر سوٚمبرنہِ ہنٛدِ عنوانہ تلہٕ تہِ عیاں۔ اَتھ سوٚمبرنہِ منز چھنہٕ ترٛھن شعرن ہنٛز کمی یمن منز مرغوبن مختلف لفظن ہُند تُلہٕ ترٛاو منشہِ مطابق ورتو مُت چھُ۔ مثلاً:

(i) پانہٕ ہاوِ ر، زانہٕ ہاوِر، لفظ پرکھاوِر ہونز
قالب اُسن پرٛ ون یا نوٚونوِ ر پرٛ اوُن چھُ فن

(ii) پانہٕ پوٕتلی چھی ٹاٹھی
ترٛسنے شینہٕ بالن ہندی کھنگروُپہ بالن ہندی پاٹھی
پننے ٹاٹھی اٹاٹھی

(iii) تو تہہ کس گنگہٕ آرس منز سمکھ گوڈٕ پانس
نَتہٕ برٛ اتھن ہنز برِمنز ژِکس پتہٕ لارکھ

مرغوب چھُ نہ صرف لفظہٕ تھرے کامہِ انان بلکہ چھُ سہ تتھی لفظ تہِ کامہِ اَنان یم شہری تہذیبس منز ووٚنی مشرف بزِ سپدی ہتی چھِ۔ یتھ ہیوٚ لفظٕت چھُ ورگہ پاٹھی یہ کتھ تہِ عیاں کران زِ مرغوبنہِ شاعری ہندی موٗل چھِ سائنس کاٹھرِس تمدنس منز ئرِنی۔ مرغوب سپد نہٕ زِ ہنے تہِ پننہِ أندی پکھہِ تہٕ پننہِ میرٛ نشہِ منقطع۔ پننہٕ أندی پکھہِ کہ وِکھرٛ اِ رنشہِ فرار سپدتھ پننس وجودٕکس

کاؤشِپس منز بند گژھن کوٚ رنہٕ تمیٚ زانٕہہ تہٕ قبوٗل۔ تِکیازِ تس چھےٚ انسانہٕ سنٛزِ برتری ہنٛز پژھ تہٕ لوٗکہٕ رژ رچ منہ کامن۔ تسنٛز نظر چھےٚ مثبت وتن گُن۔ اَسونٛی گِندٕ وِنی زندگی، شُہل صبح تہٕ زِندٕ زوٗ ماحول چھُ تسُند منہ کونچھ منزل۔ سُہ چھُ لول ژھانڈان ژھانڈان لول بأ گراوان۔

عمیق نظر تہٕ وسیع مطالعہٕ آسنہٕ سبہٕ چھِ تسٕندی شعر پُر معنے۔ تسُند سوچ چھُ جسمہٕ پیٹھ روٗحس تام ساری منزل ژھنڈان تہٕ زندگی ہندِ نغمکیٚ نٔوی نٔوی ساز دریافت تہِ کرناوان تہٕ امہِ چھپن تلخ حقیقژن ستی مصافحہٕ تہِ۔ اما پوز تسُند ترنُم چھنہٕ دیوانگی گُن مٲیل کران تِکیازِ سُہ چھُ شوٗد بوٗد تہٕ توٗ وزُن موچھِ منز رٹان۔ مرغوبٕنی شعر بوٗزِتھ یا پُرِتھ چھنہٕ قٲرِیس چھرا فرحت میلان بلکہ چھُ سُہ شعرس ژٕپتھ دِنہٕ باپتھ تہِ مجبور گژھان۔ یہِ گون چھُ تسٕندِس اِظہارس منز طنزٕ چہ اَڈرنہِ ستی وو تلیٚوُمُت۔ مثلاً:

| | |
|---|---|
| نکھہٕ ہِتھ دوٚپنم وَن کینژھا | کتھ ہِتھ وونم کتھ کر کم |
| زانہِ خوداکیٚ دیُت سگ اَپزس | ژٕ تہٕ بہٕ چھِ دوشوے پزرس مٲیل |

وسیع شعرِ تجربس مو چھ رٹنگ دوٚیم وَل چھُ مرغوبس نِش یہِ زِ سُہ چھُ پننس تجربس باوتھ دِنہٕ باپتھ پننِس زٲنی سوٚ درس ڈِ نگ دِتھ علامژ اسطوٗر یا تلمیحن ہنٛز ژٲرٕ کرِتھ تمن ستی پننس شعر تجربس ہشرن دِوان۔ مرغوب چھُ فارسی ادبک وو ستاد تہٕ تس چھےٚ پننس تمدنی پتھ کالس پیٹھ تہٕ سُرٕنی نظر۔ پننس شعرِ تجربس باونہٕ باپتھ چھِ تسنٛزِ شاعری منز امہِ تمدنی پتھ کالکی اِشارٕ تہِ یسلہٕ۔ یمو ستی چھُ اوہند اندازِ بیان گنہِ ورُوٗٹھنہِ ورأے مگر معنہِ سوو بنیومُت تہٕ اَتھ چھُ

تمثیلی رنگ تہٕ کھوٚ تمت۔ مثلاً:

(i) یا گوو ژالکھ تونٛدرُک تاو

نَتہٕ گوئلی ہیوٚن للہِ ہُنٛد نار

(ii) خنجر بوڈنو وُم سہرابس

مژھِ بنٛدووٚنی کمہِ اَتھہٕ منٛز راوس

(iii) فلوأے گٔے تہٕ گرٛژھی تن کانٛہہ آرٕ گر زلیخا

یوسف چھُ بے نیأزی تامتھ جہار بخشان

(iv) تیٚمی احساسن اوٚش اوٚن نوحس تیٚمی یعقوبس پٔنٕنٕ اَچھ گاش

تِتھی احساسس جذبٕک برٛم دِتھ غضبٕک فن ووٚتلاوان دِل

امی تمثیلی تنوظرٕ ڈٔسی چھُ مرغوب پنٛنن شعرن منٛز نہ صرف ازکال بلکہ پتھ کال تام دیدمانہٕ انان تہٕ شعرٕک توٚرُتہِ چھُ کُنہِ خاص زمانس ستی وابستہٕ روزنہٕ برعکس کلہم انسأنی تہذیبس ستی وابستہٕ سپدان۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھأوِتھ چھِ أسی یہِ وَننس حق بجأنب زِ مرغوبؔ نہِ شأعری ہُنٛد حض تُلنہٕ باپتھ گرٛژھِ یمن شعرن منٛز باونہٕ آمتی یِم اِشارٕ تہٕ علامژن ہُنٛد پسِ منظر ویوٚڈ آسُن۔

مرغوبن پچھے نظمہٕ تہٕ لیٚچھمٕژ تہٕ نظمن منٛز ہیتی سوٚتھرِس پیٹھ کینٛہہ دِلچسپ تجربہٕ تہٕ گری مٕتی۔ یمن منٛز کینٛہہ تصویری نظمہٕ تہٕ شأمل چھے۔ شأعری ہنٛزن خصوصیژن ستی ستی یمن نظمن منٛز مصوری ہنٛز خصوصیٕژ پیوست کرنٕچ یہِ کوشش چھے قأبلِ داد۔ ہرگاہ یہِ تجربہٕ مقبولِ عام پراوِ ہے کأشر نظمہِ ہُنٛد دامنہٕ سپدِ ہے وسیع۔

# عبدالاحد آزاد بحیثیتِ نظم نگار

## اکھ موخصر سام

محفوظہ جان

عبدالاحد آزادنہِ شاعری پیٹھ تنقیدی سام ہیمو، مختلف رُجحان، تصور تہٕ خیال چھِ برونٛہہ کُن یوان۔ تسنٛز غزل کیو نظمہٕ چھِ مقامی رُجحانن ہنٛز پاسدار آسنس ستی ستی باقے قومی تہٕ گُنہ وِزِ عالمی موضوعن تہِ زیو دِوان۔ آزادُن ذاتی تصور چھُ شعوٗری تہٕ غار شعوٗری طورتہِ گُنہ وِزِ تیٚتھ نعرٕ بنان یُس اجتماعی آسنس ستی ستی انفرادی بجرتہِ چھُ ہاوان۔ مثلاً

وٕتھی نہٕ میانو آلو ستی نیٚندرِ کینٛہہ کینٛہہ نوجوان

از پگاہ اٚخر تِمن وُزناوِ پانے انقلاب

تہٕ

قو درتس بیٚون بیٚون تھوٚنی یوٚد آسہن ملت تہٕ قوم

پٔرتھ اٚکس بیٚون بیٚون زمینا آسمانا آسہے

یہِ چھُ پوٚز زِ آزادس برونٛہہ کنہٕ آسہن نہٕ جدید تنقیدی رُجحان مگر تمہِ باوجوٗد پیٹھ آزادن کلہم شعرٕ سرمایہ تنقیدی زاوی جارن تحت پرکھاونٛچ کوشش کرو، بڈٕبن بڈٕبن نقادن ہنٛدی مقرر کرنہٕ آمتی اصوٗل تہٕ تہنٛد پوٚت منظر چھُ آزادنس شعرٕ سرمایس منٛز گُنہِ وقتہٕ ہنگہٕ منگہٕ دژٕنیٚٹھی گژھان۔ ادب برائے ادب اصولس للہٕ کھوٚل کرنہٕ ستی چھُ آزادُن شارٕ سرمایہ عام پاٚٹھی تہٕ اٚمی ہنٛز

نظمہٕ خاص پأٹھۍ اَتھ نقطہٕ نظرس پۆرٕ پأٹھۍ پانس منز وِپر اوٚنچ کوشش کران ۔

نہ چھُس رِنداہ نہ مستاناہ بہٕ چھُس اکھ لولہٕ دیواناہ
گہے گرداب گہہ سآلاب گاہے تیز طوٗفاناہ
ڈلن ہنز شوٗب سدرُک شان میانہن ولولن اندر
یوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزلن اندر

(نظم: دریاو)

○

آزادنہِ ''دریاو'' نظمہِ منز چھُ ادب برائے زندگی ہُند اہم تنقیدی پہلو (کینژن نقادن ہُند خیال) تہِ پننہِ مکمل جہارٕ ستۍ جاے پراوان تہٕ زندگی ہنٛدی سائنسی معیار اوٚک طرف ترآوِتھ انسانہٕ سُند بنیأدی بجر عملا ونک اِشارٕ دِوان۔ مثالے۔

کمن سنگین قلاین تہٕ بلاین پان چھاوان چھُس
پٔنن چھکراونہٕ آمٕت گُنہر بییہِ سوٚ مبراوان چھُس
ژٹان سنگر تہٕ ٹھاسان بال پھیران جنگلن اندر
یوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزلن اندر

○

عبدالاحد آزاد چھُ کأشرِ زبأنی ہُند تِتھے انقلأبی شأعر بلکہ کُنہِ حدس تام اکھ پوٚوکھسی تھے،یُتھ ہندوستانک ٹیگور چھُ۔ شاید ما کرن نہٕ کینٛہہ لوکھ مے ستۍ اتفاق مگر کتھ چھےٚ نٔی زِ آزادنہِ کینٛہہ نظمہٕ چھےٚ مقأمی تہٕ قومی معیارچہِ اُسی تھے مگر عالمی تناظرس منز ہکون یہنز دریاو نظم تہِ تنقیدٕ باپتھ شأمل کٔرِتھ۔

تاہم یؠ تام "شکوہٕ کشمیر" نظمہِ ہُند تعلق چھُ یہ چھےٚ قومی سطحچ اکھ تیٚژھ نظم یمہِ کہِ برکتہٕ کٔشیر تہٕ امیک ابتداء تہٕ اِرتقاء ثقافت، سیٲسی توٲریخ تہٕ قومی کردار تہٕ تہُند رووداد بروٗنہہ کُن چھُ یوان۔ یہِ نظم چھےٚ یوٗرپی نقادن ہُند یہِ اصول تہٕ شاید غارشعوٗری طور پانہٕ ناوان یتھ منٛز ادبہٕ خاص کر شاعری خاطرِ طنزیہ پہلوتہٕ اہم مانہٕ چھُ آمُت۔ امہِ قسمُک ادبی معیار چھُ آزادنٕ بیٚیہِ تہٕ واریاہن نظمن منٛز موجوٗد۔ یمن منٛز نظم 'سوال تہٕ 'جلوہ'، 'خودی' تہٕ 'شکوہٕ ابلیس' تہٕ قابلہِ بحث چھےٚ۔ مثلاً

جہنمس منٛز چھےٚ تیٚژ گرمی قیامتس منٛز چھےٚ تیٚژ سختی
تِتھی تِتھی روبہٕ دابہٕ ؤنی ؤنی دوہے چلوٗتھ یہِ کاروانا
التوٗل سودا کنان بہتھ خوش اڈٕبن گرٛھان عش اڈٕبن گرٛھان کھش
نہٕ فکر موٗلچ نہٕ مُشیہِ ہُند غم دُکان زَن چھےٚ کرایہِ وانا
(شکوہ ابلیس)

○

کٔشیرِ ہِنٛدِس پوٚت بجرس تہٕ رِوایتی میراثس یُس دَدارِ مختلف دورن منٛز واتناونہٕ آمُت چھُ تم آکھ تہٕ سُہ وطنی شرچھنہٕ آزادٕس زندگی ہِنٛدن اَخری یاوَن دوہن تام تہٕ درامُت۔ سُہ چھُ وطن پرستی ہِنٛدی یَم وبدا اکھ پٔنٛنس اَکس اَکس شعرِ مصرس منٛز دِوان۔ وطنی نالہِ دِنہٕ خاطرِ چھُ سُہ کُنہِ کاشرن ادبی ہیروٗن تہٕ کُنہِ اعلیٰ سیٲسی حکمت بازن ہُند سہارٕ نوان۔

یمو اَچھو وُچھ مےٚ رازٕ للتا دتس ہوی گُل پھولان وارے
تمن اَچھن تل نہٕ تریش ناگن گرٛھان باغن چھُ لوٗرٕ پارے

پلیمتی آسن چرک تہٕ کلھن غنی تہٕ صرفی تیمس لو لے منز
تھوٗن پزٕ یاتس یہِ نالہ للہٕ وُن تہٕ یوٚت حسرت تہٕ خارٕ خارا
(شکوہٕ کشمیر)

نظمن ہنٛدِ تنقیدی مطالعہٕ ستی چھُ عبدالاحد آزاد تہٕ تٔمند داخلی تصور تہٕ فکری احساس پننٮ۪ شعوٗری رُجحان ہیتھ شخصی عنصرٕچ پاسدٲری کران۔ آزاد چھُ پننین نظمن منز پننہِ اندروٗنی تہٕ بیروٗنی صلاحیژ کامہِ لاگتھ پٔنن شارٕ سرمایہِ شعوٗری طور تخلیق کران۔ پوٗرٕ توجہ سان سننہٕ تہٕ تجزیہ کرنہٕ ستی چھُ واضح زِ آزاد چھُ پننس شارٕ سرمایس منز اکہِ نہٕ بیٚیہٕ طریقہٕ دژ ینٛٹھی گرٕشھان۔ آزاد چھُ کُنہِ وقتہٕ پوٗرٕ کٔشیر ہیتھ پیش سپدان، کُنہِ وِزِ وطن تہٕ کُنہِ وِزِ خاص کردارس تحت بروٗنہہ کُن یوان۔ یِیلہِ آزاد گرائمر لحاظہٕ اسمِ ضمیرس تحت لفظ ''بہ'' استعمال کران چھُ تٔمند مقصد چھُ کٔشیر، کٲشُر قوم، ثقافت تہٕ کٔشیرِ ہُند سیٲسی پوٚت بجر آسان۔ مثلاً۔

گوڈٕنی بہٕ آٔسس ییران سرس منز تیار گٔری تھم ژٔے تارٕنکی سنٛز
مےٚ چانٛی عاشق رٕچھم لو لے منز وُچھم تہٕ ہووتھم تہٕند بہارا
(شکوہٕ کشمیر)

آزادنہِ شاعری خاص پاٹھی نظمن ہُند لفظہٕ راش چھُ مجموعی طور اکہِ مکمل وحدتُک باس دِوان۔ لفظہٕ ژارِ ہُند کسب کیتھ حدس تام چھُ آزادس اتھہِ آمُت تہٕ لفظن ہنٛز ترتیب تہٕ ساخت چھا نظمن ہُند مرکزی کرٕ نز تعمیر کرنس منز کامیاب گومُت۔ وُچھو یم شار۔

ٹُکرِ ٹوپل، آوارہ واو، لول پٹُن مہٕ راوِراو
مارٕ مُتس ژٕ گُذراو پانہٕ پنٕنہ یہٕ ڈالی یے
دردٕ گُلن گیکھ بچھتھ آرٕ پلن ژٔے دِل رٔچھتھ
سنگ دِلن نشے وُچھتھ لال موٕللی مولالی یے

(نظم: آرٕ وَل)

یم شعر چھِ ٹاکارٕ زِ آزادس چھےٚ لفظہٕ ژٲر، ترتیب تہٕ ساخت تیژٕ برمحل یوسہٕ زَن موقعہٕ محلچ مکمل عکاسی مطابق چھےٚ۔ اَتھ منزٕ چھنہٕ کُنہٕ قسمُک بے ترتیبی عنصر در ینٹھی گژھان۔ آزاد چھُ ''آرٕ وَل'' نظمہِ منزٕ روٗمانی لفظہٕ راشس کأم ہیتھ کٔشیرِ ہُند پتھ کالی راوَن تیۆل بیان کران۔ روٗمانی لفظن چھُ سُہ روٗمانی ترتیب دِتھ پٔتن مطلب پیش کرنس منزٕ کامیاب گومُت، یُس کانٛسہِ معمولی فنکار سُند کارنامہٕ ہیکہِ نہٕ أسِتھ۔ ساختی ترتیب چھےٚ مثالہِ ہِندِس گوڈنکس شعرس منزٕ یہِ خیال نظرِ تل تھاوِتھ دُرس زِ آزاد چھُ پننس ٹاٹھس 'تصورس' گوڈٕ یہِ ژینہٕ وُنی دِوان زِ چون سوٗرے اۆند پۆک چھُ ظالم تہٕ غٕتھ ہٕنہٕ وول۔ آزادس چھنہٕ اوَے کٔنٛہ داوس پیٹھ تہِ بھروسہٕ بڈان تہٕ توَے چھُ سُہ پننس محبوب 'تصورس' ژینہٕ وُنی دِوان زِ یہِ کینٛژھا کرُن چھےٚ تہِ کرِ پانہٕ تہٕ پننس بل بوتس پیٹھ۔ سُہ چھُ واوس مدِ مقابل رٔٹتھ زبرٕ واتناون واجینٛ ٹکرٕ تہٕ آوارٕ کردار ٹھہراوان۔ یِتھہٕ پأٹھی چھُ شعرن منزٕ تسلسل، ترتیب، ساخت تہٕ لفظہٕ ژٲر رواقعہس عانہٕ مطأبق۔ یہٕ تہِ چھُ پۆز زِ یہٕ روٗمانی تصور پیش کٔرِتھ چھُ آزاد ماجہِ کٔشیرِ ہُند سُہ ظلم وجبر ژٕنتس پاوان تیٚمی امیک انگ رتہٕ داوی کوٚ رمُت چھُ۔

آزادنٛن اکثر نظمن منٛز چھُ وحدتہِ تاثُر تہٕ مرکزی خیال اکھ اَکس ستی ٹھولہِ لبنہٕ یوان۔ یہِ چھُ پوٚز زِ آزادٕنؠ چھُنہٕ نوٚبن لفظیاتن ہُنٛد استعمال کوٚرمُت مگر تمہِ باجوٗد چھُ سُہ عام، سیوٚد دساد تہٕ سہل لفظن اندر پنٛن شعرٕ تجربہٕ فنکاری سان کران۔ تمُنٛد وحدتہِ تاثُر تہٕ مرکزی خیال چھُ عام تہٕ سیوٚد دسادٕ نفرس تہِ فکرِ تران۔ آزادُن مرکزی خیال چھُ لفظی ترتیبس تابین روٗزِتھ جہار لبان تہٕ اکھ مکمل تاثُر چھُ وجوٗد پرٛاوان۔ مثلاً۔

| | |
|---|---|
| ژری پیٹھی گومُت یہِ سہلاب | سوزِ جگر چھُ نایاب |
| گردِش کران یہِ گرداب | بے تاب دِل چھُ درخاب |
| کیاہ سنہٕ گمُی دِتھ شاف | ترأوِتھ چھِہ موتنؠ ڈاف |
| چھِکھ نالٕی وہمہِ کی زال | خوٚفکی سرف وٕلِتھ نال |
| لولس کران بدنام | بوٚنٛبن منگان چھِہ بادام |
| کوٚت لولہِ ولولہٕ گیٔے | تم غم کمن دِلن پیٚیے |
| تس لولہٕ غم گوسارس | میأنی سلام نِکھ نا! |

(نظم: میأنی سلام نِکھ نا)

●

# آزادٕنۍ اکھ غاۍر مطبوعہ نظم

رخسانہ تبسم

یمن دوٚہن بہٕ عبدالاحد آزادس پیٹھ پیٚن ایم فل مقالہٕ اَسِس لیکھان، تمن دوٚہن پیوٚ ومے آزادُن گام رانگرتہٕ گژھن۔ پتہٕ گٔیس بہٕ مقالکس سلسلس منٛز سورگہٕ واسی موتی لال ساقی صأبن گرٕ۔ تموتھوٚ ونہٕ مواد بہم یتھ آزادس ستی اکہٕ نتہٕ بیٚیہٕ رنٛگی تعلق چھُ، یتھ منٛز آزادُن کینٛہہ فارسی تہٕ کأشُر کلامہٕ نمونہٕ شأمل چھُ۔ تتھی کلامس منٛز اُس آزادٕنۍ زیرِ نظر نظم تہٕ یوسہٕ بہٕ پرن والین برونٛٹھہٕ کنہِ نذرانہٕ رنٛگی پیش کران چھُس۔

نظم چھےٚ سکول بچن خأطرٕ لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ نظمہِ ہُند کلہم لوٗبِ لُباب چھُ علم پرُن تہٕ علمچ زان حأصل کرٕنۍ۔ موصوم ذہنن منٛز چھےٚ یہِ کتھ نقشاونچ کوشش کرنہٕ آمٕژ زِ علم پرُن تہٕ ہیچھُن کوتاہ نفع بخش چھُ اَکس انسانہٕ سٕندِ خأطرٕ۔ تألیم حأصل کرنہٕ ستی چھُ انسانس منٛز فہم وفراست، روحأنیت، انسأنیت، برد بأری، حلاوت، پوٚختہٕ کأری تہٕ نٔو حسبس آگہی پأدٕ سپدان۔ بلکہ چھُ صحیح وٕتھ رٕٹتھ پننین اقدارن تہٕ افکارن تھٔز وُڈو دِتھ گوڈتہِ برٕتھ ہٮ۪کان۔

آزاد چھُ وَنُن یژھان اکھ پوٚر رمُت لیوٚ کھمت قوم یا معاشرے ہیکہِ باقےٚ ترقی یافتہٕ مُلکن ستی قدم ملأوِتھ ترقی ہنٛزِ وتہِ پیٹھ گامزن سپدتھ، یٮ۪لہِ زن اَتھ برعکس اکھ ان پڑھ تہٕ جأہل قوم پننہِ لاعلمی یا کم علمی کِنۍ ترٛبلس گُن پکان

چھُ ۔ سیوٚ دساد لفظن منز چھُ بچن یہ ذہن نشین کرنہٕ آمُت ۔

علم کران یِم سر نوکری یو خاطرٕ
تم چھِ کران پنجرٕ بند چھِی کران جانوار
علم پرن عانہِ جہل نوکری یو خاطرٕ
زِندٕ مرے للہٕ وُن بندگی ہُند یہ نار

اکھ حساس دِل شاعر آسنس ستی ستی اوس آزادتہٕ پزٕتھ اکس باشعور انسان ہندی پاٹھی اکہِ پُرامن شاندار علمی تہٕ خوشحال معاشرُک آرزومند۔ دولت ترٲوِتھ اوس آزاد علمس فوقیت دِوان۔ اَمہِ خاہشہِ ہُند اظہار کران چھُ لکھان۔

بہٕ منگے نہٕ موہرٕ تہٕ سون دِتم مگر عالماہ سُہ مے ہاوتم
یِیتہِ بندگی چھُ خدا سرُن نہ کرُن ہمیشہِ خدا خدا

یہ نظم چھےٚ آزادن اسلام آبادٕکس حنفی ہائی سکولس منز منشی احمد خان صابنہِ فرمائشہِ پیٹھ سکولٕکس سالانہٕ جلسس منز پرٕمٕژ۔ اسلامیہ حنفی سکول چھُ تمہِ وقتہٕ اکہِ خاص اہمیتک حامل اوسمُت۔ اَتہِ چھِ رنگہٕ رنگہٕ ادبی محفلہِ تہٕ مشاعرٕ منعقد سپدان آسی متی۔ اَتھ سکولس چھُ یہ اعزاز تہِ حاصل روٗدمُت زِ بڈی بڈی شاعر تہٕ ناماوار ادیب چھِ اَتھ سکولس رونق بخشان روٗدی متی۔

آزاد چھُ اَمہِ نظمہِ ہندِس تنوظرس منز اکہِ تتھہِ پُرمتہِ لیکھی متہِ تہٕ صحت مند سماجچ تصویر وُچھان یُس جدید علوٗمن ہنز فائیدٕبی تہٕ آگہی حاصل کُرتھ پننہِ وطنچ آبیاری کرِ ہے۔ سکول ماسٹر آسنہٕ کنی اوس آزادس دوہ بچنے

پرناونس ستیٚ گژھان تہٕ دِل وجانہٕ اوس تمن تربیت کران۔ تِکیازِ آزاداوس تہندِس مستقبلس منٛز پننین میٹھین خابن ہُند تأبیر وُچھان۔ آزادٕنی یہِ نظم چھےٚ عأنہِ یتھ اسلأمی نظریس پیٹھ مبنی زِ تعلیم حأصل کرٕنی چھےٚ پرٛتھ مسلمان مردس تہٕ زنانہِ پیٹھ فرض، بامے تعلیم حأصل کرنہٕ باپتھ چین تہِ پیٚیہِ تنو گژھن۔ آزاد تہِ چھُ اتھ تصوٗرس شعرکۍ جامہٕ وٗلتھ ییمہِ آیہِ ورٛژھناوان۔

علم چھےٚ حکمِ خدا علم چھےٚ حکمِ رسولؐ

چین پیٚیی یوٚدٕ گژھن علم پرٕنے توٗرۍ لار

آزادس چھُ پننہِ پتھ کالُک عرفان تہٕ فخرتہِ۔ عام بوزن والین چھُ امہِ آگہی تہٕ نوٚ پیٚیہِ ستیٚ تعلق تھاون وألِس نٔسلس تتھ عرفانس ستیٚ یتھہٕ پأٹھۍ زأنی یاب کران۔

تازٕ کرٕوٗن دِل دِماغ اوس یہِ میون پوشہِ باغ

اَز بہٕ وُچھان چھُس ژٕ وپأرۍ گُل چھِ کمے زیادٕ خار

پاو ژٕتس پأدٕ کرۍ کتیٚ ییٚمی گلشنن

اہلِ قلم پوختہٕ کار صاحب دِل تاجدار

آزادس اوس سخت تاشوق زِ کأشر قوم گوٚژھ تألیمہِ ستیٚ منورسپدُن۔ سُہ چھُ پھرۍ پھرۍ لوکٹین کیو بڈین علم حأصل کرنس پیٹھ زور دِوان۔ تِمس اوس کأشرین ہنٛزِ بےبسی تہٕ مجبوٗری ہُند تہِ احساس۔ تمیک اظہار کران چھُ لکھان۔

یار اگر زانہٕ ہن علم تےٚ علمُک وقار

میون وطن آسہے پوشہِ ونن ہُند بہار

لولہِ پننے کھولہِ ہا ساسہٕ بٔدی مدرسا
چھُم نہٕ محل، چھُم نہٕ دیار چھُم نہٕ پننہٕ اختیار

آزاد چھُ یتھ کتھہِ پیٹھ سخٹھاہ افسوس کران زِ میأنس تتھ وبقارہٕ بٔرتس قومس کیاہ سپد یُس علم وادبُک، صنعت وحرفتُک گھوارہِ اوس۔ یوٚت دوٗر درازٕ مُلکو پیٹھہٕ لُوکھ ہیٚچھنہِ یوان اَسی۔ ییٚتہِ بڈٕ بڈٕ فلسفی یو، مفکرو، عالمو، دأنشورو، ریشو، ادیبو تہٕ شاعرو زنم لوٚب تہٕ پننہِ پننہِ علمُک تہٕ عرفانُک مس بأگروو۔ تتھ زرخیزی کیاہ گوٚو یوسہٕ پردبن تہٕ پننہٕ سگناوان اَس۔ سخٹھاہ مایوس گژھِتھ لبجس منز چھُ پننہِ اوٚندرٕ وٕنچ باوتھ کران۔

یوٚت ستم کیاز گوو قوم پتھر کیاز پیوو
شوق نہٕ تألیمہِ ہُند موردٕ گمتی زِ ندٕ یار

نظمہِ ہندِس اَخرس پیٹھ چھُ آزاد صاحبِ حیثیت لوکن تہٕ ادب نواز دوستن بلا مذہب ورنگ ونسل چندہٕ دِنہٕ باپتھ گذٲرِش کران تاکہِ سکولُک ماحول تہٕ تألیمی معیار ییہِ بہتر سے بہتر بناونچ کوشش کرنہٕ یُتھ بچن ہُند آیندٕ کال بنہِ روشن تر۔

چندٕ دِنگھ کیاہ چھُ غم جان کرو أسی نثار
تیوٚت زِ یُتھ خوش گژھن انجمنکی نامدار

●

# زِشاعر: اکھ نظر: زٕ زاوِیہِ

مجروح رشید

یہِ جلسہٕ گہہ چھُ تہٕ وُچھ گأمی گام آوٕسمتھ
دِلعرٕ پونشہِ یہِ کیاہ چھُکھ بے معنہِ شعر پران
بہتھ کٔشیرِ اندر چھُکھ وَنان امریکا
قدیم آیہِ پھِرن نالہٕ چھے جدیدمہٕ بن

(راہی)

کلہم جدید کأشرِ شاعری متعلق چھِ عام طور کأشر ادب پرن والی تِتھے ردِ عمل ہاوان ییُتھ زن ہیرِ کنہِ درج شعرن منز بظأہر ووتلان چھُ۔ حتیٰ کہ پزر چھُ یہِ زِ ''سون گام'' نظمہِ ہِنٛدی یم أخری شعر چھِ موٗلہٕ کنٛز (نظمہِ ہُنٛد کلہم طنزیہ فضا زیرِ نظر أنتھ) اکھ احتجاج۔ احتجاج تِمن فرسودٕ مولن خلاف یمن جدید شاعر ہٕندٕ بن احساسن مولوٗنچ توژھ چھِنہٕ۔ مذکوٗرٕ شعرس منز چھُ شاعر تِمن ''سخن شناسن'' تنبیہ کران یم شاعر سُنٛد منفرد شعر تجربہٕ سرنہٕ بجایہِ تِمٕس نِشہِ تہِ کینژھا بوزُن چھِ یژھان یہِ نہٕ شاعرس اہم چھُ باسان۔ شاعر چھُ امہِ قسمہٕ کِمن بوزنٛ والین تہٕ پرن والین یہِ کتھ فکرِ تارٕنی یژھان زِ شاعرٕ سٕنٛز کأم چھِنہٕ نعرٕ بأزی کرٕنی بلکہ ''بے معنہِ'' شعر وَنٛنی۔

شفیع شوق تہٕ گلشن مجید چھِ سأنی ہم کال شاعر یم فکری تہٕ ہیٔتی اعتبارٕ

سانہٕ جدیدہ شاعری ہنٛدی نمائنٛدٕ چھِ۔ یِم چھِ دونوے پتٕ موثر ہو (۳۰) وُری یو
پٹھہٕ لگاتار پاٹھی لیکھان۔ مگر بدقسمتی کنہٕ موزنہٕ یِہنٛز شاعریہ وُنتام کانٛسی۔
یِہنٛدِس تخلیقی سفرس سام ہوان چھُ احساس سپدان زِ یِہنٛز شعری آوازٕ آیہ کھوٚرِ
دَرِچہ نظریاتی تحریکہٕ ہنٛدِس سایَس تل بارسس مگر یِہنٛزن شعری شخصیژن ہنٛز
پہچان تہٕ شناخت پٔز تھے یہٕ پزنہٕ پاٹھی تتھ وقتس دوران یِیلہِ جدیدیژ ہُند سِکہٕ
اوس چلان۔ اَتھ دورس منٛز آسی شاعر تہٕ ادیب اَمہٕ رُجحانہٕ نِشہِ متاثر آسُن یا
اَتھ رُجحانس کُن راغب روزُن پننہِ خاطرٕ لازمی کتھ زانان۔ ستم ظریفی چھےٚ
یہٕ زِ اکثر شاعر تہٕ ادیب آسی نہٕ جدیدیژ ہنٛدِ موٗلہٕ مدعا نِشہِ وٲقفے۔ جدیدیژ
ہنٛدِ حوالہٕ کتھ کران چھےٚ اَکس دون کتھن ہنٛز وضاحت کرٕنی ضروری تِکیازِ
کاشرِ زبانی منٛز چھنہٕ تتھن لکھن والین ہنٛز کانٛہہ کمی یِمن اَتھ رُجحانس متعلق
پننہِ کینٛہہ تحفظات چھِ۔ بہٕ چھُس نہٕ جدیدیژ ہُند کانٛہہ طرف دار تہٕ نہٕ چھُس
اَمیُچ وکالت تمہِ ساعتہٕ یژھان کرٕنۍ یِیلہِ یہٕ وونی پرانیمژ چھےٚ تہٕ یِیلہِ نٔوی نٔوی
تصورتہٕ بارسس چھِ آمتی۔ تہِ گٔرتھ تہِ چھُ کتھِ واش کڈُن ضروری۔

گوڈنیچ کتھ چھےٚ یہٕ زِ جدیدیت آیہ نوٚتنقید کِہ (new criticism)
توسلہٕ بارسس تہٕ اَمیک موٗلہٕ مدعا اوس فن پارٕ اکھ خودکفیل تہٕ خودمختار وجوٗد زٲنی تھٲے
پرکھاوُن۔ شعر یا نظم پرکھاونہٕ وِزِ شاعرٕ سٕنٛز ذاتی زندگی، تٔمۍ سُند اوند پوٚک تہٕ
تمدنی پوٚت منظر اوک طرف ترٲوِتھ فن پارٕکس خودکفیل تہٕ خودمختار وجوٗدس
(گرتس (structure) منٛز اٲژِتھ تتھ منٛز ووتلن وول تجربہٕ دریافت کرُن۔ نٔوی
تنقیدن دیُت یتھ کتھِ پٹھ تہٕ زور زِ فن پارٕ گژھہِ معنوی سطحس پٹھ اوک

پاسے آسنہٕ بجایہِ پاسل آسُن۔ دوٚیِم اہم کتھ اَس یہِ زِ فن کار گژھِ کارگر باوٕژ ہٕندِ خاطرٕ اسطورُک تہٕ پزنہٕ پاٹھی ورتاوکرُن تہٕ پرانین اسطورن گژھِ نوٚبن معنی ین منز ورتاوُن۔

کأشرِس منز آیہِ جدیدیت تہٕ جدید حسبا گۍ اکُے چیز مانِنہٕ۔ مگر پزر چھُ یہِ زِ یِم دٕ شوے یعنی جدیدیت تہٕ جدید حسبا گۍ چھِ اَکس اکھ نکھہٕ آسنہٕ باوجوٗد زبیوٚن بیوٚن حقیقژ۔ جدیدیت اَس اکھ ادبی رٕوی یہِ تہٕ جدید حسبا گۍ چھےٚ جدید دورٕ چِن حقیقژن ہُند عرفان تہٕ اِدراک۔ کأشر اَدب پرن وألۍ چھِ عموماً کُنہِ منز وٕ پدن وألس تجربس تہٕ تمہِ نظمہِ ہٕندِس شاعرٕ سٕنز ذأتی زندگی درمیان اکھ باہمی ربط ژھانڈنچ کوشش کران۔ یہِ طریق کار چھُ سراسر غأر ادبی۔ شاعرٕ سٕنز ذات چھےٚ اکھ حقیقت تہٕ تمہٕ سٕنز شاعرانہٕ شخصیت بیا کھ۔ عأنِ ممکن چھُ زِ کانٛہہ شاعر آسہِ ذأتی زندگی منز سیٹھاہے حدس تام بدخاہ، رشوت خور، بے ایمان تہٕ بیٚیہٕ تہِ کیاہ کیاہ مگر سِتی ہیکہِ پاسہٕ فنکار تہٕ اَستھ۔ یا تِتھےٚ پاٹھی آسہِ کانٛہہ شخص ذأتی سوٚتھرِس پیٹھ انتہایی حدس تام نیک سیرت، ایماندار تہٕ فرض شناس مگر تخلیقی سوٚتھرِس پیٹھ آسبس نہٕ شعروٕنچ شونڈ تتھ کیاہ گرِی زِ۔ یہِ بحث یوٚدوٚے سیٹھاہے عأمیانہٕ چھُ مگر کأشرِ زبأنی منز چھِ یمن کتھن دل دِیُن وٗنہٕ تہِ ضروری تکیاز زِ وارِیاہ لوٗکھ چھِنہٕ وٗنہٕ تہِ مذکوٗرٕ دون حقیقژن تسلیم کرنہٕ خأطرٕ تیار۔ بہرحال اَسہِ پزِ مانُن زِ شاعرٕ سٕنز ذأتی زندگی تہٕ تمہٕ سٕندِس فنس منز چھُنہٕ باہمی ربط آسُن ضروری۔ ذأتی طور یژھِ ہابہٕ تہِ زِ شاعر گوٚژھ پننہِ ذأتی زندگی منز تہِ تِتھےٚ پأٹھی پرزلُن یِتھہٕ پأٹھی سُہ پننِس فنس منز پرزلان چھُ۔

جدیدیٛژ ہُند موٗلہٕ مدعا یہِ زَن گوڈے عرض آو کرنہٕ اوس یہِ زِ شعر پرکھاونہٕ وِزِ گژھہِ شاعرٕ ہنٛزِ ذاتٕژ بجایہِ تخلیقی تجربہ زیرِ نظر روزُن۔ جدیدیٛژ ہنٛدبو علمبر دارو وۄن اَمی زِ شعر تجربہ چھُنہٕ کانٛہہ پاٛغام دِوان بلکہ چھُ یہِ لفظن ہُند اکھ تیٚتھ گرت پیش کران یُس محض پننہِ وجوٗدٕ کنی اہم چھُ۔ فن پاژُک یہِ گرت چھُ تیٚلی بارسس ہیٚکان یِتھ ییٚلہِ شاعر شخصیژ نِشہِ انحراف کٔرِتھ غاشخصی باوٕژ ہنٛد بن وسیلن وۄن ہیٚکہِ دِتھ۔

کاشِرِ شاعرگےٚ نہٕ( کینٛہہ ناواوٚک طرف ترٲوِتھ ییٚمن منٛز گلشن مجید تہٕ شفیع شوق بیترِ بیترِ شامل چھِ ) جدیدیٛژ ہنٛدِس ادبی رۄیہ یس پوٗرٕ پاٛٹھی أنزی منٛزی ۔ لہٰذا یہِ کینٛژ ہاتمو جدیدآسنہٕ کِس امارس تہٕ شوقس منٛز لیوٚکھ نہٕ بنیو سُہ ادبے تہٕ نہٕ اوس تتھ جدید ادبی رٔوِ یس ستی کانٛہہ واٹھ۔ تنہأیی ، اجنبیت تہٕ مویوسی ہِوی عامیانہٕ موضوع نظمانہٕ ستی ہیوٚک نہٕ کہنی وُنستام جدید فنکار بٔنِتھ۔

شفیع شوق تہٕ گلشن مجید ہِو بٕن شاعرن ہُند ادبی رٔوِ یہِ چھُ جدا گانہٕ تہٕ سرتاز۔ ییٚم دوٚنوے چھِ تِہُنٛدِ شعرن تہٕ تخلیقن ہنٛدی خالق یِہنٛدی وجوٗد خود مختار تہٕ خود کفیل چھِ۔ شفیع شوق چھُ أکِس حدس تام روایژن نکھہٕ روزان مگر گلشن مجید چھُ روایژِ نِشہِ مکمل پاٛٹھی انحراف کران۔ شفیع شوق چھُ روایژ سام ہوان تہٕ خالے کانٛہہ تصور تہٕ باوٕت چھُس لگہار باسان۔ گلشن مجیدس چھِ پرأنی ساری ہتھیار مونڈٕ ییٚتی باسان۔

اَمہِ کتھہِ ہنٛزِ وضاحت ہیٚکہِ ییٚمن شاعرن ہنٛزن شعرٕ زبانن ہنٛز وبژھنے کرنہٕ ستی سپدِتھ۔ شفیع شوقنہِ زبان چھےٚ عام دوہ دِنچہ زبأنی قریب۔

صوتی آہنگہٕ بجایہ چھ کیفیژن ہندِس آہنگس پٹھ زور۔ پیکرس چھےٚ ژٕر اہمیت۔ استعارٕ نشہٕ بظاہر انحراف تہٕ اسطور سازی ہُند منہ کو نچھ ہاوس۔ گلشن مجیدس مقابلہٕ چھےٚ اُمی ہنز شعری زبان محتاط۔ گلشن مجیدٕنی زبان چھےٚ عام زبان آسنہٕ باوجوٗد غاٗر مونوس تہٕ حدٕ روٚس استعارٕ آتی۔ پیکر چھُ گوڈنچہٕ نظرِ منز محض خوش کرُون پیکرٕ ے یوت باسان مگر رٕ ژھ کھنڈ گژھتھ چھِ یم پیکر استعارٕ آسنگ شدید احساس پاٗدٕ کران۔ پرن والین ہیکہٕ اُمی ہنز زبان ''غاٗر محتاط'' تہٕ ''غاٗر محفوظ'' تہٕ باسِتھ۔ مےٚ چھُ گلشن مجیدُن شاعرانہٕ وجوٗد تٔمی ہندِس اُتھی وبو ہارس منز درینٹھی یوان۔ گلشن مجید تہٕ شفیع شوق چھِ تہٕ باوان یہٕ تم وُچھان چھِ۔ یم دونوے چھِ تجربس تہٕ مشاہدس پننہٕ شعرٕچ بساط بناوان۔

تہٕ پتہٕ

گُلی گوڈن ہنزٕ جایہِ کھوڈٕ ے یاٗتی پتھ کُن

شیہلنی لد کولہِ منز نہ کُنہ کنہِ پلس ژوٚل تہِ

لُکن خوشک کنہٕن ہُند کا ژکھ لیٚوی لیوی

زسمہٕ پچھمٕژ

○ نظم (نیب) شفیع شوق

سُہ پاٗ تھرتہِ موکلیوو تہٕ ماگن ژھوکیومُت

نہ واہ واہ نہ ہے ہے

شُر ہٕن ہنزٕ پھلے نہٕ نہ وورسُک سُہ وِسنے

زِ ژھٕن ہنزٕ نہٕ اُہی

نہ تم سوٗر بشتنگ ربہٕ گاڑ ڈلگنی

○ نظم (ماگن) شفیع شوق

پشہِ کِمن دون کوٗنن منٛز رٕ زِپٹھ
لچھِ پھرِ چھوٗلمُت کِچھِ..... دستار..... یا
تن تاپناوان میانہِ وجوٗدِچ ضامن
ژھاے

○ نظم (میانہِ وجوٗدِچ ضامن ژھاے) گلشن مجید

شفیع شوق ہنٛز تازٕ ترین نظمہٕ پرِتھ چھُ محسوس سپدان زِیمن نظمن چھُ شاعری ہنٛدِس تتھ قبیلس سٗتی واٹھ ییتھ رین سمٕ (physical poetry) ونان چھِ۔ امِہٕ قسمہٕ چہِ شاعری منٛز چھُنہٕ عموماً خیالاتن ہُنٛد شاعرانہٕ اظہار درینٛٹھی گژھان بلکہ چھُ چیز پننہِ (thingness) منٛز پیش سپدان۔ مطلب یہِ زِ امہِ قسمہٕ چن نظمن منٛز چھُ idea بجایہِ پیکرس ژٕ راہمیت۔ یعنے شعرک سورُے زُو زہتہٕ چھُ پیکرے آسان۔ شوق چھُ یژٕ پاٹھی پننین نظمن منٛز تتھی منظر وتلاوان یمن عام تہٕ دوہ دنچہِ زندگی سٗتی واٹھ چھُ۔ مگر یہِ کتھ تہِ چھےٚ اہم زِ سُہ چھُنہٕ یمن کانٛہہ معنہِ پُشراوان بلکہ چھُ تمن تہنٛز خودمختاری ہتھ پیش کران۔

مفلر کلہٕ پیٹھی کھارِتھ ییتھ ننگہٕ تالہِ چھےٚ ژھٹھ پوران..... تہٕ
کُلی گو گرنہبر آو نیرتھ بیارِبو کُت اکھ ڈیشتھ
کاغذ تلماہ، داوِ لی گیرس سٗتی نژان..... تہٕ
سنگرووٕ ژھمٕژ یخہِ رکھٕ گو پھ منٛز انہِ گٹہِ وٕٹھان آ کارلبان..... تہٕ

○ نظم (شام تہٕ کُنہ زٕنی کوٗرتہٕ بنڈ)

یاتہٕ اکھ خاب مۆ دُریاتہٕ براندٕچ گِنڑ اکھ...... یا
ارونِس دڑ منہٕ بٹھِس تاپھ زرد ڈلہٕ وُن ہیوٗ...... یا
یاتہٕ پوٚت گرشمہٕ ژھتھ وِیر چھےٚ باٹھس تھاوِتھ...... یا

O نظم ( دڑ منہٕ بوٚ ٹھ تہٕ ڈلہٕ وُن تاپھ )

گلشن مجید نِہ نظمہٕ چھےٚ وار یاہس حدس تام اظہارٕ رٔنگی شاعری ہندِس
اُتھی قبیلس سیتی تعلق تھوان تہِ کُرتھ تہِ چھےٚ یمن دون شاعرن درمیان اکھ
واضح فرق۔ شوٚق چھُ غارٔ شخصی رٔوی یہِ پانناونہٕ باوجوٗد شعری تجربس زانتھ
مانتھ personalise کران تہٕ گلشن مجید چھُ پننہٕ ذاژ کاپہٕ رٔٹتھ شعری تجربس
مکمل پأٹھی غارٔ شخصی بناوان۔ گلشن مجیدنٮ۪ن نظمن منز چھُ اختصار تہٕ ایجاز پرتھ
قدس پیٹھ نظرِ گژھان۔ اُمی سٕنزن نظمن منز چھُ بیک وقت سنگتراشی تہٕ مصوری
ہندی عنصر تہِ درینٹھی گژھان۔ شوق تہٕ گلشن مجید دونوے چھِ شعوری طور لفظو
ذری یہِ سہ رقص ووتلاوان یتھ متعلق ایذرا پاونڈن ووٚنمُت اوس:

"A dance of the intelligence among words and ideas and modification of ideas and characters."

یہِ مخصوص رقص چھ دونوٗنی شاعرن ہنزن کینژن نظمن منز شدتہٕ سان ووتلان۔
یمن نظمن منز چھےٚ شوٚق سٕنز نظمہٕ مسافرتہٕ جاناور، آزادی، بے منزل سفرٕک
ناگہان انجام، نیب، درمنہٕ بوٚ ٹھ تہٕ ڈلہٕ وُن تاپھ تہٕ گلشن مجیدن واو، میانہٕ
وجوٗدٕچ ضامِن ژھاے، قاضی برہان الدّین کرمانی سٕنز ( سرگذشت ) اکھ
نظم تہٕ سمے ہِشہٕ نظمہٕ شامل۔

گلشن مجید تہٕ شفیع شوق دٕنوے چھِ زندگی ہٕنز بے معنوئژٕ ستی نبردآزما۔
شوق چھُ زندگی ہٕنزِ بے معنوئژٕ معنہِ دِنکی جتن کران۔ گاہے جنسی لمحن ہٕنزِ آسودگی
ستی تہٕ گاہے دوٚیموٚ لمحاتی مسرژٕ ستی۔

خموش پاٹھی ژٕکس گن بے شونک سون وساد
رُمس رُمس وُزان اُسی زنتہٕ کوشر ناگ
وزان دور کتھن تام اوس سورنیہِ سوز
یہِ سوز اوس شُہنس تندلہٕ تندلہٕ زالان ژٲنگی
خموش پاٹھی ژٕکس گن بے شونک سون وساد

○ نظم (آزادی)

نوٚو قدم نوٚو ژیُہہ بے پڑھ
دون کھورن جاے زُونچ برانتھ اکھ
تتی مہ
خطراتن بلاین، ہندی سکوٗنکی اَلی کھوٚتی

○ نظم (بے منزل سفرک ناگہاں انجام)

شوق صابس مقابلہٕ چھُ گلشن مجید زندگی ہٕنز بے معنویت پنٕن مقدر زٲنتھ تسلیم
کران۔ سُہ چھُنہٕ اتھ کانہہ معنہِ دِنک تلاش کران بلکہ چھُ یہِ بے معنویت
شدُ ژسان وٕ تلاونچ کوشش کران۔

میون آسُن
وُہوِنی منقل؟ اَنہٕ پربو یا......

تہٕ ژٕ

میانہِ گوٲہی ہُنٛد مرہون

سیاہ سمندر کس سیٚکۍ لِس پٮ۪ٹھ

تخیل کِس آرٕ پلس پٮ۪ٹھ فقرو چھٕژ رومُت گُن لول

○ نظم (میانہِ وجوٗدٕچ ضامن ژھاے)

سمے چھُ

دارِ ہنٛدِس فریمس اویزان موسم

پوٚت شامُک

جانور

وورسہٕ گرٕ یکہِ منٛز ماجہِ کَڑہِ تل ژھٮ۪نہٕ گومُت گُن گوٚبُر

○ نظم (سمے)

شوق سٕنزن نظمن منٛز چھُ طنز ژھٮ۪پتھ ییٚلہِ زن گلشن مجیدنٕن نظمن منٛز طنز تجربک ماحصل چھُ آسان۔ پوٚز شاعر ہیٚکیا أزی کِس زمانس منٛز طنزیہ لہجہ ورأے بیٚیہ کانٛہہ تخلیقی وَتھ اِختیار کٔرِتھ؟ شاید نہٕ۔ طنزیہ شاعری ہیٚکہِ أزی کہِ زمانٕچ مستند شاعری أستھ۔ اَمہِ حوالہٕ چھُ گلشن مجیدنٕی قاضی برہان الدین کرمانی سٕنٛز سرگذشت نظم اکھ شاہکار۔ نظمہِ ہُنٛد ہوانوا چھُ پرن وألی سٕنٛدِس ذہنی تہٕ روحانی نظامس چھلہٕ چھانگر کران۔ شاعر چھُ پرن وألِس أکِس تِتھِس کردار سٕنٛدِ توسلہٕ زندگی تعارُف کرناوان، یُمِس سارٕے کاینات أکِس مألہٕ باژھس منٛز گٔنڈِتھ چھےٚ باسان نظمہِ منٛز ورتاونہٕ آمٕژ باوٕژ چھِ جدٕ ژ تہٕ تخلیقی قوژ ہنٛدی

أنہٕ۔ فارسی فقرن ہندی برمحل ورتاوَن چھُ طنزیہ لہجہ انتہاہس واتناونس منز اہم رول اَدا کوٚرمُت۔ sublime تہٕ ridicule چھُ أکِس مأرِ مُندی اظہارس زنم دِوان، یُس کأشرِ شأعری ہُند خأطرٕ بالکل نوٚو چھُ۔

قاضی برہان الدین کرمانی

جاودانی

کأنز آب کہ گاشہِ مُژ ربن

چشمِ بینا

دودریچہِ ہنز کھربہٕ

ڈیوٚ نٹھُن

مأ لہٕ پأ زِ ھس منز گنڈِتھ کُل کاینات

○

گلشن مجید تہٕ شفیع شوق چھِ وجوٗدی شأعر تہٕ تہُند وجوٗدی فکر چھُ سیکیولر۔

یِمن شأعرن ہنزِ شأعری ہنز شناخت چھےٚ باوژ ہندی نٔوی تجربہٕ۔ یِم شأعر چھِ مخصوص کیفیژن اکہِ مخصوص واقعأتی اظہارٕ ژٕسی تیٚتھ گرت دِوان زِ تجربہٕ یا واقعہ چھُ دأخلی آسنہٕ باوجوٗد تلازمن ہندِ مدتہٕ ستۍ ڈرامأیی بنان۔ واقعہ یا تجربہٕ چھُ وارٕ وارٕ پرتھان تہٕ اکہِ نبرل تخلیقی تجربٕچ صورت پراوان۔ یِم نظمہٕ چھِ شأعرٕ سٕندی تجربہٕ آسنہٕ باوجوٗد مختلف کردارن ہندی عمل تہٕ ردِ عمل ہاوان۔ یِمن نظمن منز چھِ romantic exuberance کم تہٕ visual concreteness زیادٕ۔ یِمن نظمن ہیکہِ نہٕ کُنہٕ مشأعرس منز داد میلتھ تہٕ نہ ہیکہِ کانٛہہ پرن وول

یہنٛدِس ہرتَرس محض اکہِ پھِرِ پرنہٕ ستی بدس أنتھ ۔ تعصب اوٚک طرف ترأوِتھ چھےٚ یِمن نظمن سام ہیٚنٛز ضرورت تِکیازِ یِمہٕ چھےٚ پرن وألِس سُنٛد ذأیقہٕ بدلاوُن یژھان۔

گلشن مجید تہٕ شفیع شوق دونوے چھِ گسہٕ آمژِ زبأنۍ ، استعارن تہٕ باوتھن نفرت کران۔ یِم دونوے چھِنہٕ کانٛہہ خیال نظماوان بلکہ چھِ بدمحس کاپہٕ أنتھ تہٕ اکھ کیفیت ووتلأوِتھ پننہٕ وجوٗدُک تہٕ شخصیژِ ہُنٛد اِثبات کران۔ یِہنٛز نظمہٕ چھِنہٕ صوتی آہنگس پیٹھ ڈٔرِتھ بلکہ چھےٚ یِہنٛز حیثیت لفظہٕ مورژن verbal icons یا خاموش تصویرن ہنٛز۔



